




# انہار

وٕری ـــــ ۱۹۹۲ء

گوڈنیُک چھاپ ـــــ اکھ ساس

خطاط تہٕ تزئین ـــــ مِعراج تُرکوی

موٗل ـــــ ۱۰۰ روپیہ

شالیمار آرٹ پریس سرینگر

شعبہٕ کشمیری، کشیٖر یونیورسٹی، حضرتبل، سرینگر



# ترتیب

# پیش لفظ

انہارُک زیرِ نظر شمارٕ چھُ تمن تحقیقی مقالن پیٹھ مُشتمل یم کاشر شعبکہ طرفہ منعقد سیمنارس "مُختلف زبانن منز نعتیہ ادب" عنوانس تحت سیمنارس منز فاضل مقالہ نگارو پرِی۔ اَلحمدُ لِلّٰہ کاشرِس شعبس سپز "انہارُک" یہِ خاص شمارٕ شایع کرنچ سعادت حاصل۔ یمہِ خاص شمارُک بُنیادی موضوٗع چھُ آنحضورؐ ہنز نعت گوئی تہٕ اَمہِ موضوٗعُک تعارُف چھُ سُہ استقبالی خطبہٕ یُس نعت گوئی ہندِس پوٚت منظرس ژھوچرِ سان مگر مکمل پأٹھۍ باوتھ کران چھُ۔

شایدے آسہِ دُنیہچ کانہہ زبان یتھ منز نہٕ شاعری یا نثرس منز نعت وتہٕ یا لیکھنہٕ آسہِ آمٕژ۔ یہِ چھےٚ واحد ادبی صنف یمکِس ابتداہس تہٕ معنہٕ مفہوٗمس متعلق نہٕ کانٛسہِ تہٕ تنقید نگارس تحقیقی ژھانڈ دِنۍ پییہ۔ تکیازِ یمی باری تعالیٰ ہٕنز آنحضور صلی اللہ علیہ وسلم تمام عالمن ہندِ

باپتھ رحمت بناوِتھ سوزی سُہ خُدایہ برتر چھُ تہُند گوڈنیُک نعت خوان بنان۔ وما ارسلنٰک الا رحمۃ للعالمین ٥

یُوت یُوت وقت گذران گژھِ نعت خالی ہُند احساس تہٕ ضرورت گژھِ تیُوت تیُوت گنان، ہکیازِ یتھ احسان اُمی شفیق تہٕ عظیم ترین انسان کُلہم انسانی یتس کرِ متہٕ چھِ تمِ نظرِ تل اُنتھ ہکوٗ نہٕ ساری انسانی تواریخہٕ منز کانہہ فرد یا کانہہ جماژ ہُند مقابلس منز ناوِ ہیتھ۔ محمدؐ چھُ تمہِ روحانی، فکری کیو عملی انقلابُک ناو یمکہِ برکتہٕ آدم ذاتھ وہمن جہالژن تہٕ بدعملی ینِ ہندِ انہٕ گٹہِ نشہِ نجات نیتھ آگہی علم تہٕ نیک کرداری ہندِس نیہٕ ناوس منز داخل سپز۔ یہ چھُ سُہ نب اند تہٕ بنے وزت سوٗدریمہِ نشہِ عظیم انسانو رنگہٕ رنگہٕ تزلیش ہوٗمرآو۔ یہ چھُ سُہ معنہٕ سوو رمز یتھ باوتھ کرِ کرِ تہٕ تسلاہ بخش باوتھ سپدان چھِنہٕ۔ بقولِ غالب ؎

غالب ثنائے خواجہ بہ یزداں گذاشتیم
کاں ذاتِ پاک مرتبہ دانِ محمدؐ است

آنحضورؐ چھِ پرٛتھ اکِس شخصس ہٕنٛد باپتھ ہادیٔ برحق
تہٕ یُوہے رہبرِ صادق ہیٚچھنا وِ مادی مفادن
پتھ پھلواہ گامتین پرستارن زِ عقلی کیتھ پاٹھۍ
ہیٚکہٕ ہونٛاکھ اقدامو بجایہِ خاطر برکتُک ذریعہ بنتھ تہٕ ابتلاہک
ننزِ ہینہٕ آمتین لوکن تہٕ ہیٚکہِ یُوہے عظیم ترین
مُفکر دانشمندی تہٕ علم پروری ہنٛد نوٗر عطا کٔرِتھ،
یُس کُنہِ شکہ شبہٕ ورٲے تہنٛدِ باپتھ مشعلِ راہ بنہِ۔
اللہ تعالیٰ دِین اسہِ سارنی توفیق تہٕ لبیک کرنُک
یہ تمی قرآن وحدیث زنگہٕ اسہِ تام واتنو۔

آمین

آیۂ کائنات کا معنیٔ دیر یاب تو
نکلے تیری تلاش میں قافلہ ہائے رنگ و بو

قاضی ظہور
ایڈیٹر

# خطبۂ استقبالیہ

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم

نحمدہٗ و نصلی علیٰ رسولہ الکریم

وفی نعتہٖ

بلغ العلیٰ بکمالہٖ کشف الدجیٰ بجمالہٖ

حسنت جمیع خصالہٖ صلوا علیہ و آلہٖ

حق تعالیٰ پیکرِ ما آفرید — وز رسالت در تنِ ما جان دمید

از رسالت در جہان تکوینِ ما — از رسالت دینِ ما آئینِ ما

از رسالت صد ہزار ما یک است — جزوِ ما از جزوِ ما لاینفک است

از رسالت ہمنوا گشتیم ما — ہم نفس ہم مدعا گشتیم ما!

معنیٔ حرفم کُنی تحقیق اگر — بنگری با دیدۂ تصدیق اگر

قوتِ قلب و جگر گردد نبیؐ — از خدا محبوب تر گردد نبیؐ



محمدؐ کی غلامی ہے سند آزاد ہونے کی — خدا کے دامنِ توحید میں آباد ہونے کی

محمدؐ کی غلامی دینِ حق کی شرطِ اول ہے — اسی میں ہو اگر خامی تو سب کچھ نامکمل ہے

قابلِ قدر وائس چانسلر صاحب، ذی عزت پروفیسر صاحبان تہِ علم دوست خواتین و حضرات۔

السلام علیکم

آکس خاص الخاص روح پرور سیمنارس دس تلناونگ یہ اجلاس چھ واقعاً سانہ

خاطرٕ اکھ انتہأیی خوشی تہٕ خوش نصیبی ہُند موقعہ فراہم کران ۔ تکیازِ یمیُک پیشِ نظر موضوع چھُ تتھ شاہ بڈس پیغمبرس ؐ کُن منسوب یُس پننس شانس منز پانہٕ حق تعالیٰ لَولاکَ لَمَا خَلَقۡتُ الۡاَفۡلَاک فرمادان چھُ ۔ سانہِ ییمہِ سدا ہمہِ سالانہٕ سیمنارُک مُدعا چھُ اُمی ہیہ محبوبِ کبریا، خاتم الانبیا، حضرت محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وسلم سندہ پاکیزہ صوٗرتُک تہٕ تقدیر ساز سیرتُک جمالیاتی پرتو ہاون وول نعتیہ ادب یُس نہٕ پاکھ زیرِ بحث انُن نعتہٕ کِس ناوس پیٹھ کموٗ کموٗ صاحبِ دل شاعرو کتھ لافانی ادب پارہ چھِ کاشرِ علاوہ عربی، فارسی تہٕ اُردوٗ وس منز تہٕ وِز وِز بارسس اُنی متی ؟ یا تمو دِلنواز نعتیہ ادب پارو کتہٕ کوٗر چھُ واریاہن آوارہ دِماغن تہٕ پریشان دِلن صحت مند تبدیلی انِنس منز اکھ عارفانہٕ تہٕ حکیمانہٕ روٗل ادا کوٗرمُت ؟ از چھُ اَسہِ تی وُچھنہٕ خاطرٕ مختلف مشرقی زبانن ہنز مہارت تھوون والین اہلِ علمن تہٕ اہلِ قلمن باہم تبادلۂ خیال کرنُک دعوت دیتمُت ۔ اَسہِ چھےٚ وومید زِ تہندِ سنجیدہ تہٕ عالمانہٕ تبادلۂ خیال سِتۍ گژھہِ سوٗ کمی دوٗر یوسہٕ نعتس پیٹھ وُنتام سیٹھاہ کم کام سپدنہٕ کِنۍ محسوس کرنہٕ چھےٚ یوان ۔

عوامی سطحس پیٹھ اگرچہٕ نعتُک مفہوٗم صرف مدحِ رسولِ اکرم ؐ کرنس تام محدوٗد زانہٕ چھِ یوان ۔ مگر عالمانہٕ تہٕ دانشورانہٕ سطحس پیٹھ چھُ اَمیُک معنوی باڈو سیٹھاہ تہندار تہٕ وسیع تکیازِ اتھ سطحس پیٹھ چھُ نعت رسول شناسی تہٕ دین فہمی ہُند اکھ بااثر تہٕ مُستقل اِدارہ زانہٕ یوان ۔ سُہ اِدارہ یُس خُلفائے راشدین، حسان بن ثابت تہٕ کعب بن مالک ہیو برگزیدہ صحابہ صابو عہدِ رسالتس دورانے قائم چھُ کوٗرمُت ۔ سُہ اِدارہ ییمہِ گذشتہٕ ژوداہن شتن وٕریَن دوران ملی سطحس پیٹھ واریاہن ہندین دِلن سوزِ ایمان تہٕ واریاہن دَم بستہٕ ٹتی ین اِظہارُک اِطمینان مُیسر کوٗرمُت چھُ ۔ امہِ لحاظہٕ ہیکو کھنہٕ اَسی نعت لفظکو ساری پہلوٗ بیٚیہ کُنہِ زبأنی منز اِحاطہٕ بند کرِتھ مثلاً اگر اَسی انگریزی لوغاتہٕ کِس سطحس پیٹھ اپیتھٹ (EPITHAT) پریز (PRAISE) ٹری بیوٹ (TRIBUTE) ڈیووشن (DEVOTION) تہٕ ڈسکرپشن (DESCRIPTION) ہوی لفظ تہٕ یکجا کرو کھ توتہٕ باسہِ نعت وسیع تر ۔ البتہٕ پزِ نعت لفظکہ متشخص مفہوٗم پڑاوہٕ تہٕ بروٗنٹھِم یہِ پہلوٗ تہٕ زیرِ نظر انُن زِ لبطورِ اکھ صنف شاعری ورتاوس منز آسنہٕ

باوجود چھُ آنحضورؐ سُند موزوٗن ذکرِ خیر کرنُک یا تمن ستیٖ شرفِ ہمکلامی لبنُک اکھ مخصوٗص مقبوٗل تہٕ مُشخص وسیلہٕ زانہٕ برونٹھ نعت لفظ کالنہٕ تہٕ اسمِ شخصیہ ہنٛدِس تعریفس تہٕ توصیفس ونہٕ ادسُمت یوان۔ چنانچہ چھُ مولانا جامی ہیٛوٚ عظیم نعت گو شاعر تہٕ نعتُک صیغہٕ جمع یعنے "نعوت" نوٚمِہ صدی ہجری دوران عام تعریفن ہنٛدِس مفہوٗم سےٚ منز ورتاوان مثلاً یِیلہِ سُہ "لوایحِ جامی" ناوِچہِ کتابہِ منز حق تعالیٰ سٕنٛدِ حقیقتکی بانٛترِ مرتبہٕ زیرِ بحث انان تہٕ گوڈنیُک مرتبہٕ یمَن لفظن منز بیان کران چھُ:۔

" موجوٗدِ حقیقی یکے بیش نیست۔ امّا اورا مراتب است۔ اوّل مرتبۂ لاتعینّ، کہ مُنزّہ است از اضافتِ جمیعِ نعوت و صفات"

یا یِیلہِ مولانا جامی شاعری ہنٛدِس جوہرس خُدائی امانت نہ زانن والین ضمیر فروش شاعرن ستیٖ پننہٕ دلی نابرابری ہِتھ کنہٕ ظاہر کران چھُ: ؎

چیست شغلِ شاعرانِ تنسیقِ اوصاف و نعوت
دارد از آوای زاغان طوطیٔ طبعم ابا

سرکردہ عربی، فارسی، اردو تہٕ کاشرِین نعت گو حضراتن ہُند مطالعہ کرِتھ چھُ ننان زِ تلامذالرحمٰن قسمہٕ کین اخلاص مند شاعرن ہنٛز کُلہم شاعری خاص پاکھٕ تہنٛز نعت گوئی چھےٚ پاکیزہ دلن ہنٛز تمہٕ وُزنہٕ تہٕ بصیرت یاب اُچھن ہنٛز۔ تمہٕ نظرِ تھٕنہٕ ہیوان یتھ منز دُنیائی آغو بچایہ سہ آقاے نامدار تہٕ پیغمبرِ نازنین تمام حسینن ہُند سرتاج زانُنک اعتراف کرنہٕ چھُ یوان نہٕ ہےٚ تمام پاکبازن ہُند صاحبِ خراج مانُنک اعلان کرنہٕ چھُ یوان۔ یُس اخلاقِ عالیہ کنہٕ انسانِ کامل، تکمیلِ دی کنہٕ خاتم النبیین تہٕ سخی نوازشاتو کنہٕ رحمۃ للعالمین چھُ۔ آمی ہےٚ رسولِ محترم صلی اللہ علیہ وسلم ہنٛدِس پُرجمال خلقس تہٕ باکمال سیرتس چھُ پانہٕ حق تعالیٰ قرآنِ شریفچہِ شکلہِ منز خراجِ محبت پیش کران۔ بلکہ چھُ امی ہےٚ ٹاکھِس تہٕ آخری نبی یس نوٗرانی گرائن تہٕ بے سایہ نزاین لول برنہٕ ژنگو اللہ تعالیٰ ملایک ہتھ درود و سلام سوزنس منز خاص ربانی مسرت محسوس کران چنانچہ چھُ قرآنِ حکیم کین لافانی لفظن منز۔ اِنَّ اللهَ وَمَلٰٓئِكَتَهٗ يُصَلُّوْنَ عَلَى النَّبِيِّ وٚنتھ حق تعالیٰ پننہٕ امرِ قلبی کیفیتُک ٹاکارہ اعلان کران۔ بلکہ چھُ پننین ایماندار بندن امرِ ربانی مُسرتُک

بوگ لبناوٕ خاطرہ تِمن تہٕ درود وسلام کُس اَتھ دلنواز کارِ سعیدس منز شامل گژھنک تاکید کران تہٕ ونان "یا اَیُّھَا الَّذِیْنَ اٰمَنُوْ صَلُّوْ عَلَیْہِ وَاسَلِمُوْ تَسْلِیْمَا ہ" یعنے اے اہلِ ایمانو سوزان رُوزِو میانس اُمس ٹاٹھس رسولس پیٹھ تیتھ درود وسلام یُس اُہندِس انتہاپی شفیق تہٕ سراپا رحمت ذاتس شایانِ شان باسہِ۔ درود وسلام شایانِ شان پاٹھۍ سوزنک یہِ تاکید چھُ اکھ زبردست لمحۂ فکریہ پاَدہ کران۔ خاص کرِتھ درود حضورس تہٕ نعتس وجد آفرین بناون والین تِمن اہلِ ایمانن ہندِ خاطرہ یِمن آنحضورؐ ہندِ معراج بالجسدکی پاٹھۍ تہندِس حیاتِ جاودانس پیٹھ ترٛشے پرٛتھ چھنے پرٛتھ اَتھ کتھِ پیٹھ پرٛتھ چھکھ زِ

"اَلسَّلَامُ عَلَیْکَ اَیُّھَا النَّبِی" پرٛنہٕ رٕوس ہیکہِ نہٕ کانٛہہ نماز شرفِ قبولیت لبِتھ۔ اَتھ یقینس حاصلِ یقین زانن والین مولانا رومی، شیخ سعدی تہٕ مولانا جامی ہوین صاحب دلن ہندی پاٹھۍ چھُ علامہ اقبال تہٕ "بَل احیا" کس وسیع ترِ تناظرس منز نہٕ فقط آنحضورؐ حیات زانان بلکہ چھُ سُہ تِمن اُمتی بندِس دِلس منز گٔژھن واجنہٕ مختلف راہ پرزناون والِ خاص الخاص حیاتک ماُلک تہٕ زانان توٚے چھکھ یِمہٕ آیہٕ نادلایان:۔

ای فروغت صبح اعصار و دہور — چشم تو بینندہ ما فی الصدور

ہپارِ چھُ شایانِ شان پاٹھۍ درود وسلام سوزنک یہِ قرآنی تاکید بوٗزِتھ انسانی اظہار و بیانس اَکس نازک امتحانس منز تراوِتھ یِنگ باس تہٕ لگان۔ چنانچہ چھُ یوٗہے احساس بڈین خوش فکر دانشورن ہِنٛز آس ہزار بار عطرِ گلاب سٟتۍ چھلنہٕ باوجود آنحضورؐ سُند اسمِ پاک زیوِ پیٹھ ہیون اکھ کارِ دشوار باسہٕ ناوان۔ اَتھی مرحلس پیٹھ چھُ حیاتِ رسول اللہؐ تہٕ احساناتِ رسول اللہؐ پرزناون واَلس پرٛتھ تفرس خود کلامی تحت شاعرِ مشرقس سٟتۍ ہم آواز بنٕ ہیوان تہٕ پانس کُن وَنُن ہیوان زِ:۔

چون بنام مصطفےٰ خوانم درود — از خجالت آب مے گردد وجود

عشق مے گوید کہ اے محکومِ غیر — سینۂ تو از بتان مانندِ دیر

تا نداری از محمدؐ رنگ و بو! — از درودِ خود میالا نام او

بہ کرٛ یمن فارسی شعرن ہُند مفہوم تہٕ پیش۔ ونہٕ چھُ آمُت:۔

"ییلہِ بہٕ آقائے نامدار حضرت محمد مصطفےٰ صلی اللہ علیہ وسلم ہندِس نام پاکس بیٹھ درُودٕہ سوزُن چھُس ہیوان ۔ اَتی چھُم مےٚ وجوٗد خجالہٕ کِس عرقس منز غرق گژھن ہیوان ۔ یہ سوٚچھ زِ بہٕ کتھِس لاثانی شانہٕ بُڈِس آغس کیٛت خجل زدٕ تہٕ نابکار اُمتی چھُس ۔ بہٕ چھُس یتہٕ زانان ز درُود وسلام چھُ عشقِ رسولُک لازمی اظہار مگر اَتھ چھامیانہِ طرفہٕ مطلوبہٕ کردار ڈٮ۪کھس؟ ضمیرک یوٚہے سوال بوٗزِتھ چھُ مےٚ بێنہِ عقیدُک شعبہٕ عشق لٹہٕ ژٹِھتھ وَنُن ہیوان زِ بێنہِ زوال پذیر کردارہ سٟتی اسلامُک ناوٕ منٛدچھاوَن والیا زٕے پزِیا امہِ آیہٕ آنحضورؐ ہُند ناو ہیوٚن؟ ژٕہ چھُکھا تمن قابلِ قبوٗل درُود ڈالی پیش کرنس لایق بنیومُت؟ چون سینہٕ ہے عشقِ رسولٕک رٕشکِ ملایک مقام بنہٕ بجایہٕ ڈٕسہٕ پایہٕ بوالہوسی ہندِین پوٚتلین ہُند ٹھکانہٕ بنیومُت چھُ ۔ نابکارِیا نانا کرامہٕ رنگہٕ شرم پادٕہ زِیوٚت تامِ نہٕ ژٕ پننِس گفتارس تہٕ کردارس منز محمد عربیؐ سُند رنگ و بو پادٕہ کرِکھ توٚت تامِ چھُکھ نہٕ تمن یہ درود وسلام سوزان بلکہ چھُکھ ژٕہ غیر ذمہٕ دار، بے حیا نہٕ ناہنجار پاٹھی صریحاً تہُند نام پاک آلوٗدٕہ کرنُک اِرتکاب کران"۔

عظیم نعت گو شاعرن ہنز نظرِ منز چھُ انفرادی تہٕ ملّی سطحس پیٹھ پننِ گفتار وکردار شیرنُک یوٚہے تقاضہٕ نعت گوئی ہُند بنیادی تقاضہٕ بنان تکیازِ یوٚہے چھُ خُلقِ محمدیؐ یُک تہٕ شمع رسالتُک حقیقی پروانہٕ بناونُک ضامن ۔ نعتیہ سوز وگدازکہِ امہِ تقاضہٕ کی پاٹھی چھِ فنی شناختکہِ تقاضہٕ زٕ نگہٕ یہ کتھ تہٕ ذہن نشین کرُنی لازمی زِ نعت چھُنہٕ ہیتی لحاظہٕ کُنہِ خاص شعرہ ذاژ ہُند ناو ۔ بلکہ چھُ یہ ژٕکہِ اکہِ تتھ مختلف الاصناف موضوعُک ناو یُس شاعری ہندیو مختلف قالبو علاوہ نثرِکین مختلف مُقفیٰ تہٕ مسجع قالبن منز تہٕ بہار لبتھ چھُ ہیکان ۔ نعتیہ اظہارکِس کثیر الجہت موضوعس ہیکوٚا سہ اختصارہٕ حسان آنحضرتؐ ہندِس مثالی صورتس تہٕ سیرتس باوتھ کرنُک موضوع وَنِتھ ۔ اَتھ موضوعس چھِ نعت گو حضرات حسبِ توفیق تہٕ حسبِ استعداد مختلف فکری تہٕ فنی موج تُلِتھ ہیکان مثلاً لعضے چھِ تمہٕ آنحضورؐ ہندِس عشقس منز شایستہٕ دیوانگی ہندِ ین حدوٗدن اندر تمن عاشقانہٕ آلو دِتھ پننہِ ذاتی وٚآراگ تہٕ اُہنکو حارےثات تہٕ باوان ۔ لعضے چھِ تمہٕ تہندِ حیاتکو انقلاب پرور واقعات باوِتھ ناموسِ دینکِس تحفظس منز سرگرم روز مٕژ ن

غازیَن ہنزن شمشیرن کھے ژلناونگ سنز کران تہٕ بعضے چھِ تِمم آنحضورنٕ ہندِ لاثانی صوٗرتکہ تہٕ سیرتکہِ دلنواز مناظر نوٗ آیہ ہاوِتھ تبلیغی تہٕ اِصلاحی فرض انجام دِوان۔

اَتھی پسِ منظرس منز چھِ رِوایتی نعتو علاوٕہ مغازیُ النبی، معراج نامہٕ تہٕ شمائلِ شریف ہوی نعتیہ اظہارٕ تہٕ کاڈ کڈان۔ البتہٕ چھُ عشقِ رسولٕنک ذاتی اظہار بعضے نعت گوشاعرن تعزیکہِ جامہٕ ولناوِتھ ذاتی ویداکھن ہند تیُتھ مرزٕ تہٕ انان زِ تِم چھِ غرق دردمندی سیدِتھ ابتذالہ کین سرحدن کُن تہِ لاینہٕ یوان۔ مگر اَکِس حقیقی نعت گوشاعرس چھُ بہرحال تمہِ ادبُک لحاظ تھوٗن یوان یَتھ نشاندہی نہ فقط یہِ وَنِتھ کرنہٕ چھےٚ آمٕژ

ع "باخدا دیوانہ باش و با محمدؐ ہوشیار" بلکہ یمکہِ احتیاطُک ژینہٕ وَن یمہِ آیہ تہٕ دِنہٕ چھےٚ آمٕژ ؎

ادب گاہیست زیرِ آسمان از عرش نازک تر

نفس گم کردہ مے آید جُنیدؒ و بایزیدؒ اینجا

دُنیاہچ کانہہ اہم زبان چھےٚنہٕ یَتھ یَتھ منز نہٕ اکھ یا بیاکھ طریقہٕ نعتیہ اظہار پید مُت آسہِ کینژن خاص مشرقی زبانن ہندی پاٹھو چھُ کاشرِ زبانی اتھ معاملس منز اکھ امتیاز حاصل نہ فقط اَمہِ اتمانہٕ زاتھ اندر چھُ نعت گوئی ژوداہمہِ صدی پیٹھے حضرتِ علمدارِ کشیرِ ہوی عظیم دیندار شاعرن دس تلمُت یا اَتھ منز چھُ مسلمان شاعرو علاوٕہ غیر مسلم شاعرو تہٕ باضابطہٕ پاٹھو نعت لیکھنُک مظاہرٕ کوٚرمُت بلکہ اَمہِ لحاظہ تہٕ زِ کاشرِ زبانی چھُ نعتہٕکِس معاملس منز تہٕ بیَین اہم زبانن خاص پاٹھو فارسی تہٕ اردو زبانن منز ہنزِ نعت گوئی بھرپوٗر استفادٕہ کرنُک کوٗشش کوٚرمُت بہرحال نعت چھُ دراصل دینلہٕ ادبس منز دین و دنیاہُک عرفان تہٕ پرزٕلناون وول اکھ سُہ پرنوٗر اِدارٕ یُس انسانن ذہنی تہٕ اخلاقی تربیت کرنک اکھ مؤثر رول ادا کرنہٕ ژنگ تا ابد پننہ معنویت قایم تھوٗتھ ہیکہِ۔ اَسہِ چھُ نعتیہ ادبکِس روشن موضوعس پیٹھ اظہارِ خیال کرنہٕ خاطرٕ یِتھ سیمنارس منز واریاہن قابلِ رسائی یا سیمتین عالمن، ادیبن تہٕ دانشورن دعوت دِتمٕژ۔ یہِ چھےٚ ووٚنی تہنز کامہ زِ تِم کرن زبانی ہندِ کنہٕ تخصیصہ ورآے اَمہِ ادبکین مختلف گوشن ہنزٕ فکری، اخلاقی، عقیدتی تہٕ جمالیاتی برتری ثابت، یُتھ زن یہِ کتھ واضح سپدِ زِ نعت چھُ بحیثیت مجموعی اکھ سُہ سرچشمہٕ عرفان یُس پاک احساسن

پوچھر دِتھ واکھس یا شُرکس تہٕ گاشدار بناوان آوتہٕ وتونس تہٕ روٗ پھس تہٕ اکھ سنجیدہ اظہار بخشنکُ باعث بنیو۔ یُس مثنوی ہندِس آنس منز تہٕ آگہی ہُند عکس وتہٕ تلاوان چھُ یُس غزلہِ ہندِس بانس منز تہٕ معرفتکُ مس باگران چھُ۔ یُس ترجیع بند تہٕ ترکیب بند کی پاٹھو مسدس تہٕ مخمس ہوہن فنی قالبن منز تہٕ نقشِ صداقت وتہٕ تلاوان چھُ تہٕ یُس رباعی کیو دبینی ہندِس ڈبکس تہٕ عشقِ رسولکُ مخنتہٕ جران چھُ۔ بہرحال کُنہِ خاص زبانی ہنز لفظی پابندی تہٕ کُنہِ خاص شعرہ ذاتہٕ ہنز ہیتی پابندی قبول نہٕ کرن وول نعت چھُ موضوعی لحاظ پرتھ صنفِ سخنس تھزرکِ شہپر عطا کرنکُ ضامن بنیو وُت۔

بہٕ یژھنہٕ تو ہہٕ تہٕ باقی مقررین حضراتن درمیان زیادہ کالس حایِل پیدن نہٕ یژھ بہٕ مختلف مشکلاتو باوجود گذشتہ وریُس دوران شعبس منز انجام دِنہٕ آمژن تسلی بخش کامن ہندیا تمن کتابن ہُند کانہہ جایزہ پیش کرن یمن از رونمائی کرنہٕ ییہ۔ لہٰذا کرہ بہٕ مختلف صنفن منز کرنہٕ آمژ نعت گوئی ہُند صرف اکھ اکھ نمونہ پیش کرنس پیٹھ اکتفا یُتھ زن پمہِ سیمنارچن باقی نشستن منز شرکت کرنکُ فایدہ تہٕ ثواب حاصل کرنہٕ برونٹھ پرتھ کانہہ دوست متعلقہ موضوعس پیٹھ سوال پژھنہٕ خاطرہ پننس پژھلس دِلس اشتیاقہٕ سان تیار تھَو تہٕ یُتھ زن اشارہ پاٹھی یتہٕ ژینہٕ ییہ زِ مشہور مشرقی زبانن اکھ اکس نکھ انن وول تہٕ تمن سارنے ہند اندرٕ ون عشقِ رسولکہِ گاشہٕ سٕتی گاشراوان وول نعت کوتاہ وسیع الاصناف رادارہ چھُ۔

گوڈہ کرہ بہٕ مولانا جامیس برونٹھ ۳۸ وری زامتس علمدارِ کشیر ہندِ نعتیہ شرکیک اکھ شعر پیش۔ سُہ چھُ فرماوان:۔ ؎

| | |
|---|---|
| پارِ پارِ نگوز نتس پیغمبرس | لیندِس دورس رحمت چھے جاری |
| کالہ یلہِ حق لگہِ روزِ محشرس | تس کُنُ اُمید وار آسن ساری |

امہ پتہٕ چھُ کشیر ہندِس عظیم غزل گو غنی کشیری سنز اکہِ غزلہِ ہُند سُہ نعتیہ شعر پیش یُتھ منز شاعر پننہِ قحط الرجال والہِ دورک مختصر ترین شہر آشوب پیش کرنہٕ برونٹھ آنحضور صلعم ہندِ کثرتُ الرجال والہِ دورِ رحمتکُ امتیاز یتھ پاٹھی لفظاوان چھُ:۔ ؎

| | |
|---|---|
| خوشا عہدیکہ مردم آدمِ بے سایہ را دیدند | غریب است این زمان گر سایۂ آدم شود پیدا |

دوٚنی چھِ مولانا حالی ہندِ مُسدسکۍ فقط زٕ نعتیہ بند پیش۔ فرماوان چھُ ؎

وہ نبیوں میں رحمت لقب پانے والا — مُرادیں غریبوں کی بر لانے والا
مصیبت میں غیروں کے کام آنے والا — وہ اپنے پرائے کا غم کھانے والا
فقیروں کا ملجا ضعیفوں کا ماوا — یتیموں کا والی، غلاموں کا مولا
خطا کار سے درگذر کرنے والا — بداندیش کے دل میں گھر کرنے والا
مفاسد کا زیر و زبر کرنے والا — قبایٔل کو شیر و شکر کرنے والا

اُتر کر حرِا سے سوئے قوم آیا!
اور اک نسخۂ کیمیا ساتھ لایا!

یوٚدوے مولانا جامیؒ ہندی بیشتر نعت ہیتی لحاظہٕ غزل صنفِ منز چھِ، مگر تمن ہیٚنٛز چھُ چوٚنکہ مےٚ یتھ سیٚمنارس اندر اکھ مفصل مقالہ پرنک ارادہ لہاذا کرہ بہٕ یٚتہِ نی صرف تمہِ نعتکۍ ژور شعر پیش یُس مثنوی منز وننہٕ آمتین تہندین نعتن اندر سرفہرست چھُ۔ ۸۸۸ ہجری اندر تصنیف کرمژِ یوسف زلیخا ناوچہِ مشہور مثنوی منز چھِ مولانا جامیؒ آقایٔے نامدارسؐ پیمہٕ آیہٕ اُمتک حال باوان:

زِ مہجوری برآمد جان عالم — ترحم یا نبیؐ اللہ ترحم
نہ آخر رحمتہً للعالمینی — ز محرومان چرا فارغ نشینی
برون آور سر از بُردِ یمانی — کہ روے تسُت صبحِ زندگانی
شبِ اندوہِ مارا روز گردان — زِ رویت روزِ ما فیروز گردان

نسوانی لیَہ پاکیزہ اظہار پرٛاونُک اکھ صحت مند موڈ دِنہٕ خاطرہ چھُ کٲشرِ ہند مشہور نعت گو عبدالاحد نادم وَنونس تہٕ روٚبھس نعتکۍ یم لفظ آیراوان:

نبی یَس کُن ہےَ کروَے ڈرٛیے — ژٕرٛیے درۄدہ پرٛی توٚسی
مدِس ہتۍ ہیتھ حوٚرہ پرٛیے — ژٕرٛیے درۄدہ پرٛی توٚسی
درۄدہ سوٚزنس یاپہٕ داوٚرٛیے — آیہٕ قرآنکۍ سٕترِ توٚسی
ملکو پتہٕ وَتھ درۄدہ پرٛیے — ژٕرٛیے درۄدہ پرٛی توٚسی
کلمہِ آگرہ علمکہٕ سٕرٛیے — بانن آباہ برٛی توٚسی

پوٚتس کرٕہ بہٕ رباعی تہٕ دُباعی منز کرنہٕ آمژ نعت گویی ہُند اکھ عربی فارسی آمیز نموٗنہٕ تہٕ اکھ کاشُر نموٗنہٕ پیش۔ حضرت جامیؒ چھِ ونان:

یا صاحب الجمال ویا سید البشر
من وجہک المنیر لقد نوّرالقمر
لا یمکن الثناء کما کان حقہٗ
بعد از خدا بزرگ توئی قصہ مختصر

پہٕ سون ہم عصر بزرگ نعت گو میر غلام رسول نازکی چھِ ونان ؎

محمدؐ تبیکن ہُند کَس محمدؐ
دلُک آرام رُوحک رس محمدؐ
نجاتٕچ چھےٚ کُنی وَتھ رٹہٕ یہے وَتھ
محمدؐ بس محمدؐ بس محمدؐ

خواتین و حضرات مےٚ چھُ اَمہِ کتھِ ہُند احساس زِ خطبہٕ استقبالیہ چھُ اَکِس تنگ نابِ اظہارس ناو۔ اگر مےٚ زیوٗر وقت نیوٗمُت آسہِ تتھ چھُس بہٕ ؏

لذیذ بود حکایت دراز گفتم

وَنِتھ معذرت خواہ۔ یِیی وَنِتھ چھُس بہٕ توہہِ پننہِ طرفہٕ، تہٕ پننین رُفقاءِ کار منتظمین ہِند طرفہٕ وَزِھ دامجِہِ استقبال کران۔ یہٕ بابرکت سیمنار منظم کرنس منز دِیت اَمہِ وائس چانسلر صابن، رجسٹرار صابَن تہٕ باقی یونیورسٹی ایڈمنسٹریشن بھر پوٗر تعاون یمہٕ خاطرٕ باضابطٕ تحریک تشکر پیش یِیہ کرنہٕ۔ اَمہِ چھُ اَمہِ کتھِ ہُند تہٕ احساس زِ مختلف وجوہاتو کنہِ ہیٚکِہ نہٕ وار یاہ عالم تہٕ فاضل یتھ سیمنارس منز شامل سپدِتھ۔ البتہٕ یِم شامل سپدان چھِ تِم کتھس موٗسس تہٕ ماحولس منز چھِ پوٗر تشریف اَنِتھ۔ یتھ سیمنارس رونق بخشان تہٕ سوٗنجِتھ چھِم یِتھے پھورِان زِ اللہ تعالیٰ دِین توہہِ یتھ جلسس تہٕ باقی نشستن منز شامل گژھنُک بہترین معاوضہٕ۔ جزاکم اللہ احسن الجزاء

پروفیسر مرغوب بانہالی
صدرِ شعبہ کشمیری

# محمد رسول اللہ ﷺ

## صلاح الدین پرویزنی اکھ نظم

پروفیسر حامدی کاشمیری

صلاح الدین پرویز چھُ "صلاح الدین پرویز کے خطوط" (۱۹۸۸ء) ناوٕی پننس مجموعہٕ کلامس منز سارٕے نظمہٕ بطور خط پیش کران۔ یمن نظمن منز چھِ کینہہ خط رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛد ناوٕ، یِم نظمن ہنٛدِس صورتس منز چھِ۔ ظاہر چھُ زِ یِم چھےٚ نعتیہ نظمہٕ، یمن منز آنحضورؐ ہنٛز حیات طیبہ تہٕ پاک سیرژ ہندی کینہہ پہلوٗ کاشراونہٕ آمتی چھِ۔ یِم نظمہٕ چھےٚ نعت گوٚیی ہنٛدِ رِوٲیتی تہٕ مروجہ اندازٕ نِشہٕ انحراف چہٕ رژٕ مثالہٕ۔ رِوٲیتی نعت گوٚیی مطابق چھُ شاعر پننِس عقیدتکِس جذبس تحت سرور کائناتؐ ہنٛد سراپا، تہنٛز زندگی یا تہنزٕ عظیم انسانی قدرن، یمن ہنٛدی تِم کامل تجسیم چھِ، تعریف کران تہٕ اَمیک اندازٕ چھُ عام پاٹھٕ خطابیہ یا بیانیہ آسان۔ کیٛنژن بٔڈ پایہٕ شاعرن مثالے رومی، خسرو یا اقبال ہندی نعت چھِ رسول مقبولؐ ہنٛز بابرکت ذات شخصراونہٕ علاوٕ تِمن نسبت شاعر ہنٛدِ بے پناہ وولہٕ جذبٕچ پیکر تراشی کران۔ یِتھٕ نعت چھِ بے شک نعتیہ ادبس موٗلُل بَرٕژر کران۔ ناہم چھُ یِہنٛد اُسلوٗب تہٕ بیانیہ تہٕ باقٕے بے شمار نعت چھِ عام پاٹھٕ رِوٲیتی اندازٕ۔ یوٚت زِ کینہہ جدید شاعر تہٕ چھِنہٕ رِوٲیتی اندازٕ نِشہٕ آزاد بنِتھ ہیٚکی متی۔ اَکھ پوٚت منظرس منز چھِ صلاح الدین پرویز سٕندِن نعتن ہنٛد منفرد تہٕ مخصوص انداز توجہ طلب بنان۔ تہنٛدِ مجموعہٕ کلامک آخری خطک عنوان چھُ محمد رسول اللہ ﷺ تہٕ یہ چھُ آنحضورؐ ہنٛدِن تعریفن تہٕ توصیفن منز نِرل تہٕ امتیاز تھون وول اکھ دلِس پرٛیہٕ ؤن نوٗموٗنہٕ۔ اَمہِ نعتٕچ بنیادی خصوصیتھ

چھنے یہ ژ یہ چھُنہٕ فقط اَکِس عاشقِ رسول سٕندِ بے پناہ عقیدت کہ جذبک والہانہٕ اظہارٕے یوت بلکہ اَکِس پٔزِس شاعر سٕندِ تخلیقی شعورچہ پاکیزگی تہٕ نہٕ ناوُرک آیینہٕ دارتہٕ۔ یہ چھُ جذباتی وُہوارکہ ہنگامی ووہ پٔزاو بجایہ شخصیژ ہٕندِ سوکھ سادی سوٗ درچہ بیکرانی ہنز دلالت کران۔

وہ اپنے گھر سے نکل پڑا تھا
سپید شب کی مسافری سے
سیاہ سورج کا غم اُٹھانے۔ وہ اپنے گھر سے نکل پڑا تھا
وہ شام ابرو وہ رات گیسو
وہ جسم چھایا وہ چاند ماتھا
وہ آنکھ شمعیں وہ ہونٹ صبحیں
سپید پھولوں کا باغ تیارا
اُداس بچوں کا باپ پیارا

کہ جس کی آنکھوں میں ان کے غم
جگمگا رہے تھے
وہ رحمتوں کا عظیم والی
وہ برکتوں والا آسمانی
وہ جنتوں کا حسین مالی
دُعاؤں کے راستے بناتا
زمیں کی گرمی پہ چل رہا تھا
وہ دشمنوں میں گھرا ہوا تھا
"تمہاری آنکھوں کے بادلوں میں
تمہارے خوابوں کے جنگلوں میں
کئی رحیم و کریم جگنو
تمہاری راتوں کے منتظر ہیں

کہ اے مرے آسمان لوگو!
تمہاری راتوں میں بارشیں ہوں
تمہاری راتوں کی بارشوں میں
تمہارے جگنو چمک رہے ہوں"

وہ اب پہاڑی پہ آگیا تھا
کہ منتہیٰ تھی سہیلی اس کی
ہوا نے دیکھا
تھکی ہوئی سانس کی تہوں سے
اسے پکارا
سمندروں کی غلاف آنکھیں
صداؤں کی بے حجاب سانسیں
سمٹ کے اس کے قریب آئیں
ہوا تھا لیکن ہوا نہیں تھا
صدا تھا لیکن صدا نہیں تھا
خدا نہیں تھا، خدا نہیں تھا
وہ میٹھے پانی کا ایک جھرنا
خدائے برتر کا آئینہ تھا

وہ جا چکا ہے
وہ جا چکا ہے
وہ موتیا جیسے پاؤں والا
وہ چمپئی چاند نور والا
وہ بیٹا وہ مرا پیارا

اسے بلاؤ کہ ٹوٹ جاؤں میں اس کی آنکھوں میں نیند بن کے
اسے بلاؤ کہ پھوٹ جاؤں میں ان کے سینے میں بوند بن کے

وہ جاچکا ہے
وہ جاچکا ہے
وہ راہ اسریٰ کا کبریائی
وہ شاہ معراج وہ خدائی
وہ جاچکا ہے
مگر یہ گھر کیسا گھر ہے اس کا
یہ کیسا گھر ہے
مہک رہا ہے
یہ کیسا بستر ہے
چل رہا ہے
یہ اسپ ازحد مکان وال
ابھی تلک سامنے کھڑا ہے
عبادتوں سے بنا پرندہ

ابھی تلک آنکھ مل رہا ہے
صدا صدا بے صدا فقیری
ہوا کے کاندھوں پہ چل رہی ہے
روایت ہے .... مگر بدن ڈر رہا ہے اس کا
صدا صدا بے صدا فقیری
ہوا ہوا بے ہوا سواری
بدن بدن بے بدن نمازی

خموش خاموش ہے خموشی
وہ جاچکا ہے

وہ جاچکا ہے
کواڑ کی نرم گرم دستک ابھی تلک اسکی منتظر ہے

★

ڈلوٚیہ نعتیہ نظم وٕرٛتھناوِن۔

نظمِ چھِ لوٚکٹ بڈی پانژھ بند تہٕ یہ چھےٚ آزاد نظمہِ ہنٛد ٹیکنیکہِ حسابہٕ تہٕ گوڈنکس بندس چھِ پنٛداہ مِصرٕ۔ گوڈنکس مصرس منٛز چھُ کنہٕ تمہید تہٕ تعارفہٕ وراٚے ذکرِ رسول پاکؐ اَسی بنہٕ گرِ درامتۍ "وہ اپنے گھر سے نکل پڑا تھا" چھُ تہنٛدس ہجرت کِس واقعس کُن اشارٕ۔ شاعر چھُ نظمِ منٛز ہجرتکہِ وجہ تہٕ نتیجہ صرف شیٚن لفظن منٛز موٚثر اوان۔ اَمہِ پتہٕ زٕ مصرٕ چھِ ہجرت کِس پوٚت منظرس یعنے آنحضورنؐ تہٕ قریشن ہنٛدِ دشمنانہٕ ولوٚہ رٕچ علامتی پیکر تراشی کران۔ "سپید شب کی مسافری سے" اور "سیاہ سورج کا غم اُٹھانے" چھُ گرٛنتہٕ بےٚ گرٛبڈن، مقصد رسانیچ عدم تکمیل، مستقبلچ وُنل تہٕ پنہٕ مشنچ کامیٚشن کیفیژن ہنٛد علامتی اظہار۔ یہ چھےٚ سفرس دوران پیش یینہٕ والین مصیبتن تہٕ ازاَتی منٛز لکہِ غمچ ژینہٕ دِن تہٕ۔ شاعر چھُ فوراً آنحضورنؐ ہنٛدِ جسم پاکُک نقشہٕ وٕتلاوان یُس سراپا، نزاکت تہٕ جمال چھُ۔

| | |
|---|---|
| وہ شام ابرو | وہ رات گیسو |
| وہ جسم چھایا | وہ چاند ماتھا |
| وہ آنکھ شمعیں | وہ ہونٹ صبحیں |

تہٕ پتہٕ چھُ یہ مِصرٕ بروٚنہہ کُن یِوان۔

سفید پھولوں کا باغ نیارا

یہ مِصرٕ چھُ آنحضورنؐ ہنٛدِ وُجوٗدٕچ خوشبوے، نفاست، نوزکی، نرملتا تہٕ سادگی ہُنٛد جساٗوِ پیکر۔ تہٕ پتہٕ

اُداس بچوں کا باپ پیارا
کہ جس کی آنکھوں میں انکے غم
جگمگا رہے تھے

چھُ تہنٛدِ با وصف ذاتِ اقدسُک بیا کھ اَکھ پہلو وٕتلاوان یعنے اُمت خاطرٕ تہنٛز دردمندی ہُنٛد احساس، بیٚیہ تہنٛزن رحمژن، برکژن تہٕ جنتن ہُنٛد ذکر کرٕتھ پتہٕ تہنٛدِس ہجرت کِس کرٛتھس سفرس کُن اشارٕ۔

دعاؤں کے راستے بناتا
زمین کی گرمی پہ چل رہا تھا

تم آسی دزوٕنین تاپہٕ صحراون منز پکان پکان دُعاہ خیرن ہنز وہہ شیران - پانہٕ سفرُک کرِ کھِر وہرا ٲوِتھ خدائے ہندِین بندن ہندِ راحتک تہٕ رحمتُک سامان کران - ڈولیمس بندس منز یُس منظر بروٚنہہ کنہِ یوان چھُ سُہ چھُ غز وات ژھٕتس پاوان ، یمن ستی آنحضورنٕ ہنز زندگی وابستہ رُوز مژٕ چھِ - تمن چھُ ابتدا پیٹھے لُوکن ہندِ دشمنانہٕ دِلوہارُک مقابلہٕ کرُن پیومُت تہٕ پزرچ سربلندی خاطرٕ چھِ تمو کیتہٕ پھر مأدان جنگ پار وومُت - ژکہٕ آسی ہم انسان دوس تہٕ دشمن تِہ تہٕ آسی دوستانہٕ ورتاوکی روادار - اَوے کنہِ چھِ حضورؐ لُوکن مخاطب بنٕدِتھ فرماوان "تمہاری آنکھوں کے بادلوں میں" اور تمہارے خوابوں کے جنگلوں میں" کئی رحیم وکریم جگنو" تمہاری راتوں کے منتظر ہیں" یعنے تمن (لوکن) ہندس وُجودس منز چھِ نیکی ، مرحمت تہٕ گاش گیٕتھ یُس اظہار نا آشنا چھُ تہٕ دعا چھِ کران زِ تہنز نٕ اُچھن ہُند اوبرُ کرُن اُش ورشن تہٕ راژن منز ذِہن روُدِ شرانہٕ ہیتھ زن تہنز گاشہٕ ژٕتنہٕ پٕزلن یعنے تہنز ازلی نیکی ین بروٚنہہ کنہِ -

ترٕیمس بندس منز چھُ منظر بدلان - ووٕنی چھِ حضورؐ پہاڑس پیٹھ اِستادٕ نظرِ یوان - اَمہِ بندکہٕ کو ڈنکہِ مصرِ تِہ چھُ معراجس کُن دِیان گرٕنھان - معراجس متعلق چھِ اُمِ ہانی ، یہند گرِ حضورؐ تشریف فرما آسی ، رلوانہٕ کران زِ خوفتن نمازِ پتہٕ شوٗنگی تم تہٕ پیٚلہِ تمن ستی صبحن نمازِ فجر ادا کرنہٕ آے تمو کوٚر انکشاف زِ تم آیہ صبحٕچ نماز بیت المقدس پرِتھ ، انبیاء پرناوی تمو امام بنِتھ نماز ، پتہٕ کوٚرکھ آسمانن ہُند سأل تہٕ انبیاہن ستی تہند ین مقامات پیٹھ سمکھان واتی سدرۃ المنتہیٰ تہٕ تتہِ پیٚدکھ قربِ حضوری حاصل تہٕ رنگارنگ وحی یوٚتہِ پیدی مُشرف -

پہ سوٗرے پیٚدِ اکس ژہس منز - آسمانن ہُند سأل کرِتھ پھیری تم گرٕ واپس تہٕ "کواڑ پر نرم وگرم دستک ابھی تک اسکی منتظر ہے" صلاح الدین پرویزن چھُ اشارن منز معراجِ نبوی یُس کُن ظعون پھیرُ مُت - تمو چھُ ہوا تہٕ سمندر ہوٚین

قدرت کین فطری مظاہرن ستی آنحضورﷺ ہنز قربُت تہٕ تمن منز جذب سپدنُک ذکر کورمُت تہٕ پتہٕ چھکھ تم خالق کائنات ہندی اَبہٕ قرار دِتی متی۔

اُتھی بندس منز چھُ "وہ جاچکاہے" لفظن ووج دِنہٕ آمُت۔ اَمہٕ تہٕ چھُ ظاہر سپدان زِ تم چھِ کُنہٕ زیٖٹھس سفرس دراٚمتی۔ اَتھ مقامس پیٹھ چھُ شاعرس آنحضورﷺ ہندِ سفر باپتھ روانہٕ سپدنس پیٹھ جذباتی طور ارتعاش تہٕ ترٛدُد سپدان تہٕ سُہ چھُ پننہٕ والہانہٕ جذبُک اظہار کران۔ باتن ہنز سادگی تہٕ فطری زبان چھے جذبچ برجستگی تہٕ لولہٕ مزرُک ٹاکارٕ اظہار کران۔

وہ موتیا جیسے پاوں والا
وہ چمپئی چاند نور والا
وہ بیلیا وہ میرا پیارا

تہٕ ستی پتہٕ والین دوٚن مصرن منز چھُ شاہِ افلاکس ستی جذباتی ربط، جُدائی ہندِ احساسچہٕ ژٕس کرن واجنہٕ شدُتہٕ منز تبدیل سپدان۔ جذباتن ہندی یِم بدلہٕ وٕنی رنگ چھِ پرتھ لفظ تہٕ پریٖڑان۔

اُسے بُلاوٕ کہ لوٹ جاؤں میں اسکی آنکھوں میں نیند بن کے

آخری بندس منز چھُ شعری کردار مُدی یہ موٚت بنتھ حضورﷺ ہُند گرتراونہٕ پتہٕ کہ ژلوٕنہٕ ساعتُک لازمانی آہنگ تہٕ ستی اَتھ دوران تہندس گرس منز تہنز نکھ نکھاے ہنز خوشبوے تہٕ وُشنیر، براقہٕ ہنز موجودگی، عبارت گذاری، دعوتِ اسرا، بُنے ناوخوف تہٕ بیٚیہ بہ جسد یا بہ روح معراج ہوٚین واقاتن ہنز موروضی تہٕ اشارتی صورت گری کران۔ بے شک چھُ اَتھ بندس منز تخلیقی سحر ڈُسی اکھ ژیٚہہ پھہلنہٕ لامتنہاہی زمانہٕ بنان۔

تہٕ نعتکی آخری مصر

وہ جاچکاہے
کواڑ پر نرم وگرم دستک ابھی تک اس کی منتظر ہے

چھِ اَتھ زٕہس ابدیت عطا کران، یتھ منز معراجُک عمل شروع سپدان چھُ تہٕ

معراج چھُ لازمآنی پیدان ۔

صلاح الدین پرویز چھُ ژکِہ اکھ بہلہِ پایہٕ تخلیق کار۔ سُہ چھُنہٕ تفسیر دان، مورخ، رآوی یا شرح کرن وون۔ تِمو چھےٚ حضورن ﷺ ہندِس ذاتِ اقدس سٕنٛز وابستگی ہندِس والہانہٕ جذبس تحت تِہنٛز پاک سیرژ ہندِین کینٛژن نقشن ہنٛز تخیلی بازیافت کرٕمٕژ۔ یتھ کٕنۍ ییمۍ نعتن وٕجوٗد پرووُمُت چھُ سُہ چھُ اکھ بہلہِ پایُک تخلیقی نظم۔ اَتھ منٛز چھےٚ محمد رسول اللہ ﷺ ہٕنٛز پاک زندگی ہندِین کینٛژن اہم واقاتن ہنٛز کلیم پاٹھۍ تصویرکاری کرنہٕ آمٕژ۔ ییمُک بیٛھ کیٛنہٕ ذکر پٛدٕ مُت چھُ۔ یہ چھُ شاید اوٚکٕنۍ ممکن پٛدٕ مُت تکیازِ شاعرن چھےٚ حضورن ﷺ ہُنٛد ذاتِ اقدس لولہِ جذبس تحت مۆحسوٗس کرٕمٕژ۔ یہ جذبہٕ چھُ تِہندِ وٕجوٗدکین سٕترن منٛز شر ہیوٚمُت۔ ییٚلہِ اَمۍ لسٲنی بازیافت کرنہٕ چھےٚ یوان تہٕ نظمہِ منٛز چھُنہٕ فقط حضورن ﷺ ہنٛز نورانی شخصیتکۍ پرتو وۄتلان بلکہ چھُ شاعرٕنٛد داخلی وٕجوٗد تہٕ پرٛژھٕٹان تہٕ کاینات چھےٚ اکِہ نوِ تہٕ نِرلِ گاشہِ گہہ تراوان۔

یہ نظم چھےٚ حضورِ پرنورن ﷺ ہنٛز بسیار جہژِل ذاتُک مرقع کاری۔ تیٚمِہ ژھہٕ چھےٚ دیدمان یوان زِ اَچھن چھُ زُتنہٕ زوٗل پیدان۔ نظمِہ ہنٛد پرٛتھ لفظ چھُ اَوچھ معنوی امکانن بیٚٹھ پھٕہلتھ۔ صلاح الدین پرویزن ییٚمہِ شعوٗدِ تہٕ سرٛژِہ تخلیقی احساسہ آنحضورن ﷺ سٕنٛز شخصی تعلق پننہِ نظمِہ ہٕنٛد موضوع بنومُت چھُ تہٕ آنحضورن ﷺ ہندِ بے پناہ لولہٕ مٕژھجارہٕ باوٕجوٗد شخصی ولوہار برقرار تھوٗن چھُ صلاح الدین پرویزنے کمال۔ چنانچہ نظمِہ منٛز ییتھ حدس تام شاعر سٕنٛزِ ذاتی شخصیژ ہُنٛد دخل چھُ تیوٗتے چھُ سُہ لوٗب نہٕ روزان تہٕ یہ چھُ تِہندِ حد درجہ مۆحتاط روزنہٕ کٕنۍ ممکن پٛدٕمُت۔

اختصار، ڈرامایتھ، خودکلامی، لفظ شعور، تخاطب، واقع نگاری تہٕ شعری کردار سٕندِ لہجُک تُرٛتراو تہٕ مجموٗعی تخیلی فضا چھُ نظمِہ ہندِ تخلیق نیہٕ نادرک راز۔ آنحضورن ﷺ ہنٛز مدح سرٲیی چھےٚ شاعرن شخصی تجربہٕ بناوِتھ پیش کرٕمٕژ تہٕ پننہِ لفظہٕ ورتاوس چھِن اَمِہ واریاہ تِہنٛز گاشراوٕمٕژ۔ اَتھ نظمِہ آخری خط ونہٕ باوٕجوٗد چھُ شاعر خطوط نگاری ہندِ لوٚر رلوایتی لوازمات نِشہِ مُچھ روزان۔ اَمیُک ابتدا، تمیر تہٕ

اند چھُ نظمہِ ہندی ہیتُک آہ۔

صلاح الدین پرویزن چھُ معراجس متعلق زٕ مقبوٗل نظریات یعنے جسمانی معراج یا روحانی معراج اکھ ترٛٲوتھ بلہٕ مش کیفیتھ شاعرانہٕ تعبیر بناوِتھ پیش کرٕمژٕ۔ دوشوٕنی ہنز چھےٚ کانہہ بِہن روزان۔ محسوس چھُ پیدان زِ معراج چھُ روٗحانی تہٕ نہ جسمانی تہِ۔ یہ چھُ حقیقت تہِ تہٕ خاب تہٕ۔

صدا صدا بے صدا فقیری
ہوا ہوا بے ہوا سواری
بدن بدن بے بدن نمازی

یہِ نعت چھُ بلاشک اردو نعت گوٗیی ہنز اکہِ نوٚ تہٕ پرٛزلونہٕ بابُک اضافہٕ کران تہٕ یہ کتھ چھےٚ واضح پیدان زِ عقیدہٕ چھُ شعر بنتھ زمان تہٕ مکان چہِ حدبندی یہِ پھُٹرِتھ اکھ ماورأیی تجربہٕ بنان تہٕ لازوال پیدان۔

ترجمہ
**شاد رمضان**

---

دیوانہ شُدم در آرزوئیت
اے چشم ہمہ جہان بسُوئیت
خُسرو بکمندِ تو اسیر است
بیچارہ کجا رَود ز کُوئیت؟

(امیر خُسرو)

# قرآن تہ نعتِ رسولِ رحمت صلی اللہ علیہ وسلم



پروفیسر غلام رسول ملک

لوح بھی تو قلم بھی تو تیرا وجود الکتاب (اقبال)

غالب ثنائے خواجہ بہ یزداں گذاشتیم
کاں ذاتِ پاک مرتبہ دانِ محمد است (غالب)

قرآن تہٕ صاحبِ قرآن صلی اللہ علیہ وسلم چھِ اصلاً اکی حقیقتکۍ زٕ رۄخ۔ قرآن چھُ قرآن لفظی تہٕ نبیِ اکرم صلی اللہ علیہ وسلم چھِ عملی قرآن۔ یتھ پاٹھۍ زن حضرت عائشہ صدیقہ رضی اللہ عنہا چھِ فرماوان زِ کَانَ خُلُقُہٗ قرآن (مسلم) یعنی تہنٛد کردار ا‌ٚوس قرآن۔ تہنٛد وجودِ اقدس چھُ قرآنُک عملی پیکر تہٕ زندٕ تفسیر تہٕ تہنٛدِ وجودِ اقدسُک تفصیل تہٕ تعبیر چھِ قرآنکۍ اوراق۔

وینٛژھنا ونکِ غرضہٕ اگر اسی قرآنس پیٹھ نظر ترٛاوَو نیٚلِ چھِ اسی وُچھان زِ قرآن چھُ نعتس متعلق ناطق حکم تہٕ صادر کران، اَمچِ فکری بُنیادٕ تہٕ سرحدٕ تہٕ مقرر کران تہٕ اَمکۍ بہترین نمونٕہ تہٕ اَسہِ بروٚنٛہہ کنہِ پیش کران۔

نعتس متعلق قرآنُک حکم چھُ بالکل صاف تہٕ واضح:

اِنَّ اللہَ وَمَلٰٓئِکَتَہٗ یُصَلُّوْنَ عَلَی النَّبِیِّ یٰٓاَیُّھَا الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا صَلُّوْا عَلَیْہِ وَسَلِّمُوْا تَسْلِیْمًا (الاحزاب)

خُدا تہٕ تمہٕ ہندی ملائک چھِ نبی یس درودٕ سوزان
ایمان دارو تہۍ تہٕ سوزِو تِمن پیٹھ درود و سلام

گویا کاینا تُک پاد کرن وول تہٕ اَمہِ کِس انتظامس پیٹھ مامور ملکوتی طاقت چھِ ساری نبی برحق ہندِ حقہٕ درود و سلامس، تعریفس تہٕ دعاہس منز مصروف۔ یعنی نعت چھُ کاناتُک زمزمہ تہٕ افلاکن ہنز موسیقی (MUSIC OF THE SPHERE)!

گرد تو گردد حریم کائنات

ہندِ لحاظ لَوۡلَاکَ لَمَا خَلَقۡتُ الۡاَفۡلَاکَ کِیٛہ حیثیت کیا تہٕ اَسی تِن اَتھ کتھ منز چھُنہٕ کانہہ شک زِ اَمہِ کہ معنی تہٕ سپرٹ کِنۍ چھُ یہ قرآنی تصریحاتن ستۍ مطابقت تھاوان۔

خُدا چھُ پانہٕ نبی یسؐ درود و سلام سوزان، تہٕ کیازِ تم چھِ تمہٕ ہندِ تخلیقکۍ سارِوے کھوتہٕ بڈی شاہکار تہٕ انسانیتہٕ خاطرٕ تمہٕ ہندِ سلسلہٕ ہدایتکۍ تکمیل۔ ملکوتی قوت چھِ نبی ہندی تعریف کران، تہندِ خاطرٕ دعا و سلامس منز اَمہِ کِنۍ مصروف تکیازِ نبی ین اوٚن انسان پننہِ اختیاری زندگی منز تہٕ تتھ وَتہٕ پیٹھ یوسہٕ ساری کاینا تچ وَتھ چھےٚ تہٕ یتھ وَتہٕ پیٹھ کاینا تس چلاونہٕ خاطرٕ ملائک مختلف کامن پیٹھ مقرر کرنہٕ چھِ آمتۍ۔

انسانس پیٹھ کوٚر خُدا ین نبی یسؐ درود و سلام سوزُن تہٕ تہنز تعریف کرٕنۍ اَمہِ کِنۍ فرض تکیازِ تم چھِ انسانن ہندی سارِوے کھوتہٕ بڈی محسن۔ بلالحاظ رنگ و نسل تمام انسانن ہندی سارِوے کھوتہٕ بڈی غمخوار۔ تم چھِ رحمۃ للعٰلمین تہٕ تہندِ ورأے چھِ انسانی زندگی بے معنی۔ بے مطلب تہٕ بے منزل۔ تم چھِ تمہٕ رحمتکۍ سارِوے کھوتہٕ عظیم مظہر یمہِ کہ برکتہٕ کائناتُک پرتھ کانہہ مخلوق بامقصد زندگی گزاران چھُ۔ یوسہٕ رحمت موردٕ گامتس زمینس نوٚو زندگی عطا چھےٚ کران، یوسہٕ رحمت بنجرن منز بارانِ کرم بنتھ گلزار چھےٚ پھولرِاوان، یوس رحمت کِنۍ تُل کِس کیمس چھےٚ غذا واتناوان، یوس رحمت زمین تہٕ ماچھ تُرن تمام معجزاتی تہٕ حیرت ناک طریقس پیٹھ لسُن لبُن چھےٚ ہیچھناوان، یوس رحمت بچس زِنو ونے

ماجہِ ہندِس وُچھِس کُن چھےٚ رہنمائی کران، سوٚے رحمت چھےٚ پننِس بجرس تھزرس تہٕ کمالس واتِتھ رحمۃؐ للعالمینی ہنز شکل اختیار کران۔

کار تقدیر و ہدایت ابتداست
رحمۃٌ للعالمینی انتہا است

اَمی کِنۍ فرموو ربن حضرہ سان کہ یا نبی تٔہۍ سوٗزِو اَسہِ تمام عالمن ہندِ خاطر رحمت بناوِتھ۔ وَمَا اَرسَلنٰکَ اِلّا رحمۃً لِلعٰلمین (الانبیاء) رحمۃٌ للعالمینہٕ ہندِ احسانہٕ ورأے کیا آسہِ ہے انسان؟ اکھ حیوان یُس کھیوٚن، چیوٚن تہٕ پوشاک لاگنۍ یوت پنُن مقصدِ زندگی آسہِ ہے زانان، یَہندۍ اصول تہٕ یَہنز قدرٕ تمے آسن یِم چارواین ہندۍ اصوٗل تہٕ چارواین ہنز۔ قدرٕ چھےٚ آسان۔ ہوٗنۍ چھ اُڈجہِ بیٚٹھ اَکھ اَکِس خوٗن والان، درندن منز چھ شکارٕ خاطرٕ چھینیا جھپٹی گژھان، جنگلن منز چھ سُے زندٕ زوٗتھ ہیکان یُس بیٚیِس مارِتھ ہیکہِ۔ یٔمِس طاقت چھ آسان سُے چھُ باقین پیٚٹھ بالادستی حاصل کران۔ انسان تہِ ییلہِ رحمۃٌ للعالمینہٕ ہندِ دامانہٕ رحمتہٕ نِشہِ دوٗر چھُ گژھان تمۍ ہندۍ اصوٗل واقدار تہٕ چھِ یِمے آسان۔ رحمتکۍ نبی یِنۍ وِزِن تہٕ علہٕ سَتۍ ہووُن۔ زِ زندگی چھنہٕ کھیوٚن، چیوٚن تہٕ پوشاکھ لاگنۍ یوت۔ زندگی چھےٚ اعلیٰ اخلاقی تہٕ انسانی، اصوٗل تہٕ اقدار پھانٕہ پھلاونہٕ خاطرٕ۔ یِم اعلیٰ قدرٕ چھےٚ حق، عدل وانصاف تہٕ رحمت ورافت۔ یِہ چھنہٕ جبرا حیوانی طاقتس منز بلکہ یِمن قدرن پیٚٹھ یژھ پژھ آسنس تہٕ عمل کرنس منز۔ رحمتکۍ نبی یِنۍ وُچھ زِ انسانہٕ ہُند کلہٕ چھُ ذلت سان نوٚمرِتھ۔ پتھرن برونہہ کَنہِ، حیوانن برونہہ کَنہِ، جابرانسانن برونہہ کَنہِ، اوہامن تہٕ خرافاتن برونہہ کَنہِ تہٕ بے جا رسم و رواجن برونہہ کَنہِ۔ تمو تُل یہ کلہٕ تھوٚد تہٕ وانونُکھ تتھ تھزرس پیٚٹھ یِیتہِ نہٕ خُدائِس ورأے انسانس کُنہِ تہٕ کانہہ تھوٚد تہٕ بوٚڈ چھُ۔ انسان بنیوو مسجودِ ملائک تہٕ خلیفۃ اللہ فی الارض۔ انسانس پیٚٹھ نبیؐ سُند احسان یاد کران چھُ قرآن ونان،

وَیَضَعُ عَنہُم اِصرَھُم وَالاَغلٰلَ الَّتی کَانَت عَلَیھِم۔ (الاعراف)

تِم چھِ تِہند بوچھکو پیٚٹھ بور والان تہٕ تِہنز وگردنو منز غلأمی ہندۍ طوق تیٚر

کڈان۔

سول موج چھُ انسانس گوشت پوست تہٕ جسم دِوان۔ آباء واجدادن نشہِ چھُ سہٕ دنیاوی مال وجائداد حاصل کران مگر تمہٕ سندِ رُوحٕچ، تمہٕ سندِ اخلاقٕچ تہٕ تمہٕ سندِ انسانیتٕچ پرورش تہٕ پرداخت چھُ کران نبی رحمتؐ۔ امی فرماوان قرآن۔

النَّبِیُّ اَولیٰ بِالْمُؤْمِنِینَ مِنْ اَنْفُسِھِمْ ۔ (الاحزاب)

نبی صلی اللہ علیہ وسلم چھِ مومنن ہندِ خاطرٕ تہندِ پن پانن ہندِ کھوتہٕ زیادٕ مقدّم۔

خدائس پتہٕ چھِ مومنن ہندِ خاطرٕ کائناتٕچ سارٕوے کھوتہٕ محترم شخصیت نبی ترحق تم گژھن تہندِس ہر اَکِس اشارس پیٹھ بلا چون وچرا قربان گژھنہٕ خاطرٕ تیار آسنہٕ۔ تہندِس جنابس منز تہندِ آوازِ کھوتہٕ تھزٕ آوازِ منز کتھ کرنہٕ ستی ہیکہِ ایمان غارت گژھتھ۔

یٰاَیُّھَا الَّذِینَ اٰمَنُوا لَا تَرْفَعُوا اَصْوَاتَکُمْ فَوْقَ صَوْتِ النَّبِیِّ وَلَا تَجْھَرُوا لَہٗ بِالْقَوْلِ کَجَھْرِ بَعْضِکُمْ لِبَعْضٍ اَنْ تَحْبَطَ اَعْمَالُکُمْ وَاَنْتُمْ لَا تَشْعُرُونَ ۔ (الحجرات)

ایمان دارو پننہٕ آواز مہ کرِو نبی سنزِ آوازِ کھوتہٕ تھزٕ۔ بیتہٕ مہ کرِو تمن ستی تھۍ پاٹھۍ بڈِ بڈِ کتھ ییتھ پاٹھۍ پانہٕ وٲنۍ چھو کران۔ ییتھ پاٹھۍ چھُ خطرٕ زِ تہندۍ اعمال گژھن برباد تہٕ توہہِ لگِو نہٕ خبرے۔

تہندِس حکمس پیٹھ اگر ذرا برابر ناگوارٕی ہُند احساس پاداہ گژھِ، ایمانُک دعوے چھُ باطل۔

فَلَا وَرَبِّکَ لَا یُؤْمِنُونَ حَتّٰی یُحَکِّمُوکَ فِیمَا شَجَرَ بَیْنَھُمْ ثُمَّ لَا یَجِدُوا فِی اَنْفُسِھِمْ حَرَجًا مِمَّا قَضَیْتَ وَیُسَلِّمُوا تَسْلِیمًا ۔ (النساء)

پس نہٕ (یا نبی) قسم چانِس ربّہٕ سندِ یم چھنہٕ تووت تام مومن

یوت تام تہنجن تمام فیصلہ طلب معاملن سنز یم توہی
فیصلہ کرن واکی بناون تہٕ تمہٕ پتہٕ گژھکھ نہٕ تہٕند فاصلہ
ستہٕ دلس منز گرای تہٕ بلکہ کرن (خوشی سان) سر تسلیم
خم۔

امچ تشریح کران فرمووُ نبی اکرم صلی اللہ علیہ وسلمو

لَا یُؤْمِنُ اَحَدُکُمْ حَتّٰی اَکُوْنَ اَحَبَّ اِلَیْهِ مِنْ وَّالِدِہٖ وَوَلَدِہٖ وَالنَّاسِ اَجْمَعِیْنَ۔ (بخاری ومسلم عن انس)

توہہ منز چھنہٕ توت تام کانہہ شخص ایماندار یوت تام نہٕ بہٕ تمس
پننس مألس ماجہ تہٕ پننیو اولادو کھوتہٕ زیادٕ لوٗکھ آسہ۔
بییس اکس حدیثس منز فرمووُکھ زِ پننہٕ نفسہٕ کھوتہٕ تہٕ گژھہ بہٕ مومنس ٹوٹھ آسن۔
مگر نبی یس ستہٕ بے پایاں محبتک تہٕ احترامُک یہ تعلق چھُ امہٕ حیثیتہٕ زِ تم چھ خدایہ سندی
رسول تہٕ عالم انسانیتکو ہادی برحق۔ اسلامن چھ پیغمبری متعلق سارنے گمراہیٖن ہندی
موٗل براڈمتی بیتہٕ نہٕ چھُ نعوذ باللہ من ذالک کانہہ شخص خدایہ سند اولاد نہٕ انسان
شکلہِ منز خدا۔ پیغمبری ہندین سرحدن ہند تعین کران چھ قرآن فرماوان:

قُلْ اِنَّمَا اَنَا بَشَرٌ مِّثْلُکُمْ یُوْحٰٓی اِلَیَّ اَنَّمَآ اِلٰهُکُمْ اِلٰهٌ وَّاحِدٌ۔ (الکھف)

ونأوِو (یا رسول اللہ) بہٕ چھس تہٕندی پأٹھی اکھ انسان یمس پیٹھ
وحی چھ نازل سپدان کہ تہٕند معبود چھُ اکھ ذاتِ پاکِ حضرت اللہ۔
بییس جایہ چھُ ارشاد سپدان:

وَمَا مُحَمَّدٌ اِلَّا رَسُوْلٌ قَدْ خَلَتْ مِنْ قَبْلِهِ الرُّسُلُ اَفَاِنْ مَّاتَ اَوْ قُتِلَ انْقَلَبْتُمْ عَلٰٓی اَعْقَابِکُمْ۔ (ال عمران)

محمد صلی اللہ علیہ وسلم چھ خدایہ سندی رسول۔ تمو برونہہ تہٕ چھ پیغمبر
آمتی۔ اگر تم یمہٕ عالمہ تشریف نِن یا شہید سپدن تہٕ تُہٕ ژلوا ییلہ

پۆت پھیرتھ۔

احادیثن منز فرموو نبی یَن زِ یِنہٕ نصاراہن ہندی پأٹھۍ میون درجہ بڑاوِتھ
گمراہی ہنز وَتھ اختیار کٔرِو۔

لَاتُطْرُوْنِیْ كَمَا اَطْرَتِ النَّصَارٰى ابْنَ مَرْيَمَ فَاِنَّمَا اَنَا
عَبْدُهٗ وَرَسُوْلُهٗ فَقُوْلُوْا عَبْدُ اللّٰهِ وَرَسُوْلُهٗ ۔

(بخاری ومسلم عن عبداللہ بن عمرؓ)

مے مَہ بڑھاوِو یِنہٕ حدٕ نِشہِ یتھہٕ پأٹھۍ نصاراہو بڑھوو حضرت عیسیٰ ابن مریم
بہٕ چھس بس خُدایہ سُند بندہ تہٕ رسول لہٰذا ؤنِو مے خُدایہ سُند بندہ تہٕ رسول۔

بییس اکس حدیث پاکس منز فرموٗدکھ:

اِنَّ مَنْ كَانَ قَبْلَكُمْ كَانُوْا يَتَّخِذُوْنَ قُبُوْرَ اَنْبِيَآءِهِمْ
وَصَالِحِيْهِمْ مَسَاجِدَ اَلَا فَلَا تَتَّخِذُوا الْقُبُوْرَ مَسَاجِدَ
اِنِّیْ اَنْهَاكُمْ عَنْ ذٰلِكَ ۔ (مسلم عن جندب)

توہہ برونہہ یم لوکھ اَسی تِم آسی پننین نبیَن تہٕ نیک انسانن ہنزن
قبرن سجدٕ گاہ بناوان۔ خبردار تُہۍ بناوِزِ نو تہٕ قبر سجدٕ گاہ بہٕ چھُس
توہہ اَمہِ نِشہِ منع کران۔

قرآن وسنتکیو یم ارشادات چھ نعت گوئی ہنز فکری اساس تہٕ امچہ سرحدٕ
واضح پأٹھۍ مقرر کران تہٕ قرآن چھُ بذاتِ خود نعت گوئی ہندی بہترین نموٗنہٕ پیش کران۔
اکہ لحاظہ بوزو تیلہِ چھُ سورے قرآن نبی اکرم صلی اللہ علیہ وسلمن ہُند نعت۔ الحمد
پیٹھہ الناس تام کُس آیہ کریم یا سورۃ شریف چھُ سُہ یمہِ کِس پۆت منظرس منز صاحب
قرآن صلی اللہ علیہ وسلم ہنز پاک تہٕ مقدس ذات موجود چھےٚنہٕ۔ واریاہ عظیم صوفیاء
مثلاً شیخ محی الدین ابن عربی تہٕ شیخ سید عبدالقادر جیلانیؒ چھِ نبی اکرم صلی اللہ علیہ وسلمنے
لوح محفوظ تہٕ حقیقت الاسمائیہ مانان۔ چنانچہ شیخ جیلانیؒ سُند یہ مشہور شعر چھُ اَتھ
حقیقتس کُن اشارٕ کران:

اَفَلَتْ شُمُوْسُ الاَوَّلِیْنَ وَشَمْسُنَا
اَبَدًا عَلٰی اُفُقِ الْبَقَاءِ لَا تَغْرُبُ

برونہم ساری اقتابہ لوسی مگر سون آفتاب
روزِ ہمیشہ بقاءِ دوالکس افقس پیٹھ چمکان

اقبال چھ امہ کھوتہ زیادہ صراحتہ سان ونان:

نگاہِ عشق و مستی میں وہی اوّل وہی آخر
وہی قرآں وہی فرقاں وہی یٰسیں وہی طٰہٰ

تاہم چھ قرآنس منز کینہہ مقام تم یتھۂ کاینانک پادکرن وول سیدِ سیود پننس تخلیقی شاہکارس تہ حاصلِ کون و مکانس نعت خوانی چھ کران - کنہٕ چھ تہند عبدیتک مجوبانہ تذکرہ - عبد نہ بلکہ عبدہٗ آسنک تکیاز

عبد دیگر عبدہٗ چیزے دگر
ما سراپا انتظار او منتظر

خدا فرماوان:

سُبْحَانَ الَّذِیْ اَسْرٰی بِعَبْدِهٖ لَیْلًا مِّنَ الْمَسْجِدِ الْحَرَامِ اِلَی الْمَسْجِدِ الْاَقْصٰی (بنی اسرائیل)

پاک چھے سو ذات یمی پننٕ بند رات کیت سال کرنوو
مسجد حرام پیٹھ مسجد اقصےٰ تام کنہ

کنہٕ چھ تہند منزگی تہ معلم کتاب و حکمت آسنکی تعریف:

لَقَدْ مَنَّ اللّٰهُ عَلَی الْمُؤْمِنِیْنَ اِذْ بَعَثَ فِیْهِمْ رَسُوْلًا مِّنْ اَنْفُسِهِمْ یَتْلُوْا عَلَیْهِمْ اٰیٰتِهٖ وَیُزَكِّیْهِمْ وَیُعَلِّمُهُمُ الْكِتٰبَ وَالْحِكْمَةَ وَاِنْ كَانُوْا مِنْ قَبْلُ لَفِیْ ضَلٰلٍ مُّبِیْنٍ۔ (آل عمران)

بیشک کور اللہ تعالیٰ ہن مومنن پیٹھ احسان یلہٕ تمی تموے اندر تمن کُن پیغمبر سوزئیس تمن برونہہ کینہ خدایہ سندی آیات

تلاوت ڇو ڪران، ۽ تهنجو نفس پاڪ ڇو ڪران تمن
ڪتاب ۽ حڪمت جي تعليم ڇو ڏيان اگرچه اهي ٻروهه
تم هنن وانگي گمراهي منجهه مبتلا آسي.

ڪٿي ڇهني تهنجي شان رحمة للعالميني هنجي مدح خواني:

فَلَعَلَّكَ بَاخِعٌ نَّفْسَكَ عَلَىٰ آثَارِهِمْ إِن لَّمْ يُؤْمِنُوا بِهَٰذَا الْحَدِيثِ أَسَفًا. (الكهف)

يانبي رحمت) باسان ڇو اگر ته يم ايمان ان تو سڀهه ڇهنو
پهنجي دادمن بيته ٻنهن پان گاڻ لته.

لَقَدْ جَاءَكُمْ رَسُولٌ مِّنْ أَنفُسِكُمْ عَزِيزٌ عَلَيْهِ مَا عَنِتُّمْ بِالْمُؤْمِنِينَ رَءُوفٌ رَّحِيمٌ. (التوبه)

تو هر ڪن آو تو هه اندر اڪهه رسول تيمس تهنجي تباهي ته نقصان
سته دس تڪليف ڇو واتان ٻنيه يس مومنن هند خاطر رحيم
ته شفيق ڇو.

ڪٿي ڇو تهنجي محموديتڪ ته رفع ذڪر ڪ دلنواز بيان:

عَسَىٰ أَن يَبْعَثَكَ رَبُّكَ مَقَامًا مَّحْمُودًا (بني اسرائيل)

جلدے ڪر توهه تهنجو رب مقام محمود عطا.

أَلَمْ نَشْرَحْ لَكَ صَدْرَكَ وَوَضَعْنَا عَنكَ وِزْرَكَ الَّذِي أَنقَضَ ظَهْرَكَ وَرَفَعْنَا لَكَ ذِكْرَكَ. (الانشراح)

يانبي ڪيا اسه کهول نا تهنجي خاطر تهنجو سينه ته ٽيمي لورن
تهنجو ڪمر مبارڪ ٿو ڪرومت اوس ٿو وول نا تهنجو لوبهيڪيو
بنيه ڪورنا تهنجو ذڪر بلند و بالا.

إِنَّا أَعْطَيْنَاكَ الْكَوْثَرَ ۝ فَصَلِّ لِرَبِّكَ وَانْحَرْ ۝
إِنَّ شَانِئَكَ هُوَ الْأَبْتَرُ ۝ (الكوثر)

یا نبی اَسہِ کوثر توہ ہے کوثر عطا۔ پس پرٛوتھ نماز تہٕ کرٛو قربانی۔
تہٕنٛد دُشمنے آسہِ پتو بے نام ونشان۔

کُنہٕ چھُ تہٕنٛدِ معصومیتُک اعلان جانفزا۔

وَمَا يَنطِقُ عَنِ الْهَوَىٰ۔ إِنْ هُوَ إِلَّا وَحْيٌ يُوحَىٰ (النجم)

تم (نبی برحق) چھنہٕ خواہش نفسہ مطابق کلام کران یہ چھہٕ
وحی یُس تمن پیٹھ نازل چھہٕ سپدان۔

کُنہٕ چھُ سرِ دلبراں انتہائی خوشتر پیرایس منز ظاہر سپدان درحدیثِ دیگراں
یتھٕ زن ربِ کائنات پننس جوبہ ہنز شانِ محبوبی تہٕندین دشمنن عتاب کرِتھ
جتلاوان چھُ مثلاً

قَدْ نَعْلَمُ إِنَّهُ لَيَحْزُنُكَ الَّذِي يَقُولُونَ فَإِنَّهُمْ لَا يُكَذِّبُونَكَ وَلَٰكِنَّ الظَّالِمِينَ بِآيَاتِ اللَّهِ يَجْحَدُونَ۔ (الانعام)

اَسہِ چھے خبر (یا نبی صلی اللہ علیہ وسلم) یہنز وکتھو ستہٕ چھُ تہٕندس دِلس
تکلیف واتان۔ یم چھینہٕ توہہ جھٹلاوان بلکہ چھہٕ اللہ تعالیٰ ہٕندین آیاتن
ہُند انکار کران۔

وَإِن كَادُوا لَيَسْتَفِزُّونَكَ مِنَ الْأَرْضِ لِيُخْرِجُوكَ مِنْهَا وَإِذًا لَّا يَلْبَثُونَ خِلَافَكَ إِلَّا قَلِيلًا (بنی اسرائیل)

یا نبی یمو منکر وادس کمرِ گوٚنڈمُت توہہ یتھہٕ سرزمینہٕ منزٕ نیبر کڈنہٕ خاطرٕ
مگر اگر تہٕ یہ سپدِ ہے تیلہٕ روزہن تہٕ یم توہہ پتہٕ زیادٕ کالس زندٕ۔

تَبَّتْ يَدَا أَبِي لَهَبٍ وَتَبَّ۔ (اللہب)

اتھ پیٚیہٕ وٚستھ ابولہبس بنیہٕ سپد سُہ نامراد۔

کُنہٕ چھُ تہٕندِ قربِ الٰہیک پُراسرار تذکرہ۔

مَا زَاغَ الْبَصَرُ وَمَا طَغَىٰ۔ لَقَدْ رَأَىٰ مِنْ آيَاتِ

رَبِّہِ الْکُبْرٰی (النجم)

نہ گوو تہنز نظر پھیرِ نہ گئیس کانہہ غلطی۔ بے شک وُچھ تمؠ پننس ربہٕ سندی عظیم نشانہ۔

وَالضُّحٰی۔ وَالَّیْلِ اِذَا سَجٰی۔ مَا وَدَّعَکَ رَبُّکَ وَمَا قَلٰی۔

صبحکہ گاشک قسم۔ راتہٕ ہندِ قسم یلہٕ سہ چھپاوان چھے۔ نہ ترووکھ تُہ پننہ ربن نہ چھےٚ سہ ناراض تژنے۔ (الضحیٰ)

وَمَا رَمَیْتَ اِذْ رَمَیْتَ وَلٰکِنَّ اللّٰہَ رَمٰی (الانفال)

یا رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم یلہٕ تُہ (معرکہٕ بدرس منز کفارن پیٹھ بکھ) چھیٚنچو سہ چھیٚنچو نہ تُہ بلکہ چھیٚنچ اللہ تعالیٰ ہن۔

نہ کُنہ چھُ ساری پردِ تُلتھ خالق کائنات پننس محبوبہٕ سند جانک قسم کھوان۔

لَعَمْرُکَ اِنَّھُمْ لَفِیْ سَکْرَتِھِمْ یَعْمَھُوْنَ۔ (الحجر)

جانہٕ جانک قسم (یا نبی اتم (قوم لوط) آسی نشس منز آنی گامتی۔

اَللّٰھُمَّ صَلِّ وَسَلِّمْ عَلٰی حَبِیْبِکَ مُحَمَّدٍ وَّعَلٰی اٰلِہٖ وَ اَصْحَابِہٖ اَجْمَعِیْنَ۔

---

"ناو چون کرٚ انکھ زن کلمچہٕ واجے
شاہِ معراجے کرسون پارے"

مقبول کرالہ واری

---

چون گُل روخ چھُ بلبلن اوراد
کھوٚد وٚتھکھ سیوٚد خم گرتھن شماد

پروفیسر رشید نازکی

## عربی شاعری
## منز مدحِ رسولؐ کی تہ
# نعتیہ اظہارُک ابتدائی نقوش

ڈاکٹر شاد حسین

عربی شاعری منز خیر البشر حضرت محمد مصطفیٰؐ سندین تعریفن تہٕ مدحن ہنز ورتھنے کرنہٕ بُرونٹھ چھُ یہ ضروری باسان زِ گوڈٕ یہِ مو مختصر پاٹھۍ تمن مدحن ہند پوٚت منظر پیش کرنہٕ۔ آنحضرتؐ ہندِ نبوت کہِ زمانٕچ چھِ زٕ اہم حصہٕ، اکھ گوو مکّی زمانہٕ تہٕ بیاکھ مدنُک زمانہٕ۔ یمن منز روزِنس دوران آو تہٕ شاعری منز تہندِ جمال و جلالُک خاص تذکرٕ کرنہٕ۔ اما پوٚز تہندِس پیچہِ بابہٕ ابوطالب صابس کُن چھِ کینہہ قصیدٕ منسوب کرنہٕ یوان، یمن منز تہند تذکرٕ میلان چھُ۔ ابوطالب چھُ یمن قصیدن منز یہِ باوان زِ تمِس چھُ پننِس باتھرس پیٹھ ناز زِ سُہ کرِ اُمی سنز راچھ راوٕٹھ بامے تمِس کیاہ تہٕ پیٚیہِ برداشت کرُن۔ اَمی قسمک اکھ قصیدٕ چھُ آنحضورنؐ ہندِس بیٚیہِ اَکِس پیچہِ بابِس یعنے حضرت حمزہسؓ کُن منسوب کرنہٕ یوان۔ دپان یُہ قصیدٕ وٚنِتھ تموٚ تمہٕ وِزِ تیلہٕ تموٚ اسلام قبوٗل کوٚر۔ اَتھ منز چھُ سُہ پننِس باپتھ ہندِس نبی آسنس پیٹھ نوٗشان تہٕ یہِ کتھ ڈٕراوان زِ ہاشمی خاندان کرِ تہنز حفاظت ہرگاہ اَمہِ قصیدُک تہٕ ابوطالب صابنین قصیدن ہند اصلی موضوع فخر چھُ مگر یمن منز چھےٚ آنحضرتؐ ہنزِ مدحچ پرلو تہٕ نظر گژھان۔ اَدٕ کِنہٕ سکن یم حضورنؐ ہنزِ مدحچ گوڈنیُک کوشش ماننہٕ یتھ۔ مثالہٕ پاٹھۍ چھُ ابوطالب صابس کُن یم شعر منسوب یمن منز چھُ سُہ آنحضرتؐ کُن مخاطب سپدِتھ ونان:-

ودعوتنی وزعمت انك ناصحی  ولقد صدقت وکنت ثمّ امینا

وعرضت دینا لا محالة أنه — من خیر أدیان البریة دینا
لولا الملامة أو حذار مسبة — لوجدتنی سمحا بذاك مبینا

ترجمہ :- اے میانہ بابِتھ ! ژےٚ دِژتھ مےٚ اِسلامچ دعوت تہٕ ژےٚ کوٗرُتھ خیال زِ ژٕ چھُکھ میٚون رُت کانٛچھن وول۔ ژےٚ سوٗ چھُکھ صحیح تہٕ ژٕ چھُکھ امانت دار۔

- ژےٚ کوٗرُتھ اکھ تُنبہٕ دین پیش یُس بےشک پٲنٛٹھی مخلوقن ہنٛدِ تمام دینو منٛز بہترین دین چھُ۔
- ہرگاہ مےٚ لُکن ہنٛدِ طرفہٕ تنقیدُک تہٕ ملامتُک ہٲبتہٕ آسہے نہٕ ژٕ وُچھہکھ زِ بہٕ آسہٕ ہا یہٕ دین قبوٗل کرنس منٛز سخی تہٕ فیاض۔

ذکر کرنہٕ آمتیو یمو قصیدو علاوہ آو نہٕ آنحضوٗرن ﷺ ہنٛدِس مکی دورس منٛز بیٚیہ کانٛہہ خاص قصیدہٕ ونہٕ۔ یہٕ کتھ گژھہٕ زانٛنۍ زِ مکہ شریفس منٛز اوس اسلام سیٹھاہ کرٕ ٹھِ مرحلہٕ طے کران۔ تتھ آزمایشی دورس منٛز ونہٕ آمُت مدحِ رسوٗلس ﷺ پیٹھ مشتمل سوٗرُے کلام ژُٹھ رِتھ نہٕ ہیکنہٕ ینٛکہِ وجوہات چھِ قابلِ فہم۔ تتھ دورس منٛز یمو کم کینٛژھا لُکو ایمان اوٚن تم تہٕ آسی پننٮ۪ن سماجس منٛز تختہٕ مشق بنان۔ کافر آسی مسلمانن کُن دٔلہٕ وُچھان تہٕ تہنٛز کوٗشش آس زِ تم ژھتھن نوٗرِ خدا ژھیپو راوِتھ مگر اللہ تعالیٰ ہس اوسنہٕ یہٕ منظوٗر۔ اکھ نوٚوُک مرحلس منٛز آس واقعاً ژھو یہٕ روہ یہٕ ہشنٛز۔ اَوِکنۍ روٗد مسلمان خاموشی سان دینچ دعوت پیش کرنس ستی زیادہ آہر۔

ابتدایی دورس منٛز آسی مکی قریش عام پٲٹھۍ اِسلامس کھنٛس بیٹھ۔ مگر اللہ تعالیٰ ہن دیت مدینہٕ کین لُکن سُلاگرِ یہٕ توفیق زِ تم کرِن اکھ برکتہٕ واٚلس پیغامس یکدم دِلس منٛز جاے۔ مدینہٕ بنیو اسلامُک منزٕل۔ خُدا صابن سوز پننس نبی یَس کُن یہٕ شیچھ زِ پننُ وطن تہٕ گھربار تراوِتھ واتِن تم مدینس اندر تہٕ اتہٕ کرِن پننہٕ مشنُک صدر دفتر قایم۔ مدینہٕ کیو لُکو کوٚر تمن وُرٕزھِ واٚنجہِ استقبال۔ تہنٛدِ خاطرٕ آس یہٕ اکھ بڈٕ بارٕ عید۔ مدینکۍ شُری کیو بڈۍ آسی خوشیہٕ مناوان۔

کورلو کوٚر روٗف تمن توگ یمہ آیہ مدحِ رسولس دِس تُلنہٕ ۔

طَلَعَ البَدرُ عَلَینا　　من ثنیاتِ الوداع

وجبَ الشُکرُ عَلَینا　　مادعا للّٰہ داع

اَیُّھا المبعوثُ فینا　　جئتَ بالامرُ المطاع

ترجمہ :- • وداع ناوکہِ بالہٕ تھوٚنگہِ پیٹھہٕ آو اَسہِ کُن یہ بھلہٕ ژٔندٕر (یعنی رسول کریمؐ) پننہٕ جلوٕ ہاوان ۔

• اَسہِ پزِ خُدا صابُن شُکر کرُن تکیازِ اُمی دعوت دِنہٕ والی دیُت اَسہِ کُنس خدایس بندِ عرفانُک دعوت ۔

• اے اَسہِ کُن سوزنہٕ آمتہٕ شانہٕ بڈٕ پیغمبر جانہٕ ڈسی پیش سپدن واُنس حُکمس پیٹھ پزِ نہٕ پاٹھۍ تعمیل کرنہٕ ۔

باسان چھُ زِ نٔنہٕ گو دِیوے شعروسٕتی آنحضرتؐ سندِ مدحُک پزرلوٗن زمانہٕ پزٕ پاٹھۍ شروٗع ۔ مدینس کُن ہجرتہٕ پتہٕ آو اسلامُک شاندار تواریخ وجوٗدس ۔ اَتہٕ کرُ اللّٰہ تعالیٰ ہن اسلامس سیٹھاہ بڈٕ یاری ۔ یہ سوٗرے شہر اوٚز زلیو اسلامہٕ کہِ نوٗرہٕ ستی ۔ مسلمان آسی نبی یس اندی اندی زن گنٛڈ کران ۔ مدینس منٛز آسی زٕ بٔڈی قبیلہٕ اکھ آسی اوسؔ ونان تہٕ بییس آسی خزرج ونان ۔ تِم آسی پانہٕ وٲنی رنٛس رکنہٕ کران ۔ مگر مسلمان بننہٕ پتہٕ سپد تمن نمک تہٕ ماذِک ہیوٚ میٖل ۔ مدینس منٛز اسلامُک یہ وده تھ جار کتہٕ پیہ ہا دُشمنن زرو نہٕ ۔ لہٰذا روٗدی ملکچ کاز مدینس اندی ٹکھ تہٕ مقامی یہوٗدین ستی یکہٕ وٹہٕ سنٛز واری کران ۔ تموکرِ مسلمانن خلاف تلوار تہٕ نیز استعمال مگر نجُل خارٕی تہٕ پیٲیٔ سوآے میوٚ لگھ نہٕ کیہنہ ۔ اَمہِ ستی میوٚل تہندین انتقامی جذبن وُتش تہٕ تہندو شاعرو کھوج مسلمانن تہٕ آنحضرتؐ خلاف زلو تہٕ ونکھ تہندی ہجو ۔ یہ بے بُنیاد بروہ یہ گنڈا ہیکہ ہا اسلامس سیٹھاہ زکھ واتہٕ ناوِتھ تکیازِ شعر آسی عربن ہندین دِلن منٛز سٕنتھ گژھان ۔ مشہوٗر مستشرق ( R·A NICHOLSON ) چھُ اسلامہٕ بروٗنٹھین عرب شاعرن ہنٛز اہمیت ییٚتھ کٔنی باوان ۔

EVERY TRIBE HAD ITS POETS WHO FREELY UTTERED WHAT THEY FELT AND THOUGHT. THEIR UNWRITTEN WORDS FLEW ACROSS THE DESERT FASTER THAN ARROWS AND CAME HOME TO THE HEARTS AND BOSOMS OF THOSE WHO HEARD THEM.

A LITERARY HISTORY OF ARABS: P. 73

کاُفرو ییلہِ مسلمانن خلاف شاعری ہندِ ذریعہٕ تہٕ اَمہِ قسمُک جنگ شروٗع کوٚر تام لوگ آنحضرتوٚ ﷺ ییٚنہٕ خاص بصیرتہٕ سٍتۍ اَمہِ قسمِچہِ غلط شاعری ہندِ ناکارہٕ اثرُک اندازٕ۔ تِموٚ دِژ وٚلۍ وٚلۍ مُسلمانن ژٕیینہٕ وٚن تہٕ وۄنُہکھ "یِموٚ لوٚکو خُدائس تہٕ تٔہندس پیغمبرس ییٚنہٕ پنٕنو ہتھیارو سٍتۍ مدد کوٚر تِم کیازِ چھِنہٕ پنٕنو زبٲنو سٍتۍ تِمن مدد کران"۔ یہِ نبوٗنُک اشارٕ لٔبِتھ درایہِ حسان بن ثابت، کعب بن مالک تہٕ عبداللہ بن رواحہ شعرٕ مٲدانس کُن تہٕ کٔرکھ شاعری ہنٛز وٚ تلوارو سٍتۍ تہٕ اسلامٕچ راچھراوٕھ۔ یِم شاعر اَسۍ پنٕنو شعرو سٍتۍ دشمنن ہندین اَسن کھوٚپ دِتہٕ علاوٕ اسلامٕچ فضیلت تہٕ آنحضرتن ﷺ ہند کھٔزر تہٕ بجر تہٕ وٕرٕھناوان۔ یِتھٕ کٔنۍ آو عربی ادبس منٛز آنحضرتن ﷺ ہُند مدح باضابطہٕ پٲٹھۍ بارسس اَمہِ پتہٕ ہاوۍ شاعرو اَتھ مدحس منٛز نوٚۍ نوٚۍ رنگ تہٕ نوٚۍ نوٚۍ طرح۔

عہدِ رسالت کِہن یَن ترٛین ہم عصر شاعرن متعلق چھُ اَکِس دوٚن کتھَن کُن ضمنی اشارٕ کرُن ییٚتہٕ لٍس مُفید تہٕ دلچسپ باسان۔ تکیازِ تِموٚ سٍتۍ چھِ اسلامس منٛز شاعری ہندِس مقصدٕس تہٕ اہمیتس بلیغ پٲٹھۍ باوَتھ سپدان۔ مثلاً یہِ کتھ یٔتیٚچ رٕوایت علامہ ابن اسحاق حضرت تمیم داری ہندِس غلام ابوالحسن سُند حوالہٕ دِتھ ییتھٕ پٲٹھۍ کران چھِ زِ ییلہِ "وَالشُّعَرَآءُ یَتَّبِعُهُمُ الْغَاوُنَ" (ترجمہ: شاعرن ہنٛز پیروی چھِ تِم کران یِم گمراہ چھِ) آیت نازل سپُد تہٕ اصحابَن اَیہِ خبر، تِم تام آیہِ حضرت کعب بن مالک، حضرت حسان بن ثابت بٕتہِ حضرت عبداللہ بن رواحہ حضورن ﷺ ہندِس خدمتس منٛز دوان تہٕ کوٚرُکھ عرض "یارسوٗل اللہ ﷺ

یمہ وقتہٕ اللہ تعالیٰ ہن یہ آیت نازل کوٚر سہٕ اوس بخوبی ینہٕ زانان زِ اَسی تہٕندی فِدوی تہٕ چھِ شاعر" حضورو دیُت تمن دِلاسہٕ تہٕ فرمووکھ تہٕ چھو نہٕ تمن شاعرن منز شامِل یمن ہنز نشاندہی اَتھ آیتس منز سپز مژ چھےٚ بلکہ چھو تہٕ تمن شاعرن منز شامل ینہٕ ہنز نشاندہی اَمہ پتہٕ کِس آیتس منز پتھ پاٹھۍ سپز مژ چھےٚ "اِلاَّ الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوْا الصّٰلِحٰتِ وَذَکَرُوا اللہَ کَثِیْرًا" ترجمہ:۔ (امّا پوٚز تمن لُکن (شاعرن) ہنز کتھ چھےٚ بدل یمو ایمان اَنِتھ تہٕ نیک عمل کٔرِتھ اللہ تعالیٰ بکثرت یاد کوٚر)

بییہ اکہٕ وقتہٕ کوٚر حضرت کعبن حضورنؐ التماس "یارسول اللہؐ شعرو تنس متعلق کیا حُکم چھُ تہٕند خیال؟ حضورؐ فرمووُس در جواب "شعر ونُن چھُنہٕ کانہہ کھاک، اکھ مسلمان چھُ تلوارِ سِتۍ بییہ زیوٚ سِتۍ یعنے یمو دوشوٚ سِتۍ جہاد کران"

حیات اقدسٕ دوران دربار رسالتس سِتۍ وابستہٕ روزن والیو یمو شاعرو کٔر مدح رسول کٔرِتھ بالمشافہ پاٹھۍ آنحضورنؐ ہنز خوشنودی حاصل۔ پتہٕ یلہٕ آنحضرتؐ عالم عقباہس کُن منتقل پیہٕ مسلمانن ہندِ خاطرٕ اوس تہٕند فراق سیٹھاہ کرٕ ٹھ۔ تہٕندین غم کین جذبن لوٚگ وُتش تہٕ تمو وٚنہٕ کینہہ مرثی یمن منز شاعرو تہٕندِ فراقُک دود باوُنہٕ علاوہ تہٕنز خوبیہ تہٕ رٔژر بییہ فضیلژ تہٕ برکژ وِرٔژھنا وٕنچ کوٗشش تہٕ کٔر۔ یتھہٕ کٔنۍ سپد عربی ادبس منز آنحضرتنؐ ہندِ مدحُک اکھ قابلِ قدر ذخیر جمع۔ یم مدح چھِ عام پاٹھۍ قصیدن تہٕ شعر صنفن منز ورگہ پاٹھۍ۔ وونہٕ زن گوو کینہہ قصیدہ تہٕ نظمہ آیہ ترٔژھ تہٕ وٚنہٕ یمن منز خالص حضورنؐ ہند تذکرٕ میلان چھُ۔ مدحکۍ یم مختلف نموٗنہٕ ہیکن اسلوبہٕ کِنۍ ژورن صورژن منز باگرنہٕ یِتھ۔

١۔ تقلیدی مدح

٢۔ فخریہ مدح (فخر کین قصیدن منز)

٣۔ مرثیہ مدح (مرثیہ کین قصیدن منز)

٤۔ سیدٕ سیوٚد مدح۔

بوٚنہٕ کنہٕ ییہ یمن سارِنے شکلن ہنز مثالوٚ سِتۍ وِرٔژھنے کرنہٕ۔

۱۔ تقلیدی مدح :- آنحضرتؐ ہندِس زمانس منز ڈٗنی واریاہو شاعرو
رِوایتی اندازس منز قصیدٕ۔ یِم قصیدٕ آسہ جاہلی رسمہٕ موجُب غزل یا تشبیبہ
سٟتۍ شروٗع گژھان۔ پَتہٕ اوس شاعر اوٚنٹہٕ، صحرا یا باقی نظارن ہُند وصف
بیان کرِتھ دُشمن سُند ہجو یا پَنہٕ قومُک یا خاندانُک فخر پیش کران۔ چھیکرس
اوس پَنہٕ ممدوح۔ سُند تذکرٕ کران۔ حسان بن ثابتنۍ چھِ یتھی واریاہ قصیدٕ
موجوٗد۔ یہ کتھ چھےٚ بٕنتہٕ ضمناً" عرض زِ حسان بن ثابتؓ آسہ انصارو
منز تہٕ آسہ آنحضرتؐ ہندۍ بڈۍ صحاب صابوٗ ہنز۔ تِم چھہ آنحضرتؐ ہندی
گوڈنکۍ شاعر مانہٕ یوان۔ حضورؐ آسہ تِمن ہکہٕ شاباش کران تہٕ ونان" اے
حسان ژٕ دِ بدزبانن میانہٕ طرفہٕ جواب، اے خدایہٕ! حضرت جبرئیل زِ ذریعہ
کرُن مدد" [ أُجب عنّی اللّٰھُمّ أیّدہ بروح القدس ]۔ حضرت
حسانُن اکھ مشہوٗر قصیدٕ چھُ یتھہٕ کٕنۍ شروٗع گژھان۔

عفت ذات الأصابع فالجواءُ
إلى عذراءَ منزلُها خلاءُ

امہِ قصیدُک اصل غرض چھُ مشرکن ہنز مذمت کرٕنۍ تہٕ حضورؐن ہندی
تعریف کرٕنۍ۔ ابو سفیانن آس مکہٕ فتح سپدنہٕ برونٹھ پننین شعرن منز آنحضرتؐ
ہُند ہجو کرمُت۔ حضرت حسان چھُ تمس اتھ بیٹھ جواب دِوان:

هجوتَ محمّداً فأجبتُ عنه — وَعندَ اللهِ في ذاكَ الجزاءُ
أتهجوه ولستَ له بكفءٍ — فشرّكما لخيركما الفداءُ
هجوتَ مباركاً براً حنيفاً — أمينَ اللهِ شيمتُه الوفاءُ
فمن يهجو رسولَ الله منكم — ويمدحه وينصره سواءُ
فإن أبي ووالدَه وعرضي — لعرضِ محمّدٍ منكم وقاءُ
لساني صارمٌ لا عيبَ فيه — وبحري لا تكدّره الدلاءُ

۞ اے ابو سفیانہٕ ژےٚ کرِتھ حضورؐن متعلق بدکلامی تہٕ مےٚ دیُتمےٚ جواب
امیُک بدلہٕ میلہِ مےٚ خدایس نِشہٕ۔

- ژرے وُنی تھا تمی ہندی ہجو یٚمس لِشہٕ پٮ۪ٹھ ژرے کانٛہہ حیثیت چھے۔ سون دُعا چھُ زِ توہہ دٕیو منزٕ یُس اکھ بد چھُ سُہ اُہن نیک اُکس پیٚٹھ فدا۔
- ژرے وُنیتھ اُکس برکتہٕ وآلِس، نیک تہٕ خُدا پرست انسان سٕنز ہجو، یُس خُدایہ سُند امانت دار چھُ تہٕ یٚمی سٕنز خصلت وفاداری چھےٚ۔
- توہہ منزٕ یُس آنحضرتؐ سٕند ہجو وَنہٕ (تمہ سٕتی بیٚیہٕ تہٕ تٔہندِس ذاتس پیٚٹھ کانٛہہ فرق)۔ یتھ کٔنی تہٕ تمن کانٛسہٕ ہند پلزٕ تہٕ مدح کرنہٕ سٕتی کانٛہہ سو چھُ واتہٕ (تکیازِ خُدا چھُ تمن پانہٕ مددگار)
- میانی آبا و اجداد تہٕ میون حسب و نسب چھُ آنحضرتؐ ہندِس عزتس تہٕ شرفس باوتھ کرِتھ توہہ بدزبانن ہندِ شرٕ نِشہٕ راچھ کران۔
- میانی زٮ۪و چھےٚ ایزٕس وُچھ ژٹن واجنی تلوار تہٕ اَتھ منز چھنہٕ کانٛہہ عاب۔ میانِس کلامہ سوٚدرس ہکن نہ بدزبانن ہندی آبہٕ ملٕرِ گرُٹھ بناوِتھ۔ غالباً چھُ شاعر یتھ آخری شعرس منز سوٚدرُ وُنِتھ آنحضرتؐ ہندِس ذکرِ خیرس کُن اشارٕ کران۔

روایتی قصیدُک بیاکھ نمونہٕ چھُ کعبؓ بن زہیرٕن مشہور "لامیہ قصیدہ" یتھ قصیدہ بُردہ تہٕ ونان چھِ تکیازِ آنحضورؐ کٔری یِم قصید بوزنہٕ پتہٕ حضرت کعبس پننی ردائے مبارک (ژادر) عنایت۔ کعب اوس مکہ مکرمہ فتح سپدن برونٹھ مسلمانن ہند سخت دُشمن۔ یہٕ دُشمنی ورتاوِ تمی پتہٕ پنن شعرن منزٕ، امہ کنی آوُ سُہ واجب القتل قرار دِنہٕ۔ پتہٕ لٔس بأے ہندِس مشورس پیٚٹھ اوٚن تمی طائف کہ غزوہ پتہٕ حضورؐ ہندِس دربارس منز یتھ ایمان۔ حضورؐ کوٚر تٔہند جرم معاف۔ اَتھ موقعس پیٚٹھ کوٚر تمی اکھ قصید پیش یٚمیک وُنی تذکرٕ کرنہٕ آو۔ امہ قصیدُک گوڈٕ شعر چھُ یتھ کٔنی:

بانت سعاد فقلبی الیوم متبول — متیم اثرھا لم یفد مکبول

امہ قصیدکِ آخرس پیٚٹھ چھُ کعب پننی صفائی پیش کرِتھ حضورؐن تہٕ

یِہاجرٕن ہُند مدح کران تہٕ ونان

اُنبئت أنّ رسول الله أوعدَني
والعفوُ عِندَ رسول الله مأمُول
مهلاً هداك الّذي اعطاك نافلةَ ال
قرآن فيها مواعيظُ وتفصيلُ
لا تأخُذَنّي بأقوال الوُشاةِ، ولم
أُذنب، ولو كثُرت فيّ الأقاويلُ
إنّ الرسول لنورٌ يستضاءُ بهٖ
مُهنّدٌ مِن سُيُوفِ الله مسلُولُ

ترجمہ:
- مےٚ آو وَنہٕ زِ حضرتو چھےٚ مےٚ دھمکی دِژمٕژ حالانکہ (بہ چھُس وچھان ز) تمن نشہِ چھےٚ ہمیشہ معافی ہنٕز ومید آسان۔
- (اے حضورؐ) ٹھہر وحص سو ذات کرٕ ونو حص تو ہہ رہنمائی ییمہِ تو ہہ قرانٕچ نعمت عطا کٔرٕ نو یتھ منٛز نصیحت تہٕ (خدایہ بندٕ ین) حکمن ہنٕز وضاحت چھےٚ۔
- (اے حضرت نبیؐ) چوغلی کھینہٕ والین ہنٛزن کتھن پیٹھ مہٕ حص رٔٹو مےٚ۔ یوٚتہ نےٚ یوٚزِ و مےٚ چھُنہٕ کانہہ جُرم کوٚرمُت اگرچہ مےٚ متعلق واریاہ کتھ کرنہٕ چھِ یوان۔
- رسول کریمؐ چھِ اکھ نوٗر یمہِ سٕتہ ژٕ وپاری گاہ چھُ ییوان۔ تم چھِ (ظُلمس تہٕ کُفرس خلاف) اللہ تعالیٰ ہنٛز اکھ ہندی تلوار یوٚسہ غلافہٕ روٚس چھےٚ۔

آخری شعرس متعلق چھُ یہ ونُن ضروری زِ یرٛانٕس زمانس منٛز اٚس ملک ہندٕچ تلوار بہتر کالٹی ہنٛز مانٛنہٕ یوان۔

۲۔ فخریہ مدح:۔

کُفرس خلاف جہاد کرنس دوران آسہِ مسلمان شاعر کافرن پیٹھ نفسیاتی دباو تراونہٕ خاطرٕ فخرچہ تہٕ حماسچہ شکلہِ منٛز شعر ونان۔ یہ اٚس اکھ حکمتِ

علی۔ شاعر آسی مسلمانن ہند روعبکی تہ دبدبکی باتھ گیوان تہ ستی ستی آسی آنحضرتن صلعم
ہنز بہادری تہ تہندن باقی خوبین ہند تذکرہ کران۔ امہ قسمک اکھ قصیدہ
چھ حضرت کعب رضہ بن مالکن یتھ کنی شروع کورمت۔

قفینا من تہامة کل ریب      وخیبر ثم اجمعنا السیوفا

• تہامہ تہ خیبر حوِ جایو کاسی اسہ (کفرکہ تہ شرکہ) ساری شک امہ پتہ کرہ
اسہ تلوار جمع۔

یہ کتھ چھنے وننس لایق زِ حضرت کعب آسی آنحضرتن صلعم ہندی خاص صحابی۔
تم آسی حضرت حسان رضہ بن ثابتس پتہ آنحضرتن صلعم ہندی دویم شاعر مانہ یوان۔
ییلہ مسلمان جنگِ طائفس کن درائے۔ کعب بن مالکن وون اکھ قصیدہ ییمک
ونی تذکرہ کرنہ آو۔ سہ چھ طائفکین لوکن اسلام قبول کرنک مشورہ دوان تہ
ستی ستی چھکھ مسلمانن ہند طاقتک ہابتھ تہ تراوان۔ اتھی قصیدس منز چھ
سہ حضورن صلعم ہند تذکرہ یتھ کنی کران۔

رئیسهم النبی وکان صلبا      نقی القلب مصطبرا عزوفا
رشید الأمر ذا حکم وعلم      وحلم لم یکن نزقا خفیفا
نطیع فینا و نطیع ربا      هو الرحمن کان بنا رؤوفا

ترجمہ:۔ اتھ (مسلمانن ہندس پرشوکت لشکرس) چھ بانہ حضرت
نبی صلعم سردار۔ تم چھ کافرن پیٹھ سیٹھاہ ذری، تم چھ پاک دل،
صبر والی تہ سیٹھاہ سنجیدہ مزاز والی۔

• تہند پرتھ معاملہ چھ سرزس پیٹھ قایم، تم چھ گاٹلہ تہ علمہ والی،
بییہ چھ تم بردبار، نہ چھ تم طیشس یوان لاینہ تہ نہ چھکھ لوتر۔

• اسی چھو پننس نبی یس پتہ پتہ، بییہ کرو پننس پروردگار سنز اطاعت
سہ چھ رحم کرن وول تہ اسہ پیٹھ چھ سیٹھاہ شفیق۔

غزوہ خندقس منز پیؤ مسلمانن سیٹھاہ ہکن۔ یہ جنگ لوڈ
مسلمانو مدینہ پیٹھ مشورہ روزتھ۔ آنحضرتن صلعم ہنز رہنمائی منز کھنز مسلمانو شہرس

شمالہ کِنۍ اکھ سٕرٕنٛز کھے (خندق)۔ کافر روٗدی تقریباً اَکِس رَتَس اَمہِ کھیٚہ اَپار ڈیرہ تراوِتھ مگر پوٗتَس کرٕکھ خُداصابن چھلہِ وٕدِر۔ اَمہِ جنگہٕ پیٹھ دِژِ اَکی کافر شاعرن، یُس ضرار بن خطاب ناو اوس، مسلمانن پامہٕ زِ تموٗ تھاوی مسلمان اَکِس رَتَس ولِتھ پانٛژھ آدری۔ تہٕ ہرگاہ کھے بُتھِ آسہاہٕ تمو (کافرو) آسہن مسلمان نعوذ باللہ ختمے ژھٕنۍ میٚتۍ کرِتھ۔ کعبؓ بن مالک چھُ اُمِس کافرس اَکِس قصیدس منٛز جواب دِوان تہٕ ونان

صبرنا لا نری للہ عدلاً — علیٰ ما نابنا متوکلینا
وکان لنا النبی وزیر صدقٍ — بہ نعلو البریۃ اجمعینا

ترجمہ:۔ • یہ کینٛژھا اَسہِ پیش آو، خُداصابن ستھ ہیتھ کوٚر اَسہِ تَتھ پیٹھ صبر۔ اَسہِ چھُنہٕ خُداصابس ہیوٗ کانٛہہ باسان۔

• حضرت نبیؐ چھُ سون پزٕ ہیوٗر مشورٕ دِنہٕ وول تہٕ وتہٕ ہاوُک۔ تٔہندی حُکم پالتھ کرو اَسی سارِنٕے مخلوقن پیٹھ تھزر حاصل۔

غرض مسلمانن اُس خداصابنہِ مدتچ آش تہٕ وومید۔ بیٚیہ اوس اکھ کاٹھ وَنہٕ ہاوُک عزت تہٕ اُکنۍ اوس پنٕہ تمن کانٛہہ پرولے۔ دوٚیمِس شعرس منٛز چھُ شاعر آنحضرتؐ سٕنٛز جنگی حکمت علی کُن اشارٕ کران۔ اَمہِ پیٹھ چھُ حضرت کعبؓ مسلمانن ہنٛز بہادری تہٕ تٔہندِ روعبہٕ تہٕ دبدبُک نقشہ پیش کرِتھ منٛزی ونان:

لننصرا احمد اُوا اللہ حتی — نکون عباد صدق مخلصینا

(مسلمانن ہنٛز سرگرمی چھے اَمہِ موٗجُب) تاکہ اَسی کرو اللہ تعالیٰ ہس تہٕ آنحضرتؐ مدد۔ تیٚلی بنو اَسی پزی کنۍ خدایہ سٕند مخلص بندہ بنِتھ خدایی مددِکۍ حقدار۔

موٗخصر پانٛژھ چھِ یہ عرض زِ فخریہ کین قصیدن منٛز۔ اوس شاعر موقعہ میلے تھے پیٹھ پنٕنس رہبرُنٛد تذکرٕ کران تہٕ دشمنن برونٛہہ کنِہ تِہنٛز شانہٕ بزرگی تنبیہہ (ایج) پیش کران تاکہ کافر گژھن اسلامس کُن مایل۔

۳) مرثیہ مدح:۔ آنحضرتؐ ہٕنٛدِ انتقال پتہٕ وُنۍ واریاہو صحابیو تٔہندِس ذاتس منٛز قصیدہ یمن منٛز غم تہٕ دوٗکھ باوٕنہٕ علاوہ لیٚکھ پانٛژھ تٔہندی تعریف

کرنہٕ آے۔ مثالہٕ پأٹھۍ چھُ حضرت ابو سُفیان رضؓ بن حرب اکھ یُتھُے قصیدٕ یتھٕ کنۍ شروٗع کران؛

أرقتُ وَباتَ لیلی لایزولُ　　　وَلیلُ أخی المُصیبةِ فیه طُول

منے گے نیندر کامَن تہٕ میأنۍ راتھ سوریہٕ نہٕ۔ پۆز گوو یہٕ زِ مصیبت زدہ ہندۍ راتھ چھِ زیٹھے آسان۔

یہٕ مصیبت کیاہ اوس؟ یہٕ اوس نبی ؐ پاکن ہند دنیا ترٛاوُن۔

اَمہِ باوَتھ چھُ ابو سفیان رضؓ سیٹھاہ پُر اثر اندازس منز کران۔ مسلمانن چھُ وحی ہُند سِلسلہٕ ژھینہٕ نس پیٹھ سیٹھاہ افسوس۔ تِمن چھِنہٕ کانٛہہ اَتھ وَتھ لبان۔ ابو سُفیان چھُ سیٹھاہ وادیلا کران تہٕ چھُ آنحضرت ؐ ہندۍ احسان یاد کران تہٕ ونان:

أُصبنا بالنبی وَقد رزانا　　　مُصیبتُنا فمحملها ثقیل

نبیٌ کان یجلو الشکَ عنا　　　بما یوحی إلیه وما یقولُ

ویهدینا فلا نخشی ضلالاً　　　علینا والرسول لنا دلیلُ

فلم نر مثله فی الناس حیا　　　وَلیس لہٗ من الموتی عدیلُ

ترجمہ: • نبی پاکنہٕ ؐ دنیا ترٛاوِنہٕ ستۍ ووت اَسہِ مصیبت۔ اَسہِ دِژِ ووٗ اَتھ مصیبتس نکھ مگر یہٕ بار وٗترٛاوُن چھُ مُشکل۔

• سُہ عظیم نبی یُس تمہِ ستۍ سأنۍ شک کاسان اوس۔ یہٕ کینٛژھا تس کُن وحی پیدان اوس تہٕ یہٕ کینٛژھا سُہ زبانِ رسالتہٕ ستۍ پانہٕ فرماوان اوس۔

• سُے اوس اَسہِ ییٚنز وَتھ ہاوان۔ اُمہِ کِنۍ اوسنہٕ اَسہِ وَتھ راونک کانٛہہ اندیشے آسان۔ حضرت رسول ؐ اکرم اوسا سون مُرشد۔

• اَسہِ وُچھنہٕ لوٗکن منز تِمن ہِش کانٛہہ زِندٕ شخصیت۔ نہٕ چھُ موتک جام چینہٕ والین منز تِمن برابر کانٛہہ نظر گژھان۔

اَتھ قصیدس منز چھُ ابو سُفیان رضؓ حضرت فاطمہ رضؓ تعزیت کرِتھ تس کُن ونان:

وقُولِی فِی اُبیكِ وَلا تملی ... وَهَل یَجزِی بِفعلِ اُبیكِ قیلُ
فقبرُ اُبیكِ سیدُ كُلِّ قبرٍ ... وفیه سَیِّدِ النَّاسِ الرسولُ
صلاةُ اللهِ مِن رب رحیم ... علیه لا تحول ولا تزولُ

ترجمہ :- ○ اے فاطمہؓ پنٕنس بابہ صابس متعلق روزِ ژٕ (اَنکیہ تہٕ رٕژرٕ) تھکہٕ ورأے گنزران - (اگر پوٗز گو ویٚی زٕ) تہنٛز نیک کامہٕ کیتھ ہیکو گرٛنز منٛز تہٕ باوٕژ سنٛز انھ -

• چانس بابہ صابٕنٕ روضہٕ مبارک چھُ تمام قبرن ہُند سردار تہٕ تتھ منٛز چھِ لوٗکن ہُند سردار حضرت رسولؐ تشریف تھاوِتھ -

• تمن پیٹھ آسن عالم رٕچھنٕ وألس تہٕ رحم کرن وألس خُدایہ سنٛد طرفہٕ لچھہ بٔدٕ سلامہٕ - یمہٕ سلامہٕ رٔوزن تمن پیٹھ برابر جأری تہٕ یمن منٛز یِیٚن کانٛہہ سوتُر - آمین -

۴- سیٚد سیوٚد مدح : آنحضرتؐ ہٕندی صحابی آسی تہنٛدِ لولہٕ تہٕ عقیدتہٕ سٟتؠ سرشار - منٛزٕ اوس کانٛہہ صحابی تیوٚت بیتاب سپدان زِ شأعری ہٕندی رسم تہٕ رلواج اوٚک طرف ترٛاوِتھ اوس سُہ تہنٛدٕس شانس منٛز پننؠ شعر ڈالی پیش کران تہٕ پانس تسکین دِوان - یتھٕن نظمن تہٕ قصیدن منٛز چھُ نبی صابٕنٕ تذکرہ بێیِہ سیوٚد میلان - بوٗنہٕ کنہٕ چھِ یتھ کینٛہہ نموٗنہٕ پیش کرنہٕ یِوان -

آنحضرتن ہٕندی چچہ بابہ حضرت عباس صابس کُن چھُ امہٕ نوٚع ترٛایہ ہُند اکھ قصیدٕہ منسوٗب - یتھ منٛزٕ زن آنحضرتؐ ہٕندِ مدحُک نوٚوٕے اظہار دٕرینٛٹھ چھِ گژھان - شأعر چھُ ونان زِ حضوٗرؐ چھُ اکھ تیٚتھ نوٗر یُس حضرت آدمؑ، حضرت نوحؑ، حضرت ابراہیمؑ تہٕ بێیہ وارِیہن پاکباز صاحبن ہٕندِن لُشتن منٛز منتقل گژھان رُود - حضرت عباسؓ چھِ اتھ نورس کُن ونان -

من قبلها طِبتَ فِی الظِلالِ وفی ... مُستودعٍ حیثُ یُخصفُ الوَرقُ

تا

فنحنُ فی ذالكَ الضیاءِ وفی النو ... رِ وسُبلُ الرَّشادِ نخترِقُ

(اَکھ شعر) ترجمہ تہٕ مفہوم:

- (اے نورِ نبی) یِمہٕ عالمہٕ برونٹھ اوٗسکھ ژٕ (آدمس سٟتؠ سٟتؠ) جنتہٕ کِین شِہجارن تل سوکھ سان روٗزِتھ۔ یِیہٕ اوٗسکھ ژٕ جنتچہِ تتھ جایہِ تہٕ حاضر یِیتہٕ ننگہٕ پانن پنہٕ وٕہتروسٟتؠ وَلُت کرنہٕ یِوان اوس۔
- پتہٕ ووٗتھکھ ژٕ یتھ دُنیاہس کُن تیلہِ نہٕ اوٗسکھ ژٕ بشر بتدس حُلیس منزٕ تہٕ نہٕ اوٗسکھ ماذیاخوٗنہٕ لوکھ ہیٚنزٕ شکلہِ منزٕ۔
- بلکہ اوٗسکھ ژٕ اکِہ مبارک قطرچہِ حالتہٕ منزٕ یُس (اکِہ زمانہٕ حضرت نوحؑ سٟتؠ) ناوِ کھوٚت یُیلہِ نسر، ناوِکِس پوتلس آبن ژھٔٹھ کٔرتھ کافِر پھٕٹ آبس۔
- ژٕ روٗدکھ برابر مُبارک پُشتو کِنۍ مُبارک رحمن کُن منتقل گژھان۔ اکھ عالم اوس سوران تہٕ بیاکھ پیوٚ اَمس بارسس یِوان۔
- حضرت ابراہیمؑ سند نار آو (خاص پیٚٹھ کِنۍ) بدلاونہٕ۔ تہٕندِس پُشتس منزٕ اوٗسکھ ژٕ گُپتھ لہٰذا کتھ کنہٕ دزِہن تم۔
- (یہٕ سلسلہٕ روٗد برونٹھ پکان) یوٚتتھ تانۍ چانِس محفوٗظ گرس اَندۍ اَندۍ بھڑۍ بھڑۍ تھٔم جمع گیہٕ یِمن لرِ اکھ کیتھ کرِوٗن گاش وجوٗدس منزٕ آو۔
- (اے حضرت نبیؐ) یُیلہِ حَض تہٕ زاہ و زمین حض گیہٕ روشن تہٕ تہٕندِ نوٗرٕ سٟتؠ حض پرٕزلیہٕ اُفق۔
- اَسۍ چھِ تہٕ کِہس تہٕ نوٗرس منزٕ حق چین وتن پیٚٹھ (عشقہٕ ناپر) دزان۔

اَکھ قصیدس متعلق چھُ ابنِ اثیر "اسدُ الغابہ" ناوچہِ کتابہٕ منزٕ یہٕ رِوایت پیش کران زِ اکِہ دوہہٕ ہیوٚت حضرت عباسؓ آنحضرتؐن اجازت زِ تہٕ وَنہٕ ہا تہٕندِس شانس منزٕ اکھ قصیدہٕ۔ آنحضرتؐ ووٗنہس "ژٕ وَن، اللہ تعالیٰ مہٕ پھٕٹراوِن چانۍ دَند" یعنی خدا اصٲب بخشن تس خوش گفتاری۔

حضرت عباسؓ کیاز وَنَن سُہ قصید؟ اَمیُک چھُنہٕ کانہہ پے پتہٕ میلان ۔ بارسن چھُ زِ حضرت عباسسؓ اوس آنحضرتن ہندِ بجرُک تہٕ عظمتُک سیٹھاہ احساس ۔

یِہ سیوٚد مدٕح ترٲے چھِ حضرت حسانؓ ہندِس اَکِس قصیدس منٛز تہٕ دریٹھُو گژھان یِہنٛدِ یک مضمون فخرٕ تہٕ حماسہ چھُ ۔ سُہ چھُ وَنان :

مستشعری حلق الماذی یقدمهم　　جلد النحیزة ماض غیر رعدید

تا

مبارك كضياء البدر صورته　　ما قال كان قضاء غير مردود -

(نو شعر) ترجمہ تہٕ مفہوم :

- جنٛگی لباس لاگِتھ تِم (بہوٚدُر صحابی) یِمن بروٚنہہ کنہٕ (بصورت حضورِ اکرمؐ) صبرُک تہٕ برداشُک اکھ نوٗرٲنی پیکر موجود چھُ ۔ تِم (سارٕی صحابی) چھِ ثابت قدم تہٕ بُزدل چھُنہٕ کانہہ ۔
- یعنی سُہ حضرت رسولِ اکرمؐ یُس خُدا صابن تقوی تہٕ سخاوتہٕ سٟتی تمام مخلوقن پیٹھ بجرُ تہٕ شرف بخشُمت چھُ ۔
- اے مشرکو توٚہہ ما آسوہ گُمان زِ تُہی کرِو یِمن عیالن ہنٛز راچھ تہٕ راوٕٹھ، بیٚیہ واتہٕ تہٕ بدرکس آبس نِشہٕ کانہہ (مسلمان) ۔
- مگر اُسی واتی توٚہہ تہٕ تَتہٕ لوٗرِ تہٕ کانہہ کتھاہ ۔ اَسہِ چھِنیہ کھُلہٕ تزیش تہٕ کالنہٕ روٗدنہٕ کم آب ۔
- اُسی چھِ اَکِس تزِہ رزِ تھٕچھ کرِتھ یوسہ نہٕ زانہہ ژھیٚننہٕ ۔ یہ چھے خدا صابنی رزو منٛز اکھ ڈرٕ تہٕ زیٹھ رز ۔
- اَسہِ منٛز چھُ پیغمبرِ خُدا پانہٕ موجوٗد ۔ تہٕ زن گوو اَسہِ منٛز چھُ حق تہٕ پزر یِتھ اُسی مرنہٕ کِس دمس تام پتہٕ پتہٕ پکان روزَو یہ چھے اَسہِ سٟتی خُدا صابنٕز تٕنز یاری ۔
- بیٚیہِ تِم (کافر) دُشمنی پیٹھ لوان چھِ رسولؐ محترم چھِ لڑاے تہٕ جہادکِس یِرِ پتہٕ پُر خطر مرحلس منٛز　پیدل کینٛہہ سوار بیم پانٛژھ

پکان روزان۔ تیٚ وُچھتھ چھِ تِمن مقابلہٕ جنگی سامانو ستۍ ملبوس سپاہ پننِس لشکرس منز کھٹہٕ کھٹہٕ روٗزِتھ پان بچاوُن یژھان۔ تکیازِ رسولِ کریمؐ چھِ ژکہٕ سیٹھا دلہٕ ڈری تہٕ بہودُر۔

- تِم چھِ وفادار تہٕ شبعۂ ارادٕ واٗلۍ تِہُند ظہوٗر چھُ اُکس تِتھس روحانی گاشہٕ مِلہٕ کہٕ سُند ظہوٗرِ یُس خاص گاش دِوان چھُ۔ بلکہ چھِ تِہند وجوٗد اکھ تِژھتھ پھلہٕ ژُندرِ یُس تمام شریف تہٕ عزتہٕ والین گیہ چھُ بخشان۔
- تِم چھِ برگزِ بُرِتھ۔ انہار چھُک ژوٗداہِمہٕ زوٗنہٕ ہیُو۔ یہٕ تِم ونان چھِ تہٕ چھُ سیدان تہٕ تِہُند ونُن چھُنہٕ زانہہ ردگژھان۔

ابن ہشام چھُ پننہٕ سیرتچہِ کتابہِ منز ونان زِ یہٕ قصیدٕ وۆن حضرتِ حسانؓ بدرکہِ جنگہٕ پتہٕ آنحضرتن بروٗنہہ کنہِ عوشی پنہٕدِس حالس منز۔ شاعر چھِ آنحضرتؐ سنز بہودری تہٕ تِہندِس اعتمادس تعریف کران تہٕ رتۍ ستۍ تِہندِس خولقس تہٕ عظمتس پوٗش وتھراوان۔ چھکرس چھُ سُہ کافرن یہ ہِس دِوان زِ ہرگاہ تِمن گاشچ تہٕ بزرچ وتھ لبنۍ چھےٚ تیٚلہِ چھُ تِمن دیدمان رسول محترمؐ اکھ گاشہٕ مُنارٕ۔

آنحضرتؐ سنز اکھ پھپھیژ حضرت صفیہؓ چھِ تِہُند اکھ مرثیہ سیدٕ سیوٚدُ نہجہِ منز یِتھ کنۍ شروٗع کران:۔

ألا یا رسول اللہ کنت رجاءنا — وکنت بنا برا ولم تک جافیا
وکنت بنا رؤفا رحیما نبینا — لیبک علیک الیوم من کان باکیا

- اے خدایہ سندِ پیغمبر! تۄہۍ آسِو ساٚنۍ آش تہٕ وومید۔ تۄہۍ آسِو اَسہِ پیٹھ احسان کران، تۄہۍ آسِو نہٕ بدلحاظ۔
- تۄہۍ آسِو اَسہِ پیٹھ شفیق تہٕ مہربان، تۄہۍ آسِو ساٚنۍ نبی۔ تۄہۍ گےٚو اَسہِ نِشہٕ جُدا نوٚے چھِ تِہندِس فراقس منز ازوُدن واٚلۍ اوٚش ہاران۔

اہلِ بیتن ہند تذکرٕ کرِتھ تہٕ تِمن ستۍ پننۍ محبت ہاوِتھ چھےٚ حضرت صفیہؓ آنحضرتن کُن ونان:

صبوت وبلغت الرسالة صادقا　　وقدمت صلب الدين أبلج صافيا
فلو أن رب العرش أبقاك بيننا　　سعدنا ولكن أمره كان ماضيا
عليك من الله السلام تحية　　وأدخلت جنات من العدن راضيا

• توہہ حض کوزِو (دشمن تہ نادانن ہنزن بیوقوفین پیٹھ تہ) صبر تہ پوُر ژونتھ واتہ توُ وُ توہہ حقٕک پیغام پر پتھ کالُتہ تام۔ توہہ کوزِو اکھ اور تہ دوُر دین پیش لیُس روشن تہ چھلتھ کیو چُھکھ چھُ۔

• اگر عرشک مالک توہہ اسہ منز موجوُد تھاوِہے اسی آسہو سیٹھاہ خوش قسمت مگر خدا تعالیٰ سُند حکم چھُ لاگو سپدتھ روزان۔

• بے عیب تہ بے نوقص خدایہ سند طرفہ روزِن توہہ پیٹھ ساپہ بہ سلامہ جاری۔ اللہ تعالیٰ کری توُ توہہ لازوال جنتن منز داخل یتھ تہٕ خوش تہ راضی روزِو۔

---

مدینُک شام زُلفن شانہ طوُرس
مدینچ رات چشمن سورمہ نوُرس
مدینُک صُبح پرتوُشش جہاتس
مدینُک دوہہ جلا دِلہ کس حضوُرس

(میر غلام رسُول نازکی)



# اکھ شہکار معراج نامہ

پروفیسر رحمٰن راہی

("شاعری ہند مطالعہ تہٕ عقیدک مسلہ" عنوانہٕ تمہٕ طویل مقالہ منز اکھ اقتباس یُس نومبر ۱۹۹۱ء کاشر ڈپارٹمنٹ کہ اہتمامہٕ منعقد سپدی متس سیمنارس منز پیش کرنہٕ آو)

..... اماپوز یہ سورُے کینہہ نظرِ تل آسنہٕ تہٕ پیٹھ شاید ماننہٕ زِ کم از کم فارسی زبانی ہندین "خوش بیانن" مقابلہٕ چھ ساری کاشری نعت گو معراج نامہٕ ونان وٕنان یاپسان زنتہٕ پتہٕ کانہہ یوسف ٹلہ ہیتہٕ درامتۍ۔ مےٚ چھُ وُنی کینہہ صرف "سکندر نامس" منز شامل نظامی گنجہ ای سُند معراج نامہٕ دردست تہٕ ہیٚنہ چھُم زِ اَسہِ سارِنے کاشرین عاشقن گژھِ بقولِ ناظم زھو یہ تہٕ گرزاوکرنس تہٕ روزنہٕ دارہِ گاہ کانہہ فن شناس یہ فارسی شہکار پیش کرانہٕ کرانہٕ بلا تشبیہہ و تمثیل یہ چیلنج کرِ زِ فاتو بسورۃ من مثلہ

درمعراج نبی صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم

شبی کاسمان مجلس افروز کرد — شب از روشنی دعوئ روز کرد
سراپردۂ ہفت سلطان سریر — برآمود گوھر بچینی حریر
سر سبز پوشانِ باغِ بہشت — بسر سبزی آراستہ کاروکشت
محمدؐ کہ سُلطانِ این مہد بُود — زچندین خلیفہ ولیعہد بُود

زناف زمین سر باقصی نهاد
سر نافه در بیت اقصی گشاد

ز بند جهان داد خود را خلاص
به معشوقی عرشیان گشت خاص

بُنه بست زین کوی هفتاد راه
به هفتم فلک بُرده بارگاه

دل از کار این حجره پرداخته
به نُه حجرهٔ آسمان تاخته

برون جست زین کُندهٔ چاربند
فرس راند بر هفت چرخ بلند

بُراقی شتابنده زیرش چو برق
ستامش چو خورشید در نور غرق

سُهیلی براوج عرب تافته
ادیم یمن رنگ ازو یافته

بریشم دُمی بلکه لُولُو سُمی
رونده چو لُولُو بر ابریشمی

نه آهو ولی نافش از مُشک پُر
چو دندان آهو بر آموده دُر

ازان خوش عنان ترکه آید گمان
وزان تیز رو ترکه تیر از کمان

شتابنده تر ز وهم علوی خرام
ازو باز پس مانده هفتاد گام

بعالم کُشائی فرشته وشی
نه عالم کُشائی که عالم کشی

به شبرنگی آن شبچراغ گشته مست
چو ماه آمده شبچراغی بدست

چُنان شد که از تیزی گام او
سبق بُرد بر جنبش آرام او

قدم بر قیاس نظر می گشاد
مگر خود قدم بر نظر می نهاد

پیمبر بران ختلی ره نورد
برآورد ازین آب گردنده گرد

هم او راه دان هم فرس راهوار
زهی شاه مرکب زهی شهسوار

چو زین خانقه عزم دروازه کرد
بدستش فلک خرقه را تازه کرد

سواد فلک گشت گلشن بدو
شده روشنان چشم روشن بدو

دران پرده کز گردها بود پاک
نشایست شد دامن آلوده خاک

بدریای هفت اختر آمد نخست
قدم را به هفت آب پاکی بشست

رهاکرد بر انجم اسباب را
به مه داد گهوارهٔ خواب را

پس آنگه قلم بر عطارد شکست
که اُمی قلم را نه گیرد بدست

طلاق طبیعت بناهید داد
به شکرانه قرصی به خورشید داد

به مریخ داد آتش خشم خویش / که خشم اندران ره نمی‌رفت پیش
رعونت رها کرد بر مشتری / نگین دگر زد در انگشتری
سواد سفینه به کیوان سپرد / بجز گوهر پاک با خود نبرد
بپرداخت نزلی به هر منزلی / چنان کو فروماند و تنها دلی
شده جان پیغمبران خاک او / زده دست هر یک به فتراک او
کمر بر کمر کوه بر کوه راند / گروه گروه جنیبت جهاند
بهار و نیش خضر و موسیٰ دوان / مسیحا چه گویم به موکب روان
نه اندازهٔ آن که یکدم زنند / نه دم بلکه چشمی که برهم زنند
ز خرپشتهٔ آسمان برگذشت / زمین و زمان را ورق در نوشت
ز پرتاب تیرش دران ترکتاز / فلک تیر پرتابها مانده باز
ندیده ز تعجیل ناوردِ او / کس از گرد بر گردِ او گردِ او
تنیده تنش بر رصدهای دور / بروحانیان بر جبدهای نور
دران راه بی راه ز آوارگی / همش بار مانده همش بارگی
پرِ جبرئیل از رهش ریخته / سرافیل زان صدمه بگریخته
ز رفرف گذشته بفرسنگها / وزان پرده بنموده آهنگها
ز دروازهٔ سدره تا ساقِ عرش / قدم بر قدم عصمت افگنده فرش
ز دیوانگهِ عرشیان برگذشت / به درج آمد و درج را در نوشت
جهت را ولایت بپایان رسید / قطعیت به پرگار دوران رسید
زمین زادهٔ آسمان تاخته / زمین و زمان را پس انداخته
مجرد روی را بجائی رساند / که از بودِ او هیچ باوی نماند
چو شد در رهِ نیستی چرخ زن / برون آمد از هستیِ خویشتن
دران دائره گردشِ راهِ او / نمود از سرِ او قدمگاهِ او
رهی رفت بی زیر و بالا دلیر / که در دائره نیست بالا و زیر
حجابِ سیاست برانداختند / ز بیگانگان حجره پرداختند

دران جای کاندیشہ نادیدہ جای ‌‌ درود از محمدؐ قبول از خدای

کلامی کہ بی آلہ آمد شنید ‌‌ لقائی کہ آن دیدنی بود دید

چنان دید کز حضرتِ ذوالجلال ‌‌ نہ زان سو جہت بُد نہ زین سو خیال

ہمہ دیدہ گشتہ چو نرگس تنش ‌‌ نگشتہ یکی خار پیرامنش

دران نرگسین حرف کان باغ داشت ‌‌ مگو زاغ کو مہر ما زاغ داشت

گذر بر سرِ خوانِ اخلاص کرد ‌‌ ہم او خورد و ہم بخش ما خاص کرد

دلش نورِ فضلِ الٰہی گرفت ‌‌ یتیمی نگر تا چہ شاہی گرفت

سوئے عالم آمد رُخ افروختہ ‌‌ ہمہ علمِ علوی در آموختہ

چنان رفتہ و آمدہ باز پس ‌‌ کہ ناید در اندیشۂ ہیچ کس

زگرمی کہ چون برق پیمودہ راہ ‌‌ نشدُ گرمیٔ خوابش از خوابگاہ

ندانم کہ شب را چہ احوال بود ‌‌ شبی بود یا خود یکی سال بود

چو شاید کہ جان ہائ ما در دمی ‌‌ برآید بہ پیرامنِ عالمی

تنِ او کہ صافی تر از جانِ ماست ‌‌ اگر شد بیک لحظہ آمد رواست

حُسنُک اکھ اہم ماہیتی عُنصر چھُ ابہام تہٕ ؤنی ؤنی دَننٕ روزُن چھُ بیانِ حُسنُک خاصہ۔ تۆرکِنۍ روزِ نظامینس پیش نظر اعلافنی تۆ مۆنس نیستھ کانہہ تہٕ مولوۆن بہر حال اڈلیچی۔ یہ کرِ سردست اَمِکۍ ژِ دَر گوشہٕ روشن کرنٕچ کوشش اول اَمِچ تعبیر کاٗری، دوٗم اَمِچ نوکتہٕ سنجی تہٕ فکری سلامتی، سوم ناقابلِ بیان بیان کرُن وول اَمِک باوژبل تہٕ چہارم اَمِچ آورن کاٗری۔

معراجس ہیکَو اَسی پننہٕ بشری زبانۍ منز شاید اکھ سفر نامہ تہٕ ؤنِتھ مگر یہ اہم پھیر ملحوظِ خاطر تھاوِتھ زِ اَمہِ سفرُچ بُنیادی تحریک چھِنہٕ وَنہٕ گۆتھ منز پننہٕ ذاتی یژھا یہ تہٕ اَمارٕ علاوٕ یہ واقعہ بنان زِنتِس چھُ اکھ سٹھاہ بزرگ، برتر، قادر، شفیق تہٕ شوقہٕ ہتی عاشقن ہنٛز انتہائی لۆکھ مجبوب وۆنِدِتھ پانس نکھ اَنُن بابتھ، تِس احترام رٔچھنہٕ موکھ تہٕ لول تہٕ اسرار باوُنہٕ خاطر تہٕ بے نظیر آیہ عزت ہُرراونہٕ کِہ غرضہٕ باہمی راز و نیاز چہ محفلِ منز شریک سپدنُک سال کورمُت۔ اَمہِ لحاظہٕ چھُ یہ اکھ لولہٕ سفر، اکھ عشقہٕ

بێنہٕ وول ۔ مگر یہ نوزُک فرق نظرِ تل تھاوِتھ زِ میزبان تہٕ میہمان دوشوَے چھِ بیک وقت اکھ اَکِ بنٛدی عاشق تہٕ اکھ اَکِ ہنٛدی معشوق ۔ یتھِس میزبانس نِش یتھِس پرٛتھ کُسُند واتُن ، یہ چھےٚ اکھ انتہائی غارمعمولی تہٕ بے حد سرسااَو شانانہٕ تقریب ۔ میزبان سُے یمی کُلہم زمان و مکانس تہٕ سارِنے مخلوقاتن وجوٗد کینو نوٗد عطا کورمُت چھُ تہٕ میہمان سُہ یُس اَمی سے خلاقِ اعظم تہٕ قادرِ مطلق سُند مدتوار چھُ ۔ ہیٚکیا ویٚژرِتھ کُنہٕ سوٗ راتھ یتھ اَمہٕ بے مثال تقریبہٕ ہنٛد ساعتھ نیرِ تہٕ پانہٕ بذاتی سیاہ وَش آسِتھ تہٕ یتھ ہیوٗ آفتاب برٛونٛٹھ یکہٕ ؟ سُہ اسمان کوتاہ بَخ بلند یُس یتھِس پرٛتھ سُند لَبہٕ داس بنہٕ ۔ تہٕ سُہ سبزپوش باغوانن ہنٛد زیٛٹھ کوتاہ باگہٕ وان یُس ہنٛدِ سرسبز باغچ آراستگی وُچھنہٕ یتھ ذی عزت ، حُسن بند تہٕ حُسن شناس میہمان یِنہٕ وول آسہِ ! نظامی چھُ یتھِنے ہوین وولسنس آمتِن انتظامین تہٕ وہ دِنہٕ والین اَتھِ اَمہٕ کائناتی گذرگاہہٕ تہٕ مافوق محفلہِ باپتھ پوٚت منظر پأراوناوان تہٕ اَڈندیوٚکھ آراستہٕ کرناوان :

| | |
|---|---|
| شبی کاسمان مجلس افروز کرد | شب از روشنی دعویٔ نور کرد |
| سَراپردۂ ہفت سلطان سریر | بَرآموٗد گوہر بہ چینی حریر |
| سرسبز پوشانِ باغِ بہشت | بہ سرسبزی آراستہ کاروکشت |

ہوَمر چھُ پننہِ جنگنامہِ "اِلی اُڈ" لفظِ "خستم" ستی شوٗروٗع کران تہٕ نظامی چھُ یتھ معراج نامس "شب" لفظہٕ ستی دَس تُلان ۔ دوشوَے لفظ ورتاوِ چھِ پنہٕ پنہٕ موضوعکہٕ اعتبارٕ انتہائی موزوٗن باسان ، خاصکرِتھ بێلہِ یہ نوکتہٕ موٗلہِ وِنہٕ یِیہِ زِ "شبی" وُنتھ یِمہِ رأژ ہنز ذکر نظامی کران چھُ تَس چھُ اَسمانی مجلس گاشراونہٕ کِنۍ پانہٕ مَنٛدیُن آنگ دعوا ۔ گوڈنکِس مصرعس منز موجوٗد مخصوٗص نحوی ترتیبہٕ کِنۍ وہ پدن وول یہ ابہام تہٕ چھُ قابلِ توجہ زِ مجلس افروزی ہنز کامہٕ دَس تُلنس منز ما چھِ سٕری بێنٛٹھ گامتہٕ شوق سببہٕ راتھ تہٕ اَسمان اکھ اَکِس بێٛٹھ سبقتھ رٕنٛج کوشش کران ، تکیازِ شب تہٕ آسمان دوشوَے چھِ اَکی آنہٕ فاعل تہٕ باسان تہٕ مفعول تہٕ ۔ شعرس پوٗرٕ موٗلہِ وُن کرنہٕ باپتھ چھُ بیتر سَرکرُن زِ دوٚیمہِ شعرکِس گوڈنکِس مصرس منز چھا "ہفت سلطان سریر" کُنۍ ترکیب مانٛز (مطلب ستھ شاہی تخت) کِنہٕ اضافتِ مقلوٗب مشخص کرِتھ

مصرعس ینمہ آیہ نثری صوٗرتھ دِنہٕ : سراپردۂ سلطانِ ہفت سریر (مطلب سٔتن تختن ہندِس مالک پادشاہ ہندِس خٮ۪مس اندی اندی گنڈنہٕ آمٕت قنات) تہٕ شعرٕکس دوٚیمِس مصرعس منز چھُ "چینی" لفظکس ایہامس تہٕ سٔرٕ‍ن یُس ملکِ چینہٕ بجایہ سرادِکہ رنگین تہٕ پوشدار آسنٕچ زٕینہٕ وٚن دِوان چھُ ــــ راتھ، آسمان، مٔلک ــــ یعنے از چھنہٕ زمان تہٕ مکانے یاتی پارٕ اوس نگہٕ میتہٕ یلہٕ کر تم مخلوقاتھ تہٕ یمو آدمہٕ ہندِس وجودس نسبتھ آدنہٕ بٔڑیڈی گڈی میتہٕ آسی تہٕ پتہٕ یمن بقولِ اقبالؔ یہ امکان تٕرٕہراوان اوس کہ یہ ٹوٹا ہوا تارہ مہِ کامل نہ بن جائے، از چھ تم یہ زٕینتھ توشان زٕ زٕوٚن تہٕ افتابہٕ کیاہ از چھُ خود نوٗر آگرٕ ہسے تہٕ پانہٕ روٗحِ بہارٕ ہسے استقبال کرُن!

نظامیس چھُ استعاری زبان ورتاونس، نحوی ترتیب بدلاونس، تجنیسی صنعژ کام ہیتھ ایہام پادٕ کرنس تہٕ ہم آواز حرفو ذریعہٕ سازٕنٕت وٕ وتلاونس منزٕ یدِ طوٗلا حاصل تہٕ یہ ورتاو چھُ تٔمٕ دِس بیانس نہ صرف اکھ اوٕ برگٕہ برٕ دِل خوش ادا ایجاز عطا کران یلہٕ کر سہٕ جدلی تھٕ‌تھٕرٕ اے، سُہ وٕ پڑاوٕ تہٕ ابہامُچ سعہ دَرکُشائی تہٕ جہاتھ نمائی تہٕ بہترٕ برکرٕ تیٚنزٕ کتھ کتھ مُتعدد احساسی، ادراکی کیو فکری تارن مضرابِ دِوان چھِنہٕ تہٕ زیرِ تبصر نظم چھےٚ امہِ تخلیق جوہرٕ ستہٕ مالا مال۔ کینہہ مثالہٕ:

استعارٕ تہٕ کنایہ : سراپردۂ ہفت سلطان سریر (اگو ڈنیکُ اسمان)؛ چینی حریر (تارکھ نَب)؛ شبچرا (بُراق)؛ شب چراغ (ذاتِ محمدیؐ)؛ گُندہٕ چار بند (زمین)؛ آبِ گردندہ (اسمان)؛ نرگسین حرف (بے صدا کلام)؛ سرسبز پوشانِ باغِ بہشت (رضوان)؛ کوئی ہفتادرہ (زمین)۔

تشبیہہ :۔ بُراق تہٕ سہیل؛ ستام تہٕ خورشید، تن ہمہ دیدہ گشتہ نرگس؛ راہِ بی زیر و بالا تہٕ دائرہ؛ راہواریٔ بُراق در افلاک تہٕ لولوٗیٔ روندہ برابریشم؛ جہت را ولایت بہ بیپایاں رسید تہٕ قطعیت بہ پرگارِ دوران رسید؛ تیز گامیٔ بُراق تہٕ وہم علوی خرام؛ بریشم دُم؛ لولوسُم۔

قولِ محال :۔ شب از روشنی دعویٔ روز کرد؛ برآورد ازین آبِ گردندہ گرد؛

نموداز سرِاو قدمگاہِ اُو ، کلامی کہ بی آلہ آمد شنید ۔

تجنیس :۔ برق تہٕ بُراق ؛ سرِسبز تہٕ سرسبزی ؛ نافہ تہٕ ناف ؛ سَر (یعنے گوٗل) تہٕ سَر (یعنے کلہٕ) ؛ شچرا تہٕ شچراغ ۔

مجازی تعلقٕچ مناسبتھ : ماہ تہٕ گہوارہٕ خواب ؛ عُطارِد تہٕ قلم ؛ ناہید تہٕ طلاقِ طبیعت ؛ خورشید تہٕ قرص ؛ مریخ تہٕ خشم ؛ مُشتری تہٕ رعونت ؛ کیوان تہٕ سوادِ سفینہٕ ۔

ہم آواز حرفن ہُند اجتماع :۔

سرا پردۂ ہفت سلطان سریر — برآمود گوہر بچینی حریر
سرِسبز پوشان باغِ بہشت — بہ سرسبزی آراستہ کاروکشت
بُنہ بست زین کوٗئی ہفتاد راہ — بہ ہفتم فلک برزدہ بارگاہ
سوادِ فلک گشت گلشن بدو — شدہ روشنان چشم روشن بدو
سوادِ سفینہ بہ کیوان سپرد — بجز گوہر پاک با خود نبرد
رعونت رہا کرد برمُشتری — نگینِ دگر زد بر انگشتری
ازان خوش عنان ترکہ آید گمان — وزان تیز رَو ترکہ تیر از کمان
رہا کرد بر انجم اسباب را — بہ مہ داد گہوارۂ خواب را
مُجرّد روی را بجائی رساند — کہ از بودِ اُو ہیچ باوی نماند

یِمہٕ مثالہٕ چھےٚ شاید تمۆ رنگہٕ رنگہٕ وٚسیلو مَنٛز کینٛژن وٚسیلن ہنٛز نشاندہی کران یِمن نظامی ینٛن بروٚنٛٹھے معیّن موضوٗع تعمیر کرنہٕ موکھہٕ تہٕ ینٛن قارِی اَکھ موضوٗعس مَنٛز تخیُلی کیوٚ جذباتی آیہٕ آوراونہٕ کہٕ غرضہٕ کامہٕ ہیوان چھُ ۔ اَمہٕ تعمیرکارِی یہٕ تہٕ آورن کارِی ہُند بیاکھ اَکھ سیٛٹھے کارگر وٚسیلہٕ چھُ مُتعلقہٕ سفرٕکۍ مجُمل بیان ۔ کولرج چھُ شعر بیانہٕ کِس بہاوس سَرفہٕ ہنٛز یِکن چالہٕ ڈالہٕ سٟتۍ ہشر دِوان ، سَرفہٕ یِکُن یُس بیک وقت ہوٚل ہوٚل ، سیدِ سیوٚد تہٕ تیز آسان چھُ ۔ نظامی سُند بیان تہٕ چھُ تیٚتھے ۔ یِتھ کُنہٕ کانہہ وَتہٕ گتھ مَنٛز بَس کُن پکان پکان مَنٛزی ڈچھنہٕ کھوورِ تہٕ نظراہ نظراہ دِوان چھُ یا کُنہٕ مرحلس ہنا دَم دِتھ سام ہیوان چھُ تِتھے پاٹھۍ چھُ

نظامی معراجک رویداد بیان کران کران دورانِ سفر پیش یِنہٕ والیو واقعاتو منز کینژن واقعن ہناوِ بِستارٕ سان بیان کران، مگر یہ حس تھاوِتھ زِ کانہہ تہٕ تفصیل گژھِنہٕ غارضروٗرۍ بنُن، ناسازگار بانُن یا بیانہٕ کِس بہاوس رۄٹ کرُن۔ آسمٲنی گُذرگاہک پارٕ او بیان کرِتھ چھُ شاعر یِنہٕ وٲلِس غارمعموٗلی پرٛژھ سُند سِتھٕے مجمل تعارف کران:

محمدؐ کہ سلطانِ این مہد بود     زِ چندین خلیفہ ولیعہد بود

بہ اجمال (یتھ منز "سلطان" تہٕ "ولیعہد" زٕ انتہائی اہم اشارٕ موجوٗد چھِ) چھُ اَتھ موقعس پیٹھ زیادٕے مناسب باسان تکیازِ برٛونہہ کُن بیان سپدن والِ رویدادٕ دٕسۍ چھُ سفرنامہ کِس اَمِس مرکزی کردارٕ سُند تعارف پٲتی پلتے مکمل سپدن وول۔ چونکہ نظم چھنہٕ زِکرِ صرف معراجس یعنے سعوٗدس متعلق تۄ کنہِ چھُ نافِ زمین (یعنے مکہ معظمہ) پیٹھ بیتِ اقصیٰ تامُک سفر تہٕ مسجدِ اقصیٰ اَس منز حضوٗرنؐ ہندِ سربسجوٗد سپدنُک حال سِتھٕے ژھوچرٕ سان بیان کرنہٕ آمُت:

زِ نافِ زمین سر بہ اقصیٰ نہاد     سرِ نافہ در بیتِ اقصیٰ کشاد

البتہ اَمہِ اُفقی سفرُک تہٕ اَرضی سیرُک مُضمراتھ چھِ اہم تکیازِ زمین زادٕ کردارٕ سِنزِ سعوٗدی وُپھِ باپتھ چھنہٕ ابتدٲیی اہم تیٲری اَتھ دوران سپدان۔ چنانچہ نظامی چھُ اَتھ موقعس پیٹھ حضوٗرؐ ہندِ دُنیوی علاٲیقو تہٕ موکجار پرٛاونُک تہٕ عرشہٕ والین ہُند معشوق بننُک حال ہناوِ دِتھ بیان کران:

زِ بندِ جہان داد خود را خلاص     بمعشوقیِ عرشیان گشت خاص

بہ بست زین کوئی ہفتاد راہ     بہفتم فلک بر زدہ بارگاہ

دل از کارِ این حجرہ پرداختہ     بہ نہ حجرۂ آسمان تاختہ

اصلی سعوٗدُک مرحلہ وار حال سپدِ ووٚنی بیان۔ چونکہ یہ سفر چھُ تھزر تہٕ تیزی دۄشوٕے لحاظہِ انتہٲیی غارمعموٗلی تہٕ بظاہر عقلہِ نہٕ وِشرُون لہٰذا چھُ تمِس براقہٕ سُند حال ییمہِ اکھ سِتھٕے عظمتہٕ وول تہٕ انتہٲیی لطیف سوار پِنہٕ تِس پشتس پیٹھ رۄٹمُت چھُ تتھ پاٹھۍ وِژھناوُن یتھ کنۍ تمِسنز تیز پرواز ی،

تہٕ اکھ کیتھ خوش عنانی یعنے رہوآری نظر نواز بنہِ تہٕ بقولِ نظامی ناباوَر باوَر بنہِ:

برون جست ازین کُندۂ چار بند — فرس راند بر ہفت چرخِ بلند
بُراقی شتابندہ زیرش چو برق — رِنامش چو خورشید در نور غرق
سُہیلی بر اوجِ عرب تافتہ — ادیم یمَن رنگ ازو یافتہ
بریشم دُمی بلکہ لُولُو سُمی — رَوندہ چو لُولُو بر ابریشُمی
نہ آہُو ولی نافش از مُشک پُر — چو دندانِ آہُو برآمودہ دُر
ازان خوش عنان ترکہ آید گمان — وزان تیز رَو تر کہ تیر از کمان
شتابندہ تر وَہم علوی خرام — ازو باز پس ماند ہفتادِ گام
بعالم کُشائی فرشتہ وشی — نہ عالم کُشائی کہ عالم کشی
بہ شبرنگی آن شبچرا[1] گشت ست — چو ماہ آمدہ شبچراغی بدست
چُنان شُد کہ از تیزیٔ گامِ اُو — سبق بُرد بر جُنبشِ آرامِ اُو
قدم بر قیاسِ نظر می گُشاد — مگر خود قدم بر نظر می نہاد
پیمبر ؐ بران ختلیٔ رہ نوَرد — بَرآورد ازین آب گردندہ گرد
ہم اُو راہ دان، ہم فرس راہوار — زہی شاہ مرکب زہی شہسوار

آسمانی سفرُک گوڈنیُک مرحلہ چھُ اکِہ مُتحرک شبیہہِ ذریعہٕ بیان سپدان یوسہٕ پرن والِس ہندِس ذہنس منز ہمیوقتہٕ تفریحن ہند تلازمہٕ بیدار کرِتھ جاذبِ نظر بنان چھےٚ۔ یوٚتھ چھُ ڈُنی بوی جایگاہ بیٹھ وُچھ تِلِتھ اُسمانہٕ کِس دروازس نکھ واتان تہٕ اُسمان چھُ یہِ ڈیٚڈرِ تہٕ بُتھِ تیرتھ اکھ تازٕ خرقہٕ (خلافتُک تہٕ توٚمُریدی ہُند اکھ بے نظیر تہٕ موزوٗن لباس) پیش کران یُس زیبِ تن کرِتھ

سوادِ فلک گشت گلشن بدو — شُدہ روشنان چشم روشن بدو

ظاہر چھِ تازگیہِ چھُ باطنُک شُعوٗر لازمی۔ نوٚوے کنِ چھُ سُتن تارکن ہندِس نوٗرِ

---

[1] شبچرا: سہٕ افسانوی داند یُس راتھ کیُت سمندرٕ منز یوٗٹھ کھٔسِتھ آسہٕ منٛزٕ اکھ پرزلوٗن لعل تراوان چھُ تہٕ پتہٕ تمہٕ کیٚہہ نیرِ ناوس منٛز گاہ بیترِ کھبوان چھُ۔

سۆدرس پیٹھ واتنکۍ نۆو مرحلہٕ تہٕ پنٕنہِ ذاتہِ تہٕ تمام بشری خوٗصوٗصیژ وَنشہ پاک کرنکۍ
مَعنہٕ سوٗ عمل یمہٕ "تنہا دِلی" پرٛاونس تہٕ لامکانکۍ سفر اختیار کرنس منٛز۔ وہ لہٕ بوٗر ہنٛتھ ہکِن۔
بوزَو ہے تہٕ مۄرٛ آزی تزکیکۍ تہٕ قلبی تطہیرُک یہِ اقدام چھُ اکھ انتہائی تجریدی موضوع
یُس بشری زبانہِ ذریعہِ دیدمان بناوُن ناممکن باسان چھُ، مگر نظامیؔ چھُ کمالِ فنکاری
ورتاوِتھ اَتھ اکھ قابلِ دید، متحرک تہٕ مَنہٕ موٗن مُرقع بناوان زۆچھِن وول چھُ تیٚنہٕ مَنہٕ
اَتھ سٟتۍ ہم آہنگ سپدان تہٕ لین گژھان۔ تجرید تہٕ تنزیہُک رُوکنس منٛز اَتھنہٕ برونٛہہ
چھےٚ تمام نالگہہ بشری خوٗصوٗصیژ اکہِ اکہِ مختلف تارکن پیٚشرٕ یوان، یہِ نوٗ کیٚنہٕ رَس
التزام کرِتھ زِ بیٚیِس یہِ شوٗبہٕ تہٕ تسۍ تہٕ پیٚشرن۔ چنانچہ نیٚندرِ ہند تاثیر یُس زوٗنہٕ عطا
یوٗ یہٕ (پرانہٕ علمِ نجوٗمہٕ موٗجوٗب) اسمانکۍ منزٛل مانٛنہٕ آمژ چھےٚ۔ مزاج پھرتی
پیٚشرٕ اوکھ ناہیدس یوٗ یہٕ نژن واجینٛ چھےٚ۔ دبیرِ فلک عُطارِدس آو قلم تُھجِس دارِتھ
دِنہٕ تکیاز یُس اُمی آسہٕ تُس کیٚتھ قلم بکار تہٕ یتھےٚ پاٹھۍ آو لیکھنہٕ آمژن بیاضن ہند میلہٕ کرِتھ
ہندوٗ یُو فلک کیوانس پھیرتھ دِنہٕ تکیاز اُمیؔ چھُ بیاضوٗلنشہ بے نیاز۔ یوٗ چھُ ہنٛز علامتھ
ژوٗٹ دِزِتھ آفتابس یُس اسمانکۍ واز چھُ تہٕ شرارتکۍ نار پیٚشرٕکھ مریخس یُس
اسمانکۍ سپاہ مانٛنہٕ آمُت چھُ تہٕ مشتری ناوِکس اسمانی قاصدس کوٚرُکھ حوالہٕ پانہٕ پارٕ ادٕ
تہٕ کیٚس:

به دریای هفت اختر آمد نخست — قدم را بهفت آب پاکی بشست
رها کرد بر انجم اسباب را — به مه داد گهوارهٔ خواب را
پس آنگه قلم بر عُطارد شکست — که اُمی قلم را نگیرد بدست
طلاق طبیعت بناهید داد — بشکرانه قرصی بخورشید داد
به مریخ داد آتش خشم خویش — که خشم اندران ره نمیرفت بیش
رعونت رها کرد بر مشتری — نگین دگر زد بر انگشتری
سواد سفینه به کیوان سپرد — بجز گوهر پاک با خود نبرد
بپرداخت نزلی به هر منزلی — چنان کو ـ وزو ماند تنها دلی

کانہہ کتھ یا واقعہ (خاصکرِتھ شہ یتھ برونٹھے بار بار بادوتھ سپزمژ

آسہٕ ) ییٚدی پاٹھی تہٕ کُنہِ توجہُ گیر وٚسیلہٕ وراٲے بیان کرُن چھُ عموٗمن بےٚ لطف بنان (ییٚمیُک بےٚ سوکھ احساس اکثر کاشرۍ معراج نامہٕ پران گژھان چھُ ) ، اَوٕ کِنۍ چھُ فنکار کُنہِ نہٕ کُنہِ دلکش نوٕ ترٲشہٕ کام ہیوان یتھ نظامی "شگفتی" وَنان چھُ ۔ نغز گفتار شاعرس چھُ کُنہِ تہٕ کتھِ یا واقعس گوڈٕ پننس ضمیرس منز احساسَن تہٕ جذباتن ہُند پھاہ ہیوان دیُن تہٕ پتہٕ تم پننہِ تخیُلہِ چہ کوندِ منز پیٚنۍ ہیوان یُتھ تتھنز انتہٕ صوٗرتھ پٲرن واجلی ہتدِ باپتھ دِلپذیر بنہِ ۔ نظامی چھُ پننہِ فنکارانہٕ نوٕ ترٲشہٕ کُن یہِ وَنتھ اشارٕ کران زِ کانہہ کتھ یا واقعہٕ ہرگاہ یہِ ڈیٚپہِ زِ تہٕ اکہِ زُلیفہِ صوٗرتھ پرٲوِتھ تہٕ مےٚ لنش واتان چھُ بہٕ چھٕسَن سُہ کیٚہیں نےٚ تہٕ تمہِ کِس اَندس خم ترٲوِتھ آراستہٕ کران :-

| | |
|---|---|
| دران پردہ کز راستی یافتم | سخن را سرِ زُلف برتافتم |

تہٕ یہِ چھِنہٕ کانہہ سہل کام ہیکیازِ :

| | |
|---|---|
| بدین دلفریبی سخن ہای بکر | بسختی توان زادن از راہِ فکر |
| سخن گفتن و بکر جان سُفتن است | نہ ہرکس سزای سخن گفتن است |

تاہم گژھِ نہٕ نوٕ ترٲشی تیتر بےٚ گنڈ گژھنۍ زِ اصل موضوعہٕ نِشہِ ڈالہِ توجہُ یا یِنہِ پانےٚ پننہِ مدعا :

| | |
|---|---|
| اگر بی شگفتی گذاری سخن | ندارد نوی نامہ ہای کہن |
| نگر | |
| بسی در شگفتی نمودن طواف | عنانِ سخن راکشد در گزاف |

" دریای ہفت اختر" پیٹھ روٗنما سپدن وول مذکورٕ بالا واقعہٕ نظرِ تَل تھٲوِتھ ہیکو وَنِتھ زِ نظامی چھُ تمام ضروٗری احتیاط ورتاوِتھ نوٕ ترٲشہٕ ہُند کارنامہٕ انجام دِوان ۔ تہُند معراج نامہٕ چھُ نظر نواز تہٕ فکر انگیز تبلوزَن (TABLEAUX) ہُند اکھ رواں دواں قافلہ بنان ۔

بہر حال شوٗزٕ رُک تہٕ شوٗزٕ رک یہِ مرحلہٕ سپُد طے تہٕ تہنا دِلی پراوِ متس پزھس انتظار کرَن واجلی سارِوے کھوتہٕ ذی مرتبہٕ استقبالی ( انبیا تہٕ مرسل ) چھِ ووٚتِھ یوان ۔ خاکساری ترٲوِتھ زِ زوٗ جانہٕ چھس مطیع بنان ، زنتہٕ پدین تَل

بیٚتر ؛ مارِموٚت تیوٚت زِ پرِتھ اکھ چھُ اُمس عاشق شِکار سوارِ ہندِس شِکار بندس پان اوٚیزان تراوُن یژھان ۔ اُڈۍ چھِس اَردلس لاران تہٕ اُڈۍ لشکرس ستۍ دوران، مگر سواری چھےٚ وُزمِلہٕ کھوتہٕ تہٕ تیز دَو ۔ شہہ کھارنس کیاہ اُچھ ٹٕھوار کرنس نہٕ چھکھنہٕ مہٕل یوان ۔ بُراق چھُ وُڈان تہٕ نہٕ صرف اَسمانَن پیٹھ اَسمان ژھنڈان بلکہ زمان کیٚو مکان پٕڈرن مُتھتھ بروٚنہہ نیران ۔ یہ وُچھ تہٕ وُڈوٕ چھےٚ تیژ بُلند تہٕ تیز زِ نظر روٚ بیچھ تارکن ہُند مشاہدہٕ کرن والین نبی ین تہٕ مُرسلن چھِ بُراقس کُن ٹُرے گنڈِتھ کنِ ینہٕ ہن کاشرین وُجودن نوٚی نوٗرآنی جسم زیبِ جان سپدان ۔ اکِہ اَندہٕ راہِ بیراہس پیٹھ یِہ بَرق رفتاری یِہ گُژھنہٕ تھے گرم رفتاری تہٕ بیٚیہٕ اَندہٕ نوٗرُک اصلی آگُر قریب تر واتنُک وِلگاوُن وول ظوٗن ۔ نتیجہِ یِہ زِ بُرلقی یوت چھُنہٕ وسان بلکہ سالارِ سوالی جبرئیلس تہٕ چھِ تمہِ آیہٕ شہپر چھٕنِتھ یِوان زِ مقامِ رفرفُک مُقیم اسرافیل (یُس پانہٕ قیامتھ برپا کرن والہِ صوٗرُک تحویلدار چھُ) تہٕ چھُ حال وُچھتھ تراس کھوان تہٕ ژلان ۔ دیدمان، مُتحرک تہٕ متنوع واقعاتن ہنز گرفت چھےٚ تِژھ مضبوط زِ پرِن وٲلس چھُنہٕ کانہہ موکلن پلے ۔ اُتھی چھِ وَنان فن پارچ آورن کٲری:

کمر بر کمر کوہ بہ کوہ راند — گروہ گروہ جنیبت جہاند

بہاروٕ نیٚش خضر و موسیٰ دوان — مسیحا چہٕ گویم بہ موکب روان

نہ اندازۂ آن کہ یک دَم زنند — نہ دَم بلکہ چشمی کہ برہم زنند

زخرپشتۂ آسمان برگذشت — زمین و زمان را ورق درنوشت

زِ پرتاپ تیرش دران ترکتاز — فلک تیر پرتاب ہا ماند باز

نہ دیدہ زِ تعجیلِ ناوردِ او — کس از گردِ برگردِ اُو گردِ او

تنیدہ تنش بر رصد ہای دوٗر — بروٗ حانیان برجسد ہای نوٗر

دران راہِ بی راہ زِ آوارگی — ہمش بار ماندہ ہمش بارگی

پرِ جبرئیل از رہش ریختہ — سرافیل زان صدمہ بگریختہ

عالمِ خاکی، عالمِ افلاک، مقاماتِ انبیاءٔ تہٕ حدودِ ملکوٗت ۔۔

سدرہ، رفرف، درج ساری مرحلہ سپدی طے۔ جہرن ہندی خطوط ریلیہ تہ سمکی اند سمکھیے۔ دایرٕ گوو مکمل۔ ہست وبوڈک مادان ووت انتمی اندس تہ ہیتی ہند فضا گوو ووتھ۔ وُن نہ چھُ بون تہ نہ ہیوٗر۔ وونی چھُ سفر بس دایرک گردش یتھ دوران چھ نمود از سرِ اُو قدمگاہِ اُو

رہی رفت بی زیر و بالا دلیر  که در دائره نیست بالا و زیر

حُنک عشقک خلوتھ گاہ۔ نہ ڈرک ٹھوٗر نہ دُیی ہند پرد، بلکہ زِ عاشقی تہ معشوقی تہ اَمر تہ مامور شند پھیر ہاو حجاب وُتھ تہ طاق تک حجرٕ سپد پرتھ کنہِ بیگانگیہ نشہِ خالی۔ سُہ مقام ییتہِ تخیلس تہ کانہہ روزن جاے روٗزنہ، تہ سپُد شوروٗع چھ

درود از محمدؐ، قبول از خدا

اَمہِ مافوق تہ غارمری محفلِ ہند حال باوُن تہ اَتھ منز سپدن وول سُہ بے دہن وگوش تہ بے حرف وصدا کلام، سُہ دیدنی دیدار زنتہ اَچھ پانی پانس وُچھ! یہ واو بوکہِ رٹُن چھُ ویسے بشری زبانی ہندِ دسترس نیبر مگر تہ آسھ تہ یہ لامکانی لازمانی صوٗرتِ حال بشری تخیلس منز دیدمان بناوُن تہ یہ ساری رمز باوتھ آدمہ احساس کُن کنہ، ہنر موسیقی بناوِنی اتھ وُنو فنک اعجاز تہ بس، یُس وُچھان وُچھان پرن وول وُچھ وُنے روزان چھُ۔ نہ چھس مزید کنہِ اَچھ گاشہ پرزھا وہ تلان تہ نہ سرتابی ہند کانہہ ظوٗرت براداں۔

| | |
|---|---|
| کلامی که بی آله آمد شنید | لقائی که آن دیدنی بود دید |
| چُنان دید کز حضرتِ ذوالجلال | نه زانسو جهت بُد نه زینسو خیال |
| همه دیده گشته چو نرگس تنش | نگشته یکی خار پیرامنش |
| دران نرگسین حرف کان باغ داشت | نگر زاغ کو مهر مازاغ داشت |
| گذر بر سرِ خوانِ اخلاص کرد | هم او خورد و هم بخشِ ماخاص کرد |
| دلش نورِ فضلِ الهی گرفت | یتیمی نگر تا چه شاهی گرفت! |

اَتھ چھِ وَنان کینہہ بناوُن، مُطلق بیستیہ اکھ صوٗرتھ، اکھ ناو، اکھ جابگاہ عطا کرُن۔

نظامی سنز نوکتہ رسی، نوکتہ سنجی تہٕ فکری سلامتی ہُند کیاہ گوٚژھ اَمہِ ہُریانہٕ ثوبوٗتھ آسُن زِ سُہ چھُ حد روٚس رِکی بل یٚتھرِس ییٚژ تہٕ سیٚٹھے استقامژ تہٕ خوش ادائی سان قدم تُلان تراوان۔ دُستہٕ تَن فِرقن منز آسہِ شاید بے کانہہ لیٚس نظامی ہندِس بیانِ معراجس ستیٚ کانہہ اختلاف آسِتھ ہیٚکہِ۔ عجیب الخلقت تگر ذی شان بُراقہٕ سُند توصیف چھُ بے حد احتیاط منگان، توٚے کِنی چھِ ہندِس خوش رنگ ووجودس عربی فضاہس ییٚژ گردش کرن والس برٚزونس سُہیل تارکس ستیٚ مشابہتھ دِنہٕ آمژ۔ یٚہند نتائیژ ملک یمنُک خوبصورتھ ترین تہٕ مشہور جیمر رنگ رٹان چھُ، تس یُس سازِ زیبِ تن چھُ تتھ چھُ نیٚبہٕ ناوس منز غوطہٕ دِتھ اَفتابہٕ وَتہٕ آمُت)، تہٕ تہنز خوش ادا یکن ترایہٕ پاٹھ پارچس ییٚتھ ڈلہٕ وینس موکھتہٕ کھٹلس ستیٚ ہشر دِنہٕ آمُت۔ روٚس وَنوس نہٕ تگر روٚسی ہندی پاٹھۍ چھُ مُشکہٕ بوٚرُت تہٕ روٚسی ہندی پاٹھۍ چھس دَند زِنتہٕ دُر دانہٕ جرِتھ؛ تہٕ تہنز شوبی دار تیز روٚی یہٕ ہُندکُن بیان ہیٚکہِ یِمہِ کھوتہٕ موزوٗن تہٕ شائستہٕ آسِتھ نہٕ:

| | |
|---|---|
| ازان خوش عنان ترکہ آید گمان | وزان تیز رَو ترکہ تیر از کمان |
| شتابندہ تر وَہم علوی خرام | ازو باز پس ماند ہفتاد گام |
| بچنان شُد کہ از تیزئی گام اُو | سبق بُرد بر جنبش آرام اُو |
| قدم بر قیاسِ نظر می کُشاد | مگر خود قدم بر نظر می نہاد |

نبی یَن تہٕ مُرسلن ہُند شوقِ دیدار تہٕ ذوقِ تعلّق بیان کرُن چھُ اَمہِ تہٕ گژھ ہمہٕ ہیٚ حفظِ مراتب منگان۔ شدہ جانِ پیغمبران خاکِ او۔ اَمہِ مصرعک ابہام چھُ داد دِنس لایق۔ اَتھ ہیٚکن کہیں نے تہٕ ژور ناوِل ییٚدہ تھ (ا) پیغمبرن ہندی مقدس روٗح بنیے آنحضورنﷺ ہند خاکِ پاک (ب) پیغمبر بنیے آنحضورنﷺ ہندی تنتھو ماتحتھ تہٕ مطیع زَنتہٕ پَدبن تل میژ (ج) یِتھ پاٹھۍ آنحضورﷺ پنہٕ مختلف بشری خوصوصیژ مختلف تارکن عطا کرِ نتھے پاٹھۍ بخشُک بیٚنُن خاکِ پاکٕ پیغمبرن (د) آنحضورن ہُند خاکی وجود اوس بشری آلائشو نِشہٕ تبوٗت مُصفاہٕ ترٕ کا سَپدمُت زِ سُہ ڈیٚشتھ برٚ ادی پیغمبرو نوٗری روٗح۔ اَمہِ کھوتہٕ تہٕ با ادب بیان

چھُ ع بہار وتیش خضر و موسیٰ دوان ۔ یہِ وُنتھ بجایہ کہ خضرؑ تہٕ موسیٰؑ آسی اَرٕ دُلس لاران یا پاسبانی کران چھُ یہِ وَنُن آمُت زِ تِم آسی سُہ فریضہ انجام دِوان یُس کِتھ حضرتِ موسیٰؑ سُند زٕیٹھ برادر ہارٗون معرٗوف چھُ ۔

آنحضورنٛ ہُند بالایی سفر اوسا محض بہ روٗح کِنہٕ بیک وقت بہ روٗح و بہ جَسد ، نظامی چھُ یہِ نوٗزُک مرحلہٕ پننہٕ اعجاز صفتھ بیانہٕ ذریعہ تِتھہٕ پاٹھی طے کران زِ پرَن وول چھُ یہِ زبانِ حال وقال سُبحان اللّٰہ وِرد کران ۔ سُتنُن تا رکن پنہٕ سوٗدرٕ شوٗزرَ تہٕ شوٗزر پراوِتھ تہٕ برق رفتاری بہ تہٕ گرٕ ھی تھے گرم رٕوی سببہٕ ہیرٕ لوٗبہٕ نوٗرٕ لوٗرٕ نیتھ :

زِ دروازۂ سِدرہ تا ساقِ عرش — قدم بر قدم عصمت افگندہ فرش

زِ دیوانگہِ عرشیان برگذشت — بہ درج آمد و درج را در نوشت

جہت را ولایت بہ پایاں رسید — قطعیت بہ پرگارِ دوران رسید

زمین زادۂ آسمان تاختہ — زمین و زمان را پس انداختہ

مُجرّد روی را بجائی رساند — کہ از بودِ اُو ہیچ باوی نماند

چو شُد دررہِ نیستی چرخ زن — برون آمد از ہستی خویشتن ...

دران دائرہ گردش راہِ اُو — نمود از سرِ اُو قدمگاہ اُو

چنان رفتہ و آمدہ باز پس — کہ ناید در اندیشۂ ہیچکس

تن اُو کہ صافی تر از جانِ ماست — اگر شُد بہ یک لحظ آمد رواست

تہٕ ہمُو ساروِہے موضوعو تہٕ مقامو کھوتہٕ زیاد فکری سلامتی ، بارِیک بینی تہٕ معجز بیانی ہُند تقاضہ چھِنے سو بارگاہِ نیستی کران ییٚتہٕ عبد ، عبدہٗ بنتھ لس حضرتِ ذوالجلالس ستی ہمکلام تہٕ ہم خوان سپدان چھُ یُسُند بہترین توصیف چھُ لَیسَ کَمِثلِہٖ شَیءٌ :

دران جائے کاندیشہ نادیدہ جائے — درود از محمدؐ قبول از خدائے

کلامی کہ بی آلہ آمد شنید — لقائی کہ آن دیدنی بود دید

چنان دید کز حضرتِ ذوالجلال — نہ زاں سو جہت بُد نہ زین سو خیال

ہمہ دیدہ گشتہ چو نرگس تنش — نگشتہ یکی خار پیرامنش

دران زرگیس حرف کان باغ داشت — مگو زاغ کو مہر ما زاغ داشت
گذر بر سرِ خوانِ اخلاص کرد — ہم اُو خورد و ہم بخشِ ما خاص کرد

عاًن ممکن چھُ اَتھ ماورا تہٕ بے نشان ماحولس منز گژھن لقا، دیدہ تہٕ زرگس ہوِن لطیف لفظن تہٕ زرگیس حرف ہشہِ نورُک ترکیبہٕ منز تہٕ مادی ژھایہ دریٖنٹھ، مگر تمیُک رٕہ کھبہِ نظامیس بجایہ تتھ بشری زباًنی لوٕبہ چھاًنتھ پھیاًنتھ تہٕ عاًرق بناًوِتھ تہٕ یتہِ اصلیٖژ کنہ زمینی روزان چھےٚ۔

سفرُک آخری مرحلہ چھُ وُرٕدد تہٕ واپسی تہٕ تمیُک بیان چھُ حسبِ توقع موخصر تہٕ مُجمَل:

سوئے عالم آمد رُخ افروختہ — ہمہ علمِ علوی در آموختہ
چنان رفتہ و آمدہ باز پَس — کہ ناید در اندیشۂ ہیچکس
زگرمی کہ چون برق پیمودہ راہ — نشُد گرمیٔ خوابش از خوابگاہ

تہٕ نظم چھےٚ یتھ حاًرتھ ناو شعرس پیٹھ اند واتان ز:

ندانم کہ شب را چہ احوال بود — شبی بود یا خود یکی سال بود

معراج نامس یمہٕ خوش بخت "شب" لفظٕ سٕتۍ دس ووٕتھو تمی شبہٕ کہ استعجاب آمیز احوالہٕ ستۍ ودت اُندہٕ۔ تعمیر کاًری یہ ہند فریضہ گو وبطورِ احسن پوٗرہٕ تہٕ فنکارِ ہندس پرکارس پیٹھ قطعیتھ حاًصل تہٕ آخری دوٕن شعرن منز چھُ شاًعر پایہٕ ارضی تہٕ بشری سوٗتھرس پیٹھ کھڈایِتھ اَتھ غاًر معموٗلی تجربس پیٹھ آیہ اکھ قاًبلِ توجہٕ منطبق پیش کران:

چو شاید کہ جانہائی ما در دمی — بر آید بہ پیرامنِ عالمی
تنِ اُو کہ صافی تر از جانِ ماست — اگر شُد بیک لحظہ آمد رواست

نظمہِ ہندی مابقی شعر، یم تہٕ اَسہ یمن تس یتھ تبصرس منز شاًمل کرٕی، ہکو کھ شاًعر سٕنز ذاًتی اثر پذیری تہٕ ادبی رِوایژ ہنز پاسداًری یہ ہندی ترجمان گنزرِتھ یم بہرحال اصلی معراج نامہٕ کہ آہ نیبر چھِ۔

یہ احوال زاًنتھ چھُنہٕ مےٚ باسان زِ سخن فہم حضراتَن کیا گژھِ

یہ بوزِتھ کانہہ تعجب زِ دآنتے آسہٕ "ڈِوائن کامیڈی" لِکھان یِتھوے معراج نامو متاثر کورمُت، یا یہ زِ تِم کیا کَرن ہٕ نظامی سُند یہ دعوا بوزِتھ 'اٰمَنا و صَدَّقنا'

سُخن چون گرفت استقامت بمن — اقامت کُند تا قیامت بمن

(اَند)

---

لوح بھی تو قلم بھی تو تیرا وجود الکتاب — گنبدِ آبگینہ رنگ تیرے محیط میں حباب
عالمِ آب و خاک میں تیرے ظہور سے فروغ — ذرّۂ ریگ کو دیا تو نے طلوعِ آفتاب
شوکتِ سنجر و سلیم تیرے جلال کی نمود — فقرِ جُنید و بایزید تیرا جمالِ بے نقاب
شوق اگر ترا نہ ہو میری نماز کا امام — میرا قیام بھی حجاب، میرا سجود بھی حجاب
تیری نگاہِ ناز سے دونوں مُراد پا گئے — عقل غیاب و جستجو، عشق حضور و اضطراب

تیرہ و تار ہے جہاں گردشِ آفتاب سے
طبعِ زمانہ تازہ کر جلوۂ بے حجاب سے (اقبالؒ)



"بوشَس چھنے باوتھ بوِش پھلِہ پاکیزٕہ سرٕودس — توشاں ملک ہیتھ چھیٚ ژٕے خُدایا ہٕ درودس
مِیُل گو وزمانن لامکانن سال ژٕے کورتے — ماضی تہٕ مستقبل ژٕے ونوان دراے سعودس
اَتہٕ گتھ حقن پزٕتھ دَپہٕ گتس کرنو مُعطل — دَپتہٕ وُچھنہٕ مُرسل دراے پننِس شاہِ شہودس
خوش گرتھ الم نشرح وَچھس از دل گرتھ مُوش — پیٚچھ باعثِ تخلیق چھکھ ژٕے عالمِ بودس"

وَالنجم رفرفہ دراو، سُبحان الذی اسریٰ
وَالّیل سفرس وَالضُّحیٰ نُزِل چھُ نمودس

(مرغوب بانہالی)

# مولانا جامی سُند عکس زندگی،
# عقیدٕ شاعری تہٕ امتیازِ نعت گوئی

پروفیسر مرغوب بانہالی

مقالہ کس عنوانس منز اشارنا ہاوِنہٕ آمتین ترین تعارُفی ہدفن ہند تقاضنہٕ چھُ جامیؔ صابُن یہ ذکرِ خیر ترین بدون حصن منز باگرُن۔ تی ملحوظ تھوُتھ چھےٚ اُمس عظیم شاعر سُنز بے لوث زندگی، شریعت شناس شاعری تہٕ دلنواز نعت گوئی متعلق یہ زان تہٕ رائے ترین بِدون مگر باہم وابستہٕ خانن منز پیش یوان کرنہٕ:۔

مولانا جامیؒ چھُ عربی تہٕ فارسی زبانن منز ۵۴ ہن بصیرت افروز کتابن تہٕ رسالن ہُند بہلہِ پایہ مُصنف۔ اُمُند مقام چھُ نوُمہ صدی ہجری (پندا ہمہ صدی عیسوی) ہندین فارسی شاعرن تہٕ نثر نگارن منز ساروے کھوتہٕ بلند تسلیم کرنہٕ آمُت۔ بلکہ چھُ ترنیمہ صدی پیٹھٕ نوُمہ صدی ہجری تام گُزریمتین تمام عظیم فارسی شاعرن ہندس فکری تہٕ فنی رِلواتیس شیخ سعدی یس پیٹھٕ ہمہ گیر ترقی تکمیل تہٕ بلندی عطا کرنہٕ کس بُنیادس پیٹھٕ جامی صابس خاتمُ الشعراء تہٕ ناو کرنہٕ آمُت۔ دانشورن تہٕ سخن فہمن ہندس سطحس پیٹھٕ جامی صابس متعلق گنیمتہٕ اُمہ مشترکہ تاثرُک تہٕ مجموعی حُسنِ ظنُک عکس چھُ شیری ناوہ کس شاعر سُند یہ شعر تہٕ پیش کران ؎

سعدی نہاد کاخِ سخن رابناء ولے
جامی بہ ئین ہمتِ عالی تمام کرد!

۸۱۷ ہجری سنس منز تولدٕ پدٕ گژھتھ اکشیتھ وٕرشہ بابرکت واٗنہ پتہٕ ۸۹۸ھ سنس منز رحمتِ حق پدن وول حضرت جامیؒ چھُ آسمان ادبُک اکھ تیتھ آفتاب

یَسِند علم و فضلُک تہٕ فکرٕ و فنُک احاطہٕ کرنہٕ خاطرٕ ہمعصر مورخن تہٕ قریب العصر تذکرہ نویسن درجنہٕ واد اعزازی ناو تھٲوِمِتۍ چھِ۔ ییمتہٕ شخصی فضیلتہٕ کِس بنیادس پیٹھ وضع کرنہٕ آمتین ییتھین اعزازی ناون تحت چھُ جامی صابس مسیح وقت، خورشیدِ حقایق، ارشاد پناہ، مرجعِ اہلُ اللہ، صاحبِ اسرار، غوثُ الانامی، مُلاذُالاسلامی، نورالدین، نخشرُ المتقین، نورالحق والحقیقت بیٚیہ حضرتِ مخدوم تہٕ وننہٕ آمُت۔ علمی تہٕ عرفانی فضیلتہٕ کِس اُتھی یِس منظرس منز چھُ یِہُند ناو مولانا نورالدین عبدالرحمان جامی علیہ الرحمہ ؤنتھ ہینہٕ یوان۔ حض جامیَس سٟتۍ اَمہ بیمانکُ عقیدت وابستہٕ سپدنکۍ محرکات تہٕ وجوہات دٲیران ہیٚکہِ اکھ بوڈ دفتر تیار سپدتھ۔ لہٰذا ییمن ییتہٕ لَس تھٕو ساری زاولِ بحث مُچھ تراوِتھ یِم نومہ صدی ہند علم پرور ایران یا کم از کم شہرِ ہرات سارِنۍ علمی تہٕ ثقافتی سرگرمی ہیتھ پرٕزناونکُ تقاضہٕ کرٕہن۔ اَتھ سلسلس منز فقط کیٚنژن اِشارن کام ہینہٕ ژنگ چھُ ییتٕ وتُن کٲفی زِ شہرِ ہرات اوس تیموری سلطنتس سٟتۍ وابستہ میرزا شاہرُخ (۸۰۷ - ۸۵۰ھ) میرزا ابوسعید (۸۶۱ - ۸۷۳ھ) تہٕ سلطان حسین بایقرا (۸۷۰ - ۹۱۲ھ) ناوٕ کٲین ترٕن اسلام شناس علم پرور تہٕ ادب نواز حُکمرانن ہندِس دورِ حکومتس منز اکھ مِثالی ولایت بنیوومُت۔ خوش قسمتی کِنۍ بنیو وۄیہے شہر لُچھ بدبن صالح دلن عشقِ نبیﷺ یک گاش بخشن وٲلِس مولانا جامی ناوٕ کِس ادبی آفتابس طلوع گژھنُک اصلی تھٕ دۄند تہٕ۔ حالانکہ مولانا جامیؒ سُند والدِ بزرگوار شیخ نظام الدین اوسنہٕ اَیکُ اصلی روزن دول۔ سُہ اوس یِہ سعادتمند تہٕ ارجمند فرزند تھنہٕ ہینہٕ برونٹھ کِہے کال اصفہانہٕ پیٹھ ہجرت کرِتھ جام ناوِ چِھ تھ سَریہ منز بستہٕ آمُت یوہ ۵۳۶ ہجری سنس دوران وفات لبن وٲلِس عظیم صوفی بزرگ تہٕ شاعر شیخ احمد جام ہندی کِنۍ اکھ سٕتھاہ مشہور تہٕ روحانی جاے بنیومُت اوس۔ یِ شیخ الاسلامی، ژندہ بیل، یِ شیخِ جام تہٕ پیرِ جام ناوٕ زانہٕ ییٚنہٕ وٲلِس شیٚمہِ صدی ہجری ہندِس اَمِس بزرگس چھُ مولانا جامی تِتھے پٲٹھۍ اظہار و بیانُک مرشد تہٕ مانان اوسمُت یِتھ پٲٹھۍ حضرت شاہ ہمدانؒ صابؒ، سید علاء الدولہ سِمنانیس یا علامہ اقبال مولانا رومیس مانان چھُ۔ ییٚمہِ چھُ اول الذکر بزرگن ہندِ مشترکہ علاقٕکی تخلصکی پٲٹھۍ یِم بعد الذکر بزرگ تہٕ رلہٕ وُن تخلص جامی کران اُسی متہٕ

ووں گوو اکثر پاٹھۍ احمد جام ناوس تحت عرفانی حلقن منز بقود مقام بقون والس اُمس بزرگس سیتۍ کرتھ عقیدتمندی پتھے مولانا جامیس اُمہِ سندِ تخلصک وجہ تسمیہ بیان کران چھُ تمیک اظہار یتھ پاٹھۍ کران ؎

مُولدم جام و رشحۂ قلمم — جُرعۂ جام شیخ الاسلامی است
لاجرم در جریدۂ اشعار — بہ دو معنی تخلصم جامی است

اَمہِ کتھہ ہند مختصر ذکر تہٕ مثال کرد اُسی یتھہ پہن ییش زِ مولانا جامی سُند روحانی مُرشد شیخ احمد جام کمہِ پایک شاعر تہٕ نعت گوچھ اوسمُت۔ گوڈہ روز شہر ہرات کس تناظرس منز یہ ونُن مناسب زِ مولانا جامیؒ اوس آقائے نامدار صلی اللہ علیہ وسلمن ہنز غلامی ہندی آداب ییچھنکہِ بدولتہٕ اکہِ تتھ عظیم المرتبت شخصیتک مالک بنیومُت زِ وقتہٕ کین پادشاہن تہٕ وزیرن تہٕ اوس اُمس کُن سر خم کرُن پیوان۔ چنانچہ اُسی سلطان حسین بایقرا تہٕ تُسند وزیر اعظم امیر علی شیر نوایی پانہٕ اُمس نِش حاضر خدمت سپدان تہٕ درپیش مشکلاتن متعلق اُمس مردِ قلندرس مشورہ پرزِھتھ رہنمایی لبان۔

یِمو اولین اہم تذکرہ نگارو تہٕ ادب شناسو مولانا جامی ہندین حالاتن، کمالاتن تہٕ ارشاداتن پیٹھ اظہار خیال کرُن یِنُن ڈیکہِ بجر زونمُت چھُ تمن منز تہٕ چھُ وزیر اعظم امیر علی شیر نوایی سر فہرست اوسمُت۔ سُہ چھُ مولانا جامیس پیٹھ زہ کتابہ مجالس النفایس تہٕ خمسۃ المتحیرین لیکھان۔ نوایی یس علاوہ چھِ مولانا جامی ہندی حالات و کمالات قلمبند کرن والین تذکرہ نویسن منز روضات الجناتُک مصنف معین الدین اسفزاری، حبیب السیرُک مصنف خواندمیر تذکرۃ الشعراٴُک مصنف دولت شاہ سمرقندی مجالس العُشاقُک مصنف سلطان حسین بایقرا ریاض الشعراٴُک مصنف والہ داغستانی تحفۂ سامیُک مصنف میرزا سام مجالس المومنینُک مصنف قاضی نور اللہ شوشتری تہٕ تذکرۂ میخانُک مصنف ملا عبد النبی فخر الزمانی خاص پاٹھۍ قابل ذکر۔ بہ کرہ ییتہٕ نس نمونہٕ خاطرہ صرف نوایی سِندِ مجالس النفایسُک اکھ تعارفی اقتباس ترجمہ کرِتھ پیش :-

"سُہ آفتاب ییُنز سوننچن تزایہ سُند تاپھ زمانس تہٕ جہانس پرزلاوان چھُ۔ تمسند عرفانُک پرتو چھُ یمہِ زمانہٕ کین لوکن اکہِ لا انتہا بصیرتُک باعث بنیومُت۔ بصیرتُک

یہ آفتاب مولانا نورالدین عبدالرحمٰن جامیؒ چھُ فصاحت و بلاغتُک اکھ تیُتھ سمندر یتہِ باسان یِیہِ ہندِس طبیعتس منز پروردہ گامتی سِرجانہٕ تہٕ موختہٕ انبار ہم عصرن پیٹھ تقسیم ناداری کاسنکی ضامن چھِ۔ تِہند پرنوٗر دِلہٕ منزہ دِرٕ تلیتھن دلنواز شعرن ہنز معنویت روزِ تا ابد قایم۔ تِکیازِ یِم شعر چھِ فنی لحاظ انتہائی مارِ مُندی تہٕ معنوی لحاظِ انتہائی دلکش توٗے چھِ تِم بوزان بوزانی دِلن پیٹھ نقش گژھان۔ بلکہ چھُ تِم لوٗزِتھ اکھ سخن فہم عرفانی تجربن ہندِس خاص نوٗرس منز ولنہٕ یوان"۔ مولانا جامی یِس بیٚیہِ یِمن عظیم فارسی شاعرن ہُند خاص اثر پیوٚمُت چھُ تِمن منز چھِ حکیم سنائیؔ، شیخ عطار، مولانا رومی، نظامی گنجوی، شیخ سعدی، امیر خسرو تہٕ حافظ شیرازی خاص پاٹھۍ قابلِ ذکر۔ یِمن عظیم شاعرن ہندِس ادبی رِوایتس پانناوِتھ، اُرتھ اوِتھ تہٕ برونٹھ پکناوِنٕچ کوشش کران یِم شاہکار تصنیفہٕ مولانا جامی بارسس چھِ اَنان تِمن منز چھِ سِلسلۃُ الذہب، نفحاتُ الاُنس، یوسف و زلیخا بہارستان، لوایح، لوامع، شواہدُ النبوت، خردنامۂ اسکندری، تحفۃ الاحرار، سُبحۃ الابرار، لیلیٰ و مجنون، خردنامۂ اسکندری، رسالۂ عروض و قوافی تہٕ رسالۂ موسیقی شامل۔ یِمو علاوٕ چھُ اکھ ضخیم دیوانِ غزلیات یُس قریباً پانٕژھ ساسن شعرن پیٹھ مشتمل چھُ۔ بیٚیہِ مولانا جامی نظامی ہندی پاٹھۍ اکھ یادگار پنٕژ گنج لیکھان چھُ تہٕ تِتہٕ چھُ سُہ امیر خسرو ہندی پاٹھۍ پننُ دیوانِ غزلیات فاتحۃ الشباب، وسطۃ العقد تہٕ خاتمۃ الحیات ناوٕکین ترین حصن منز باگران۔ مولانا جامی ہندین ذاتی وستادن منز چھِ شیخ سعدالدین محمد کاشغری تہٕ قاضی زادہ رومی خاص پاٹھۍ قابلِ ذکر۔ یِمن نِش صوفیانہ طرزٕچ روحانی تربیت حاصل گژھنہٕ پتہٕ چھِ مولانا جامی خاص عبادات و ریاضات کرنکہِ بدولتہٕ نقشبندی سلسلس منز رشادٕ تہٕ کس انتہائی تقدُسس مقامس تام واتان۔ شیخ سعدی ہندی پاٹھۍ چھِ بہارستان لیکھنہٕ برونٹھ مولانا جامی ہم عصر عالمِ اسلامکین واریاہن اہم ثقافتی مرکزن ہنز سیاحت کران۔ خاصکر تھ چھِ تِم دمشق (ملک شام) بغداد (ملکِ عراق) سمرقند (ترکستان) تبریز تہٕ غزنوی (افغانستانس) منز کینژس کالس قیام کران۔ اَمہِ علاوٕ چھُ مکہ شریف تہٕ مدینہ پاک گژھنہٕ کِس تِہندِس حجس تہٕ سفرِ محمودس متعلق روح پرور واقعاتن ہُند ذکر خاص مختلف توجیہاتن تحت مشہور آسی تھے۔

مولانا جامی ہٕندِ ین دستیاب تقریباً پانژہن ساسن شعرن ہنٛدِس بیشتر حصن منز چھےٚ نعت گوئی ہنز اکھ بے مثال زیرین لہر پٔنٕہ موجودگی ہند باس دِوان، ویسے کلّیاتِ جامی پرِتھ چھُ نَنان زِ اُمی عظیم شاعرن چھےٚ شن اہم صنفن منز باضابط نعت گوٗیی کرٕمٕژ۔ تم صنفہٕ چھےٚ ترجیع بند، ترکیب بند قصیدہ، غزل، مثنوی تہٕ رباعی۔ صنفہٕ وار نموٗنہٕ پیش کرنہٕ برونٛہہ چھُ جامی صاَبٕنہٕ مجموٗعی نعت گوٗیی متعلق تقابلی غرضہٕ پیتےٚ وَنُن کافی زِ ییتھ پأٹھۍ امام بوصیری ہٕندۍ نعت عربی عوام کین دِلن منز عشقِ رسوٗلُک نقش کھننس منز کامیاب گےٚ تِتھے پأٹھۍ گےٚ مولانا جامی ہٕندۍ والہانہ، شیرین تہٕ پُرسوز نعت براعظم ایشیا کس اکس وسیع ترسطحس پیٹھ کروڑہ بدٕ ین دِلن عشقِ رسوٗلکۍ آداب ہیچھناونس منز کامیاب۔

مولانا جامیس چھُ تمام عظیم فارسی شاعرن منز یہ امتیاز حاصل زِ تٔمۍ چھُ نعت گوٗئی منز اکس نہرل تہٕ نستعلیق جمالیاتی اظہارس بارسس انان تہٕ آینده نسلن ہٕند خاطرٕ تِتھ فنی شعوٗرچہٕ پختگی سان اکھ مثالی نموٗنہٕ (ماڈل) بناوان۔ یوٗدوے یِمہٕ عقیدتی شاعری ہٕندۍ ارکانِ ثلاثہ یعنے مناجات، نعت تہٕ منقبت وٕنس منز ہوٗے اُستادانہٕ کمال ہاوان چھُ مگر مناجاتس تہٕ منقبتس منز چھُنہٕ تس تیتھ امتیاز حاصل سپدان یُتھ امتیاز عامس کیو خاصس وأنجہٕ گاش عطاکرن وألس تٔمۍ ندِس نعتس باگہٕ آمُت چھُ۔ کٔشیرِ ہٕندۍن شاعرن چھےٚ حضرت جامی ہنز نعت گوٗیی خصوصیتہٕ سان عشقِ رسوٗلکۍ آداب ہیچھناون وأجنۍ اکھ ترتیباوتن جی ثابت گامٕژ یوسہٕ قرآنِ حکیم کین پُرنور لفظن تہٕ شرعِ محمدی کین تقدیر ساز رمزن ہٕند عرفان بخشنہٕ علاوٕہ تِہند ضمیر کین صدی وادن دبمتین أندرٕ ٹھین تہٕ ورگہٕ باوتھ کران چھےٚ تہٕ امی خصوصیژ کنۍ چھےٚ فارسی نہ زانن والین کأشرِن تہٕ جامی صأبٕنۍ نعت گوٗیی نہ فقط ہٕندۍ یمزن وأتنجن دٔرٕ ہیوٗژ لٕبناوان بلکہ بیمار آرزوین تہٕ پُراُمید اوٗشہٕ وانہٕ ستۍ غسلِ صحت کرناوان۔ لہٰذا چھُ لازمی باسان زِ مولانا جامی ہٕندِ ین مختلف الاصناف نعتیہ اظہارن ہٕندۍ کینہہ نموٗنہٕ پیش کران ین کٔشیرِ ہٕندِ ین کینژن اثر پذیر شاعرن ہٕندِ کلامکۍ مختصر نموٗنہٕ تہٕ سقالک حصہ بناونہٕ۔ بلکہ مایژن مٔنۍ کٔشیرِ منز انتہائی مقبولیت لبنتھ وِردِ زبان بنیمتین ستن اَکھن نعتن ہٕندۍ تِمہٕ شعر تہٕ صحیح ستن ہنتھ پیش کرٕنۍ

یِمن سٕنٛز وارِیاہ عالِم تہٕ غلطی ہٕند ارتکاب کران چھِ۔ یہِ اقدام چھُ تِمن اشارٕ تہٕ خود اصلاحی ہنٛز تحریک دِنہٕ خاطرٕ ضروری باسان۔

مگر اَمہِ اقدامہٕ برونٛہہ پھٔنہ یِمہٕ کتھ ہنٛز واقفیت بہم کرٕنۍ تہٕ ناگزیر باسان زِ کلہم پاٹھۍ کیا نظریہ تہٕ عقیدٕ چھُ مولانا جامیس شاعری متعلق اوسمُت۔

گویا اگر اَسہِ یہِ زانُن آسہِ زِ مولانا جامی سٕنٛز شاعری ہٕند حاوی موضوع کیا چھُ؟ تِہنٛز محبوب ترین ہیئت یا شعرٕ ذات کوس پھٔنہ؟ تہٕ تِم کمہٕ قسمچہٕ فنی صنعژ (CRAFTS) (MANSHID) ہٕندی روادار چھِ؟ یِمن ترٛشوٚنی سوالن ہُند جواب چھُ مولانا جامی سُنٛد تہٕ دار تہٕ بلیغ شعرن سٕنٛز دِوان مثلاً شاعری ہٕندِس حاوی موضوعس تہٕ پسندیدٕ ہیئتس یا صنفس متعلق تِہُند یہِ شعر

دم از سادہ رویانِ رعنا زدم    غزل را زمہ خیمہ بالا زدم

حاوی موضوعس واضح کران چھِ تِم سادٕ رویان ترکیبہٕ یہِ ڈٕنٛھ ورٕژھنہٕ کران زِ تِہنٛدی محبوب شاعرانہٕ کِردار چھِ آنحضورؐ تِہنٛدۍ آل واصحاب تہٕ جان نثار غازی۔ یِمنٛہ ہٕندِس ذکرِ خیرس چھُ سُہ پننہٕ شاعری ہنٛتھ پان وندان تہٕ ونان سہ

بہ صدق وصفائے توان گشت جامی

غلام غلامانِ آلِ محمدؐ

اَتھ موضوعس یا یِمن کِردارن ہنٛز پاکیزٕ تہٕ سادٕ زندگی لل کھوٚل کرنس پھٔنہ مولانا جامیس زیادٕ برابری غزل صِنفہ سٕنٛزے آمُت تُوے چھُ ونان سہ

زدم عمرے از بے مثالان مثل

سرودم بہ وصفِ غزالان غزل

مشہور اُردو غزل گو میر تقی میر سُنٛد یہِ شعر چھُ جامی صابنہٕ اَمی شعرُک عکس باسان:۔

گئی عمر دربندِ فکرِ غزل    سو اِس فن کو ایسا بڑھا کر چلے

مولانا جامی اوس بازٕ چھُ بحیثیت اکھ لٔی شاعر یِمنٛہ پاکیزٕ کِردارن حاوی موضوع بناوٕنۍ لایق زانان تِمہِ اصلیت چھُ سُہ خلفائے راشدینن ہٕندی اسماءِ گرامی اکہِ اکہِ گنٛزرٲوِتھ

یتھ پاٹھؠ ونان :-

خاصِ آلِ پیمبر و اصحاب    کز ہمہ بہتر اند در ہر باب
وزمیانِ ہمہ نبوُد حقیق    بہ خلافت کسے بہ از صدیق
وزپےِ او نبود ازاں احرار    کس چو فاروق لایقِ این کار
بعدِ فاروق جُز بہ ذوالنورین    کارِ ملت نیافت زینت وزین
بود بعد از ہمہ بہ علم و وفا    اسداللہ خاتم الخلفاء
رضی اللہ عنہم از سوے حق    بہر ایشان بشارتِ مطلق

مولانا جامی چھُ تہندین خصوصی تہٕ امتیازی اوصافن ہنز فضیلت یتھ پاٹھؠ تہٕ فہم کرناوان :-

بہ تخصیص آنان کہ بے تخت و تاج    گرفتند از تاجداران خراج
یکے ثانی اثنین در کُنجِ غار    کہ چون مار شد ناوکِ جان شکار
دویم آنکہ از سکہٕ عدلِ اوست    کزین گونہ دنیا و دین سرخروست
سوُم شرمِ گیتی کہ شد بے قصور    ز شمعِ نبوت نصیبش دُو نور
چہارم کہ آن ابرِ دریا نثار    نم او کرم ، برقِ او ذوالفقار

ووں اگرچہ دُچھن آسہٕ زِ مولانا جامی کمن فنی صنعژن تہٕ زاوِ جارن چھُ مرغوب تہٕ کمن چھُ نام غوٗب زانان تمیک عرفان چھُ سہ یمِن لفظن منز باگران :-

خوش آید در سخن صنعت زِشاعر لیک نے چندا    کہ آرد دورِ کمالِ معنیٔ مقصود نقصانش
خیالِ خاص باشد خالِ روے شاہدِ معنیٰ    چو خال اندک فتد بر رُخ دہد حسن فراوانش
وگر گیرد زِ بسیاری ہمہ رخسارِ شاہد را    میانِ سادہ رخساران سیہ روئی رسد زانش

یہے فکری تہٕ فنی ٹھٲر ہر لحاظ ملحوظِ نظر آسنکہِ بدولت چھُ مولانا جامی فنِ شعرس فن شریف بنادِتھ ہیوکمُت بلکہ چھُ تِمی یتھٕ امتیازک پزرِ یمہٕ اعتمادٕ سان باوِتھ ہیوکمُت زِ :-

من آں نیم کہ زبان را بہ ہرزہ آلایم    بہ مدح و ذمِ خساں نوکِ خامہ فرسایم

فکری سطحس پیٹھ اَمہِ قسمک تقدس تہٕ احتیاط ورتاون ودل جامی صاب چھُ فنی سطحس پیٹھ لفظن ہنز ژار تہٕ داخلی موسیقی تہٕ برتہٕ پاٹھؠ سان اوسمُت ۔ نتہٕ ہیکہِ ہے نہٕ یہ کتھ وُنتھ سہ

نظم را حُسنِ صوت مے باید — تا ازاں حُسن او بیفزاید

مولانا جامی چھُ پننہ شاعری ہنز کینہ پھیر ہاو خصوصیژ یمہ آیہ تہ بیان کران :-

ہست دیوانِ شعرِ من اکثر — غزلِ عاشقانِ شیدائی
یا فنونِ نصائح است وحکم — منبعت از شعور و دانائی
ذکرِ دُونان نیابی اندروے — کان بود نقدِ عمر فرسائی
مدحِ شاہان درو بہ استدعاست — نہ ز خوشس خاطری و خود رائی
ہیچ جا نبود آن مدائح را — درعقب قطعۂ تقاضائی

یتھ حصس منز ییتہِ مولانا جامی ہنز غمناک عشقیہ باوژ ہندی مختلف نمونہ پیش کرنہ علاوہ تہنز امتیازی نعت گویی ہندی مختلف پہلو نشاندہی منزاینہ ین تتہ ییہ ضمناً تہنز نعت گوئی ہندُ اثرتہ ہاونہ ییس علامہ اقبالس علاوہ کشیرِ ہندین کینژن اہم شاعرن پیٹھ بیوٗمت چھُ۔

مولانا جامی ہندِ پر نور سینک عاشقانہ تلاطم شاعرانہ اندرونک ترنم تہ فنکارانہ جمالیاتک تکلم چھُ تہندس نعتیہ اظہارس منز انتہائی عروجس تام واتان ۔ انھ اظہارس چھُ حسنِ آنحضرت صلعم آسنہ کنی زمینی وجودس آسمانی وردن پائی پانے ییژرنہ یوان۔ تہ زن گو حقیقی عشقک پوٗر اظہار آسنہ کنی چھُ انھ قرآنی آیاتن ستی وابستہ محکمائی حرفو علاوہ متشابہاتی اشاراتن ہُند پُر اسرار خلعت تہ پانے ولنہ یوان مثلاً یمن کینژن تغزل پرور شعرن منز :-

آنراکہ بر سرا فسرِ اقبالِ سرمد است — سر در رہِ محمدؐ و آلِ محمدؐ است
فرزندِ کاف و نون اند افرادِ کائنات — احمد میانِ آن ہمہ فرزندِ امجد است
مدے کہ ہست بر سرِ آدم علامتے — زان میم و دال داں کہ قدم گاہِ احمد است
دندانِ سینِ سُنت وشینِ شریعتش — دانادانہ کلیدِ بہشتِ مُخلد است

روح پرور تغزل تہ ترنم چھُ یتھین مخاطبانہ شعرن منز بییہ سن کاڈکڈان :-

اے واضحی والضحیٰ جبینت — واللیل نقاب عنبرینت
طاہا ورقے ز داستانت — یاسین علمے بر آستانت

توصاحبِ کانِ کُنتُ کنزاً — اعیانِ رُسل قرامنہ چینت
چوں بر تو خدائے آفرین گفت — جامیؔ چہ سزائے آفرینت!

اَمہِ طرزک نعتیہ اظہارُک اثر چھُ کینژہ علم و فضل والیو کاشُر یو شاعرو بڈ سنجیدگی سان قبوُل کورمُت مگر اَمہِ قبولِ اثرُک حق چھُ یژ پاٹھۍ فقط دہ یوترے لوٗ شاعرو ادا کرِتھ ہیوٚکمُت یمَن خوش نصیب فارسی گو کاشرِ شاعرَن منز چھُ مولانا احمد باٹھالی مُند ناو سرفہرست تھوٚن لایق ۔ یہِ کتھ چھےٚ نہ کُنہِ جانبداری یا علاقایی رِشتس تحت ونان بلکہ بمصداق "عطر آنست کہ خود ببوید" چھِ تہند تمہِ نعتکۍ فقط کینہ شعر بیش یوان کرنہ یُس ونان ونانی مولانا احمدس آنحضورن ہُند جلوٚ نصیب سپدنُک واقعہ مشہوٗر چھُ تہٕ یُس نعت ازتہِ کینژہ ہنزن بیشتر مسجدن منز دروٗدِ حضوٗرس ہیتی پرنہٕ چھُ یوان ۔ مولانا جامی ہند کرِ پاٹھۍ قرآنی ارشاداتن ہُند تلمیحاتی ورتاو کرن والہِ تمہِ نعتکۍ کینہ شعر چھِ یِم :۔

سیدا روئے والضحیٰ داری — موئے واللیل اِذا سجیٰ داری
طائے طاہا طرازِ خلعتِ تو — وز مُدثر مہین ردا داری
یائے یٰسین کہ یاسمن بو بیست — گلِ دستارِ خوشنما داری
لن ترانی نصیبِ موسیٰ بود — انت زامت لقد رَأیٰ داری
نقشِ نصرٌ من اللّٰہ است بہ نگین — وز فتحنا بکفِ لوا داری
بہ قرآنے کہ وحیِ تنزیل است — بہ مُعاجز کہ بے حصا داری
بہ شبِ قدر و لیلۃ المعراج — بہ وصالِ کہ با خدا داری
روئے زیبا نما کہ مشتاقم — قسم ذاتِ کبریا داری
مسِ قلبم بہ یک نظر زر کُن — کان نظر ہمچو کیمیا داری
بہ ابوبکرؓ و عمرؓ و عثمانؓ — بہ علیؓ آنکہ مرتضیٰ داری
پادشاہا بہ حالِ ما نظرے — کہ عنایت بہر گدا داری

مولانا جامیس کنہ حدس تام چھُ اَمہِ طرزکہِ نعتیہ اظہارُک فیضان یُنہس مقامی مُرشد احمد جام صابس نِش حاصل سپدمُت ییٚتہِ بعضے جامی تخلص ورتاون وول

یِہُند سُہ پیشرِ وکمِہ اعلیٰ پایُک نعت گوچھُ اوسُمت تمیُک نمونہٕ ہاوِنہٕ خاطرِ چھِ تِہُندِ اکہِ مشہوٗر نعتکۍ فقط یِم شعر پیش یوان کرنہٕ ۔

والضحیٰ لمعۂ خدست دیدم | قُمْ فانذر سہی قدت دیدم
عرش وکرسی وآسمان وزمین | ہمہ زوّارِ مرقدت دیدم
جامی از شوق ہر نفس گویا | یا محمدؐ محمدت ــــــ دیدم

اتھ مشہوٗر نعتس چھُ کٲشرِ ہندِ لوکینٛ و مشہوٗر شاعرو کٲشرِس منز ترجمہ کرنُک یا جواب لیکھنُک تمنا ین یِنہٕ استعدادِ موٗجب شکلہ وُت مثلاً محمود گامی یِمہ آیہِ:۔

ژیے حبیبِ خدا دیان وُچھے | حوٗرِ در خُلد ونہٕ وان وُچھے
روے پاکٕکۍ صفت کرِی ذاتن | سوٗرۂ شمس در قرآن وُچھے

یا امیر شاہِ کریری یِتھ پاٹھۍ:۔

یا رسول ٹھوٗد ژےٚ قدر و شان وُچھے | صدر بر قدرِ دو جہان وُچھے
رحمتچ خاصہ چھتٕر ارسلناک | عالماہ زیرِ سایبان وُچھے

اتھ کتھِ کُن ییہِ بُتھ پہن اشارہ کرنہٕ زِ مولانا رومی تہٕ شیخ سعدی ہندِ پاٹھۍ چھُ مولانا جامیس تہٕ عربی زبٲنۍ ہِنٛدِ اُستادانہٕ عبوٗر تہٕ کمال حاصل اوسُمت یِمہٕ نِس چھُ لغتن کاشُر ترجمہ کرنہٕ کِس سلسلس منز یہ وَنُن دلچسپ باسان زِ محمود گامی تہٕ امیر شاہ کریری ہندِ کھوتہٕ کہیا بہتر ترجمہ چھُ مولانا ثناء اللہ کریری دُعاے صبحس منز پرنہٕ یِنہٕ والِس تتھ نعتس کران یمیُک مطلع چھُ،

اُنلت یا ریح الصبا یوماً الیٰ ارض الحرم
بلغ سلامی روضۃً فیہا النبی المحترم

ثناءاللہ صابن ترجمہ چھُ ۔

ہا واو واکھنا نوٚتے ییتہٕ ڈاپھ تراوِتھ مصطفیٰ
احوال میانی تس وَنکھ سٕے ہو کرِم دادِن دوا

ثناءاللہ صابنِس اتھ اظہارس منز چھنہٕ مولانا جامی ہندِ یِمہٕ شعرچ صدائے بازگشت تہٕ کنن گژھان ۔

نسیما جانبِ بطحا گذر کن
ز احوالم محمدؐ را خبر کن

مولانا جامی چھُ پانہٕ نعت گوٗیی ہندِس معاملس منٛز پننین شیخ سعدیؒ تہٕ امیر خسروؒ ہوٚین روحانی مرشدن نِشہ ہیوٚ استفادٕ کران مثلاً استاد غزل شیخ سعدیؒ چھُ آنحضورﷺ ہنٛد مدح خوان بنتھ اَکِس مختصر قصیدس منٛز پنُن خراج عقیدت یتھٕ پاٹھۍ پیش کران :-

ماہ فرو ماند از جمالِ محمدؐ — سرو نباشد بہ اعتدالِ محمدؐ
قدرِ فلک را کمال و منزلتے نیست — در نظرِ قدرِ با کمالِ محمدؐ
آدمؑ و نوحؑ و خلیلؑ و موسیٰؑ و عیسیٰؑ — آمدہ مجموع در ظلالِ محمدؐ
چشمِ مرا تا بخواب دید جمالش — خواب نمے گیرد از خیالِ محمدؐ

مولانا جامی چھُ فخرٕ اَتھۍ بحرس لفظتس کامہِ ہیتھ بہن بندن تہٕ ۹۶ شعرن پیٹھ مشتمل پنُن سارِوے کھوتہٕ سرس نعتیہ ترجیع بند لیکھان ۔ تمیُک یہٕ ستم بند چھُ شیخ سعدی ہنٛد اظہارُک ہوبہو عکس باسان ؎

ماہ بود عکسے از جمال محمدؐ — مُشک شمیمے ز زلف و خالِ محمدؐ
در چمنِ فاستقم قدم ننہادہ — سرو ولنے بہ اعتدالِ محمدؐ
حرف شناسانِ نقشِ کلکِ قدم را — صد مدد آمد ز میم و دالِ محمدؐ
یافت چوں روے بتان ز خالِ معنبر — دینِ ھدیٰ زینت از بلالِ محمدؐ
روزنِ نہ بکشا کہ تافت بر ہمہ عالم — پرتوِ خورشیدِ بے زوالِ محمدؐ
دستِ بدامانِ آل زن کہ نباشد — جز بہ محمد مآلِ آلِ محمدؐ

کاشِر زبانۍ مختلف طریقو مالامال کرن وول محمود گامی تہٕ چھُ اَتھ نعتیہ اظہارس لوٚلہ مَتہٕ لاے کرِتھ اَمہِ قسمکہِ ترجیع بندُک اہتمام کران مگر وُچھک شعرہٕ لاگہٕ کِنۍ چھُ شہٕ اتھ ہیئتِ غزلچی اکھ سوٚ نہاری کرینکہِ ہانکل بناوان ۔ بطور ثبوٗت چھِ اَتھۍ بحرِ منٛز "محمدؐ" ردیف بناوِتھ محمود گامی ہنٛدین پانژن فارسی نعتن ہنٛدی یِم مطلع پیش :-

| | |
|---|---|
| ۱۔ ما تحفہ چہ سازیم بہ ارسالِ محمدؐ | صل اللہ علیہ و علیٰ آلِ محمدؐ |
| ۲۔ شد جان و دلم والہ و شیدائے محمدؐ | در دیدہ کشم خاکِ کفِ پائے محمدؐ |
| ۳۔ موجود شدہ از قدم آن ذاتِ محمدؐ | وز عرش بلند رفعت و درجات محمدؐ |
| ۴۔ خورشید بدان ذرہ ے از روئے محمدؐ | محرابِ ہمہ قدسیاں ابروے محمدؐ |
| ۵۔ کونین ہویداست ز انوارِ محمدؐ | خورشید خجل گشت ز رخسارِ محمدؐ |

نعت گوئی منز بنین پیشرون اَمِہ قسمک استفادٕ کرِتھ مثال چھےٚ شیخ سعدیؒ ہُنٛد بزرگ شاعرس نش تہٕ میلان۔ چنانچہ تمۍ یُس مختصر ترین تہٕ مقبول ترین ژُ مصرعی عربی نعت پننہِ گلستان ناوِ چہِ کتابہِ منز لفظن منز ڈیکہِ ٹیکہِ بنووُمت چھُ سہ

بلغ العُلےٰ بکمالہٖ
کشف الدُّجےٰ بجمالہٖ
حسُنت جمیع خصالہٖ
صلّوُا علیہِ وَ آلہٖ

سُہ نعت چھُ براہِ راست امام یافعیؒ سند س اُکس ہتس تہٕ شیتھن بندن پیٹھ مشتمل ژیٹھس نعتس منز شامل اکہ بندکین لفظن ہند فقط پس و پیش یا تقدیم و تاخیر ہاون وول مکمل عکس باسان۔ امام یافعیؒ سند ژیٹھ نعتک سُہ بند چھُ یتھ پاٹھۍ سہ

بِکمالہٖ بلغ العُلےٰ
بجمالہٖ کشف الدُّجےٰ
بقدومہٖ زال الوبا
صلّوُ علیہِ دآئما

مولانا جامیؒ چھُ مشہور پیشرون استفادٕ کرِتھ سوُدوٚیم نہج تہٕ نعت گوئی منز پانہٕ ناوان یتھ تحت کانٛہ قصیدہٕ گو ہتز ورتاوٕ مٕژ بحر تہٕ مثنوی خاطرٕ ورتاوٕ نہٕ چھےٚ یوان۔ مثلاً ژوٗرمہ صدی ہجری ہندِس منوچہری سند یُو شعر وستی شروٗع گژھن وول قصیدٕ سہ

| | |
|---|---|
| الا یا خیمگی خیمہ فروہل | کہ پیش آہنگ بیروں شد ز منزل |

نمازِ شام نزدیک است امشب — مہ و خورشید را بینیم مقابل

مشہور مثنوی یوسف و زلیخا اُتھی بحرِ منز دنن وول مولانا جامی چھُ عالمی شہرت بن وول سُہ نعت امی طرزِ تخاطب سان آنحضورؐ کُن ونان:

| | |
|---|---|
| زِ مہجوری بر آمد جانِ عالم | ترحم یا نبی اللہ ترحم |
| نہ آخر رحمتہً للعالمینی | ز محرومان چرا فارغ نشینی |
| زخاک اے لالۂ سیراب برخیز | چو نرگس خواب چند از خواب برخیز |
| بروں آور سر از بردِ یمانی | کہ روئے تُست صبحِ زندگانی |
| شبِ اندوہِ مارا روز گردان | زِ رُویت روزِ ما فیروز گردان |

| | |
|---|---|
| بدہ دستے زِ پا اُفتادگاں را | بکُن دلداریے دلدادگاں را |
| اگر چہ غرقِ دریائے گنا ہیم | فتادہ خشک لب بر خاکِ راہیم |
| تو ابرِ رحمتی آں بہ کہ گاہے | کُنی برحالِ لب خشکاں نگاہے |

یہ بحر کُس تاہ سازگار چھُنے مولانا جامیس نعت گوی خاطر باسان تمیُک ثبوت چھُ اتھ منز ژور وکھو نہ زیادہ نعت ڈنتھ دِنہ آمُت۔ چنانچہ چھُ سُہ مشہور نعت تہ اتھی بحرِ منز۔ یمیُک مطلع صُبحکِس واوس وکیل بناوِتھ ونان سہ

نسیما جانبِ بطحا گزر کُن
زِ احوالم محمدؐ را خبر کُن

بییَو کینژو کاشرِ شاعرو علاوہ چھُ یمینُک مشہور نعت گو عبدالاحد نادم اتھ نعتس امی طرزِ تخاطب سان تضمین لیکھنچ کوشش کران تہ ونان:۔ سہ

| | |
|---|---|
| ژےَ اے بادِ صبا طاقت ہنا چھے | شبا وانکھ جزا ضایع نبا چھے |
| ژجبتہ دست بتہ گژھ ہت راہی | ونُس آہستہ آہستہ کماہی |
| شہنشاہا شفاعت دستگاہا | کران چھے عرض کوشر عذر خواہا |
| زِ مہجوری بر آمد جانِ عالم | ترحم یا نبی اللہ ترحم |

والہانہٕ عشقِ رسوٗلس باوتھ کرن واجنہِ مولانا جامی بنیٚہ۔ ممتاز نعت گوٗی پٔتھۍ محموٗد گامی تہٕ عبدالاحد نادم بندی پاٹھۍ ہیتہٕ بدنٕ شاعرن ہندِس تخلیقی شعوٗرس تہٕ عشقیہٕ اظہارس کاڈ کڈٕ ناوان۔ دراصل چھِ عشقِ رسوٗلکِس اَمِس شہہ ڈُنگہٕ بندِ شاعرانہٕ تجربکۍ پیرجانہٕ دُرج تہٕ موخیتہٕ ٹھُٹلی دردٕ سوزٕ والین جمالیاتی اظہارس پیٚتھ کاہہ پیٚرگی ژلنا وانٕ ییکیاز۔ ژُکہٕ چھُ عشقکُ یہٕ ترجمان درد و غمہٕ سے شادمانی ہُند موٗلُل سرمایہٕ زانان۔ اَتھ موٗلُل سرمایہٕ زانِنگ برجستہٕ اظہار چھُ خود محبوٗبس تھٔی تہٕ کران۔ مثلاً یتھٕ پاٹھۍ ؎

| | |
|---|---|
| اے غمت تخم شادمانی ہا | وصلِ تو اصلِ کامرانی ھا! |
| کردہ ام گم بہ کوے عشق دِلے | بروے از داغ تو نشانی ھا |
| نکتہ جویانِ عشق را شرطاست | سادہ بودن ز نکتہ دانی ھا |
| بُقعہٕ خیر ماست گوشہٕ غم | لیسَ فی الکائنات ثانی ھا |

مگر عشقہٕ غم حصہٕ یُنے چُھنہٕ کافی اَمہٕ غمہٕ نشہٕ تمتُّع گیرتہٕ لذت پذیریدنُک ولوٗہار تہٕ اظہار ہیچھُن چھُ حقیقی سعادتمندی بخشان۔ یہے سعادتمندی پٔتھۍ مولانا جامیَن وبہٕ ناوان :۔ ؎

| | |
|---|---|
| مرا شد جامۂ جان از غمت چاک | بیا اے آرزوے جانِ غمناک! |
| نہ رفت از لوحِ دل نامت اگرچند | ز لوحِ آب و گل شد نقشِ من پاک |
| نہانے ہر شبے آیم بہ کویت | گریبانے دریدہ دامنے چاک |
| گہے از درد ریزم خاک بر سر | گہے از شوق مالم روے بر خاک |

طاق مِصرعن منز۔ ودہٕ تلاوہٕ آمُت غمہٕ عشقکُ ولوٗہار تہٕ جُفت مِصرعن منز اَمیُک اظہار چھُ عقلہٕ مقابلہٕ مزٕ ہراونُک جواز محسوٗس کرناوان۔ یوٗہے جواز چھُ خود جامی صابس مولانا روٗمی بندی پاٹھۍ مادی تعلقاتن ہُند ژھربر تہٕ بے وفایی ہاوِتھ غمہٕ عشقکس یامہٕ رس ہِے گلرنگ ناوکرنا وان تہٕ اَتھ عقلہٕ بیچھہٕ اَمہٕ آیہ ترجیح دیاوناوان: ؎

| | |
|---|---|
| من اے ساقی نہ آنم کز مے گلرنگ بگریزم | مے گلرنگ دہ کز عقلِ پُر نیرنگ بگریزم |
| چنان در پردۂ دل اُنس شد با نغمہ دردم | کہ نخواہم از صداے عود و صوتِ چنگ بگریزم |

ییلہٕ اَکِس عاشقِ رسول سُند عشق تہٕ غم باہم اَکھ واس کرِتھ وجد آفرین رقص کرُن چھُ

ہیوان ۔ تیلہٕ چھُ یقیناً خوٗر تہٕ ملک ہتھ کُل عالمس وجد طارٕی باسان ۔ یژھی روح پرور پاکیزہ ہکٕہ ہند باس چھُ مولانا جامیؒ ہندین تیتھین عاشقانہ شعرن پرٕتھ تہٕ لگان:۔

اے دل و دیدہ ہر دو خانۂ تو — سرِ من خاکِ آستانۂ تو

ہمہ تن گوش مے شوم از عشق — ہر کجا مے رود فسانۂ تو

ہر کسے خوش بہ گوشۂ طربے — من و غم ہاے بیکرانۂ تو

جامیا بوے درد مے آید — از غزل ہاے عاشقانۂ تو

تیم جلوچ یہ کیفیت حواسن بیٹھ طارٕی گژھنہٕ پتہٕ ییلہٕ اُرزٕوین ہندر رقص رٕحس وٕدہٕ لسنس انان چھُ اَتی پچھنے مولانا جامیؒ ہُنْس عاشق صادقس تہٕ ابتدائچہ رکنہٕ گژھنہٕ ہیوان تہٕ سُتہٕ چھُ تغزلہٕ کِس تھٕرس وٕاتِتھ نعتیہ اظہارس منز ییتھی ہوی شعر وُنِتھ گژھان:۔

رُوحی فداک اے صنمِ ابطحی لقب — آشوبِ تُرک و شورِ عجم، فتنۂ عرب

ہر کس نیافت جُرعۂ از جامِ وصلِ تو — زین بزمگاہ تشنہ جگر رفت و خشک لب

تا زُلفِ تو شبست و رخت آفتابِ چاشت — واللیلُ والضحیٰ ست مرا وردِ روز و شب

بلکہ چھُ اَمہِ قسمکُ عشقہٕ منز طارٕی گژھنہٕ پتہٕ جامی صاب یژھ ہشہٕ کتھ تہٕ وُنِتھ گژھان:۔

اے بر رُخت ہر نفس مہرِ دلِ ما فزون — وجہک شمس الضحیٰ نحن لہٗ عابدون

ابرو و قدِ خوشت صورتِ "نون والقلم" — نقشِ خطِ دلکشت معنیٔ ما یسطرون

ییلہٕ مولانا جامی یہ آنہہ تقدس و بزرگی عشقِ رسولک اظہار کران اَمہِ قسمکہٕ ابتدائک مرتکب سپدِتھ ہیکہٕ تیلہٕ کیازٕ چھُ تہندین مریدن ہندس مرید رسول میرس یُس بہر حال مقابلتاً اکھ وَتہٕ منز اکھ نوآموز چھُ تہٕ یُس اکہِ نیم جلوک منظر ناپہ یمہِ آیہ بیش کرُن چھُ ہیوان

زِ لطف از آم دلبر الحمد لِلّٰہ — دوتم سہ دربر الحمدُ لِلّٰہ

منز باگ سینس زن آئینس — ہیوتم سہ جوہر الحمدُ لِلّٰہ

مہروے موے نورِ تجلّیٰ — اللّٰہُ اکبر الحمدُ لِلّٰہ

چھ کھوت برافلاک چھُس تاج لولاک — سُے سون سرور الحمد للّٰہ

چھُے وصف لیٰسین تعریف طاسین — حامیم زیور الحمد للّٰہ

رسول چھُ عاشقن تس بیٹھ بلاشک	نامی سخنور الحمد للہ

اُتھۍ الف تہٕ ج نعتیہ اظہارس دربیان چھُ رسول یمبرزلنسوانی لفظت اختیار کرِتھ یتھ ہوٕ ابتدائک ازنکاب کرِتھ گرٕتھان۔

ب	پھتّیتھ قدس تی شوٗبہ سوٕرگس	طوٗبیٰ تہٕ کوثر الحمدُ للہ
تجسے بہٕ شاہس تس کج کلاہس	یس عمزٕ لشکر الحمدُ للہ
وُچھتن ژھ قاتل گرٕنس بہٕ بسمل	تس آلوے سر الحمدُ للہ

وحدۃ الوجودی نظریُک عظیم صوفی شاعر بنتھ ییلہ مولانا جامی رسولِ نازنینٕ سِنزن بُمن ہندِس سحرابس پاک باطن دیندارن ہُند معنوی قبلہ قرار دِتھ ونان چھُ :-ے

زہے ابرویت قبلۂ پاک دیناں	بہ نازِ تو خوش خاطرِ نازیناں
تویی خرمنِ حسن وہستند برتو	نظر دوختہ ہر طرف خوشہ چیناں

اتی چھُ وحدۃ الشہودی نظریُک غارٕ صوفی شاعرِ مشرق علامہ اقبال حضرت جامی سندۍ پاٹھۍ حسنِ رسولٕکس خوشہ چینن منز شامل سپدِتھ پختہ عاشقن ہٕند قسمک گفتار کرُن روا آسنک دِگہ اعلان کران تہٕ ونان :-ے

مرا از منطق آید بوے خامی	دلیلِ او دلیل نا تمامی
بردیم بستہ در ہا را کشاید	دو بیت از پیر رومی یاز جامی

امام غزالی تہٕ پیرِ رومی سندۍ پاٹھۍ چھُ مولانا جامی تہٕ فلسفس تہٕ منطقس حقیقی عشقس مقابلہٕ "پاے چوبین" یا ہیچ زِنگہٕ لاگتھ یمن وول دِتہٕ گنتھ زانان بلکہ چھُ تمن تہٕ حقیقی دِینہٕ کِنہٕ غفلت درتاون والین تمن ہنز گنجہ گنڈان تہٕ ونان ے

تعالی اللہ زہے شاہِ یگانہ	زہے حسن و جمالِ جاودانہ
مجو اسرارِ عشق از خلوتِ شیخ	چہ داند نطقِ طوطی مرغِ خانہ

علامہ اقبال چھُنہٕ فقط مولانا جامی سنز اکھ دبیتی منز درتاوِتہٕ آمٕژ بحر بندس بنیادس پیٹھ تِھے پاٹھۍ پننٕز آخری تہٕ یادگار کتاب ارمغانِ حجاز تخلیق کران۔ بلکہ چھُ اتھ دوبیتی منز ورتاوِتہٕ آمتین لفظن تام مختلف آیہٕ تعویزٕ کران مثلاً یمن دون دُبیتین منز :-ے

| | |
|---|---|
| ؎ بہ ایں پیری رہِ یثرب گرفتم | نواخوان از سرورِ عاشقانہ |
| چو آں مرغے کہ در صحرا سرِ شام | کُشاید پر بہ فکرِ آشیانہ |
| ؎ پرَ در وُسعتِ گردوں یگانہ | نگاہِ او بہ شاخِ آشیانہ |
| مہ وانجم گرفتارِ کمندش! | بدستِ اوست تقدیرِ زمانہ |

عشقِ رسولؐ چھُ مولانا جامی ہندی پأٹھی علامہ اقبالس تہِ وطنکہِ محدود قیدِ نشہِ آزاد کرِتھ حجازک عالمگیر جانا وار بنا وان ۔ چنانچہ یتہِ مولانا جامیؒ پننٕ روح تہٕ لے دہ شوے حجازی آنکُ اعلان یتھ پأٹھی کران چھُ زِ ، ؎

| | |
|---|---|
| تنِ من خاکِ عجم مرغِ دلم مرغِ حجاز | تنم اینجاست ولے جان ودل آنجا دارم |

تتہِ چھُ ترانہٕ ے وطنکُ واجبی کھارات ملّی ترانہ لیکھت اداکرن ودل علامہ اقبال ملّی شعور پوختہ سپدِتھ ع ہر ملک ملکِ ماست کہ مُلک خدائے ماست ہیوٗ اعلان کرنہٕ علاوہ حضِ جامیؒ ہندی پأٹھی ونان : ؎

| | |
|---|---|
| تنم گُلے زِ خیابانِ جنتِ کشمیر | دِل از حریمِ حجاز و نوا زِ شیراز است |

حجازس یا کہِ مدینس ینہٕ زُو کھوتہٕ لوٗٹھ زانن ودل مولانا جامی چھُ مسلمانن پریتھ محدوٗد مکانی تعصُبہٕ نشہٕ آزاد تھونٕچ واحد وَتھ مثالی معاشرٕ تشکیل دِنہٕ والہِ دیارِ حبیبک یعنے مدینہ ے پاکُک واجبی لول زانان ۔ توٗے چھُ ۲۳ ہن شعرن پیٹھ مشتمل شہر نبیؐ یُک شہ لاثانی تہٕ لافانی قصیدہ لیکھان یمِکہِ دہ شعر یتہِ تس تبرکاً درج چھِ کرنہٕ یوان :- ؎

| | |
|---|---|
| ما بیّم کہ چوں لالہ صحراے مدینہ | داریم بہ دِل داغِ تمناے مدینہ |
| سوداے بہشت از سرِ دانا برود لیک | ممکن بنود رفتن سوداے مدینہ |
| ہرگز بہ تماشاے بہشتت نکشد دِل | گر چشم کُشائی بہ تماشاے مدینہ |
| بکشاے چو گُل گوش کہ از وحیِ الٰہی است | گلبانگ زنان مرغِ خوش آواے مدینہ |
| کعبہ کہ بود بادیہ پیماش جہانے | خواہد کہ شود بادیہ پیماے مدینہ |
| پا کردہ ز سر کُن ز مدینہ طلبِ دین | کز سر ہمہ دین آمدہ ناپاے مدینہ |
| از سیم مدینہ نگرانیک کہ چگونہ | دین است مرتب شدہ تاہاے مدینہ |
| کوثر کہ شنیدی بنود تشنہ دلان را | بجز ساغرِ آب از کفِ سقاے مدینہ |

ہر چند کہ خاکِ خراساں شدہ مجبوس — جامیؔ کہ بود عاشقِ شیدائے مدینہ
دارد بخود اُمید کہ فردائے قیامت — سر بر زند از شقۂ خارائے مدینہ

کشیر منز مولانا جامیس پیٹھ پاٹھو استفادہ تہ پیٚروی کرن والیو منز چھُ محمود گامی ین تہ رُسل میرُن ہم عصر عبدالاحد ناظم (وفات ۱۲۶۶ھ) تقریباً دوٚن ہتھ ؤری عبدالاحد نادمس (وفات ۱۳۲۹ھ) بروٚنٹھ کاشرِس منز۔ وژن چالہ تہ ونون چالہ نعت لیکھنس باضابطہ پاٹھو بارس انان۔ مدینہ ے پاکس متعلق جامی صأبنس اتھ قصیدس چھُ ناظم یہے بحر ورتاوتھ پندہن شعرن پیٹھ مشتمل کاشُر جوابی نذرانہ پیش کران بطور نمونہ چھِ ناظم صأبنۍ فقط پانژھ شعر پیش:

چھِس دوٗر ہیومُت گرٛدھتھ روٗدُم یار مدنس — تمہٕ نوٗرہ روشن گےٚ درو دیوار مدنس
گل روے، عنبر بوے سنبل موے نرگس چشم — تمہٕ حسنہٕ پھولمُت جنتُک گلزار مدنس
مازاغ چشمن چھکہٕ نیٚندر از غمِ اُمت — بہٕ سوزہ گرٛدھتھ روزہ ہا بیدار مدنس
سوے جاے بہتر پیش حق از کعبہ واز عرش — یتھ جایہ ہینتھ پانہ شہ سردار مدنس
بیچارہ ناظم آرزو ہینتھ چھےٚ یوٚہے دردل — گرٛدھ ہا بہٕ رٕوان نالہ دِوان زار مدنس

مختلف تقلیدی نشالہ پیش کرنہ باوجود چھُنہ یہ پزر تسلیم کرنس کانہہ چارہ لگان زِ مولانا جامی سنز پزلوٗنہ نعت گوئی بروٚنٹھ کنہٕ چھےٚ اکثر کاشرِن شاعرن ہنز جوابی کوشش تھے پاٹھو کاژنان ینتھ پاٹھو آفتابس بروٚنٹھ کنہٕ زوٗن کاژنان تہ مند چھان پھےٚ۔ بہر حال امس عظیم فارسی نعت گوِ سنز یوسہ امتیازی خصوصیت وُنتام بیہ کانسہ عجمی شاعرس حاصل چھنہ سپدِتھ، ہیچہ نہ سو چھےٚ فنی تہ جمالیاتی کھوچہ پیٹھ پرتھ لحاظ پایہ ہیرن واجینۍ جامی صأبنۍ والہانہ، عاشقانہ تہ مکالماتی خوش کلامی۔ مثلاً یمن شعرن منز:

یار است دُنیا یمین آخرت — بزیرِ نگینت یسار و یمین
چو طوبیٰ بہ نعلین تو سودہ سر — رسیدہ سر او بہ عرشِ برین
سگِ بندگانِ تو جامی کہ ہست — سگانِ ترا بندہ ے کمترین

یا یتھ شعرس منز:

یا رسول اللہ بسوئے خود مرا راہے نما — تا ز فرقِ سر قدم سازم ز دیدہ پا کنم

یِرِتھ خوش بیانی تہٕ شیرِیں کلامی ہیٚکہِ آنحضورؐ دیدمان تٔسی حاصل ییدِتھ یُمی پننِس پانس یہ ڈیٚتھ مطلوٗبہٕ روٗحانی تربیت کرُمژ آسہِ زسہ

روےِ دل در لقاےِ سرمد باش

نقدِ جان زیرِ پاےِ احمد باش

بہرحال یہ چھُنہٕ ممکن زِ نعت گوئی ہندِس مولانا جامی ہنٛدِس بحرِ ذخارس کیا ہیٚکہِ اٚکِس پےٚ مقالس منز احاطہ ییدِتھ۔ لہاذا چھُ مناسب یِی باسان زِ وٕنہ کر بہ کٔشیرِ منز میدلوٗ ییٚتھ رٲئج روٗدی مٕتی بلکہ کٔشیرِ ایرانِ صغیرناو دیاوِنس منز ییٚتھ پاٚٹھی حصہ دار روٗدی مٕتی کینہہ تِتھی نعت ییٚتہِ نس تجزوی طور درج یِمن ہند متن واریاہن مجلسن منز غلط پاٚٹھی پرنہٕ یِوان چھُ۔ حاضرِ نوٚ منز آسن واریاہ دوست یہ کتھ زانان زِ درودِ نجات یا باقی ختمات پرنہٕ وِچھن خاص مجلسن منز چھُ مولانا جامی سُند سُہ نعت بہ غلطی بطور اکھ مناجات پرنہٕ یِوان یُس شیخ سعدیؒ ہنٛدِس ع ہمچو کلہے عاجزم کوہے گناہ آوردہ ام" نقشِ قدمس پیٹھ وننہٕ چھُ آمُت۔ شیخ سعدی چھُ تتھ یا الہٰ العالمین تخاطبہٕ ستی شروع کرِتھ باضابطہ پاٚٹھی مناجات بناوان ییلہِ زِ مولانا جامی ستن بندن پیٹھ مشتمل نعتیہ ترکیب بندس منز پننِس تخلیقس بندمِس بناوِتھ تہٕ ع یا شفیع المذنبین تخاطبہٕ ستی شروع کرِتھ باضابطہ پاٚٹھی نعتچ صوٗرت لبناوان چھُ۔ ایرانس منز سیٹھاہ اہتمامہٕ سان چھاپنہٕ آمژ تہٕ آقای ہاشم رضی ہنز ترتیب دِژمژ دیوانِ کامل جامی" پیٹھہ اُمہِ نعتک متن یمہِ آیہ ہاوان تہٕ یوٚہے چھُ اٚمیُک صحیح تہٕ بنیادی متن:۔

یا شفیع المذنبین بارِ گناہ آوردہ ام　　بر درت این بار با پُشتِ دوتاہ آوردہ ام

چشمِ رحمت برکشا موےِ سفیدِ من نگر　　گرچہ از شرمندگی روےِ سیاہ آوردہ ام

آن نمے گویم کہ بوُدم سالہا در راہِ تو　　ہستم آن گمرہ کہ اکنوں رو براہ آوردہ ام

عجز و بے خویشی و درویشی و دِل ریشی و درد　　این ہمہ بر دعویِ عشقت گواہ آوردہ ام

دیوِ رہزن در کمینِ نفس و ہوا اعداءِ دین　　زین ہمہ با سایۂ لطفت پناہ آوردہ ام

گرچہ روےِ معذرت نگذاشت گستاخی مرا　　کردہ گستاخی زبانِ عذرخواہ آوردہ ام

بستہ ام بر بیکد گر نخلے زخارستانِ طبع　　سوےِ فردوسِ بریں مشتے گیاہ آوردہ ام

دولتم این بس کہ بعداز محنت ورنج دراز ... برحریم آستانت مے نہم روے نیاز

اتھ نعتس برعکس چھُ شیخ سعدی سُند مناجات باضابطہٕ پاٹھۍ بطور توبہ ونہٕ آمُت

چنانچہ چھِ تمکۍ شعر پانے اَمہٕ خصوصیچ شہادت پیش کران مثلاً یم شعر ؎

چار چیز آوردہ ام شاہا کہ در گنج تو نیست ... نیستی وحاجت وعذر وگناہ آوردہ ام

توبہ کردم توبہ کردم رحم کُن رحمت نماے ... چوں بدرگاہِ تو خودرا در پناہ آوردہ ام

برگناہِ من مبین و برکرم خود ببین ... زانکہ بہر ہر مرض توبہ دوا آوردہ ام

(شاید چھُ دوا بدلہٕ انھ بدل گُتنام لفظ قافیہ)

ترجیع بندناوچہ شعر ذاتہٕ منز چھُ گوڈے شیخ سعدیؒ ہندِس اثرس تحت ونہٕ آمتہٕ جامی صاؒبنہٕ "جمالِ محمدؐ" تہٕ کمالِ محمدؐ" ہوین قافین تہٕ ردیفن ہُند نموٗنہٕ پیش کرنہٕ آمُت۔ وہ نۍ چھُ پیش قصیدٕ صِنفہِ منز۔ وتہٕ آمتین تہندین نعتن ہُند بطور سلام تخلیق سپدمُت یہ نموٗنہٕ یُس کنوین شعرن پیٹھ مشتمل تمہٕ قصیدُک تشبیبؔ یتھ عنوان چھُ "سلامے است بر رَوضئہ پاکؐ" قصیدہ کہٕ تشبیہہ منز تہٕ چھ فقط یم شئے شعر پیش ؎

سلامٌ علیک اے نبیِ مُکرّم ... مکرّم تر از آدم ونسلِ آدم

سلامٌ علیک اے ز آبائے علوی ... بہ صورت موٴخر بہ معنی مُقدم

سلامٌ علیک اے ز اسماءِ حُسنیٰ ... جمالِ تو آئینۂ اسمِ اعظم

سلامٌ علیک اے بہ مُلکِ رسالت ... ترا خاتم المرسلین نقشِ خاتم

سلامٌ علیک اے ثنا سابہ صدسرِ ... کہ روح الامین در یکے نیست محرم

سلامٌ علیک اے ز ابرِ نوالت ... مرا کِشت زارِ امل سبز و خرّم

اتھ کتھِ کُن چھُ گوڈے اشارٕ کرنہٕ آمُت زِ مولانا جامی سُند بیشتر کلام خاص کرِتھ بیشتر نعت چھِ غزل صنفہِ منز تموے منز چھِ کیہہ کُشیرِ منز رائج لہاذا چھُ تہندٕ جزوی متن پیش کرنس پیٹھ اکتفا کرُن مُناسب باسان۔

گوڈٕ چھُ سٹھاہ مقبوٗلیت تھون والہِ یمہٕ نعتہٕ کہن زبان زد شعرن ہُند صحیح متن پیش: ؎

کے بوٗد یارب کہ رُو در یثرب وبطحا کُنم ... گہ بہ مکہ منزل وگہہ در مدینہ جا کُنم

برکنارِ زمزم از دل برکشم یک زمزمہ ... وز دو چشم خون فشان آن چشمہ را دریا کُنم

یارسول اللہ بسوے خود مرا راہے نماے ۔۔۔ تا زِ فرقِ سر قدم سازم ز دیدہ پا کُنم
آرزوے جنتُ الماوا بروں کردم زِ دل ۔۔۔ جنتم این بس کہ بر خاکِ درت ماوا کُنم
خواہم از سودائے پابوست نہم سر در جہاں ۔۔۔ یا بہ پایت سر نہم یا سر درین سودا کُنم
مُردم از شوقِ تو معذورم اگر ہر لحظہ ے ۔۔۔ جامی آسا نامۂ شوقِ دگر انشا کُنم

وۄنۍ چھُ جامی صابنہ اَمہِ کھوتہ زیادٕ مقبوٗل تمہِ نعتکۍ زبان زدٕ شعر پیش یمیُک متن ایرانس منز چھاپنہ آمژن واریاہن دیوانن منز درج چھُنہٕ کرنہٕ آمُت ۔ نعت چھُ :-

تو جانِ پاکی سر بسر نے آب و خاک اے نازنینؐ ۔۔۔ واللہ ز جان ہم پاک تر روحی فداک اے نازنینؐ
پاکاں ندیدہ روے تو دادند جان بر بوے تو ۔۔۔ اینک بگردِ کوے تو صد جانِ پاک اے نازنینؐ
رفتی بہ گلگشت چمن، گل دید لطفِ آن بدن ۔۔۔ گر شوق آن بر خوشتن زد جامہ چاک اے نازنینؐ
دارم زِ غم بیماری ے، بیمارِ غم را یاری ے ۔۔۔ گر تو کُنی غمخواری ے از غم چہ باک اے نازنینؐ
گر شُد چو لالہ پیکرم، غرقابِ خون کے غم خورم ۔۔۔ این بسکہ بر دل مے بُرم داغت بخاک اے نازنینؐ
جامی کہ دارد با تو خو، ہرگز نتابد از تو رُو ۔۔۔ گر خود نہی بر فرقِ اُو تیغِ ہلاک اے نازنینؐ

وۄنۍ چھُ تغزلہٕ تہٕ موسیقیتہٕ رنگی دل وۄلسنس انن والہِ اَمہِ غزل نما نعتچ کھوتہٕ مقبوٗل تر نعتُک متن پیش ۔ یہ تہٕ چھُنہٕ جامی صابنین کینژن دیوانن منز درج میلان ۔ اَمہِ کین زبان زدٕ شعرن ہُند صحیح متن چھُ یتھ پاٹھۍ :-

عارض است این یا قمر یا لالۂ حمراست این ۔۔۔ یا شعاعِ شمس یا آئینہ ے دلہاست این
یارب این طاق است یا محراب یا قوسِ قزح ۔۔۔ یا ہلالِ عید یا ابروے یارِ ماست این
چشمِ نر آہوست، یا جادوست یا صیادِ خلق ۔۔۔ یا دو بادامِ سیہ یا نرگسِ شہلاست این
حقۂ لعل است یا سر چشمۂ آبِ حیات ۔۔۔ یا دہان یا میم یا طوطیِ شکر خاست این
یارب این خورشید تابان است یا ماہِ تمام ۔۔۔ یا فرشتہ یا ملک یا شوخِ بے پرواست این
قامت است این یا الف یا سرو یا نخلِ مراد ۔۔۔ یا مگر گلدستۂ باغِ جنان آراست این
طوطی ے شیرین سخن یا قمری ے باغِ بہشت ۔۔۔ بلبلِ بے خانماں یا جامیِ شیداست این

جلوۂ رسولِ اکرمؐ تہٕ شمایل شریفس نکھ واتناون والہِ بیٚیہ سراپا نگاری تہٕ تشبیہ کاری ہنٛز بہترین مثال پیش کرن والہِ اَمہِ غزلیہ نعتہ پتہٕ چھُ یہ مقالہ رباعی منز کرنہٕ آمتس جامی صابنس

نعتیہ اظہارس ییٚتھ اند واتناونہٕ یوان ۔ مولانا جامیؒ سٕنزٕ دستیاب تقریباً ڈٲین ہتھ رباعین منز چھِ بیشتر توحیدُک تہٕ خدایے واحدس ستی ہمکلام پدنک پہلو حاوی ۔ اتھ معاملس منز چھِ مولانا جامی ٹاکارٕ پأٹھی حضرت بہاء الدین نقشبندٕ سٕنزٕ متابعت کران ۔ اتھ صنفس منز چھُ تاہم جامی صابن سیٹھاہ کم نعتیہ اظہار کورمُت ۔ اما پوز مقدارٕ کنی کم آسنہٕ باوجود چھُنہٕ اتھ صنفہِ منز کرنہٕ آمُت تہُند نعتیہ اظہار معیارٕ کنی بییَو صنفو کھوتہٕ کُنہِ رنگہٕ کمتر باسان مثالہِ پأٹھی چھے فقط یہٕ رباعی پیش ۔ گو ڈنیچ رُباعی چھے ۔ ؎

| | |
|---|---|
| اے خاکِ درت کعبۂ اربابِ خصوص | نازل شدہ ز آسمان بہ وصفِ تو نصوص |
| از پرتوِ روے وخاتمِ لعلِ لبت | ظاہر شدہ سرِ لمعاتست وفصوص |

دوٚیِم عالمگیر شہرتھ واجیٚنی نعتیہ رباعی بلکہ شیخ سعدی سٕندِ "بلغ العلیٰ بکمالہٖ" والہِ نعتکو پأٹھی مختصر ترین تہٕ مقبول ترین نعتُک نمونہٕ تہٕ خاتمہ ے کلامِ بشری بنن واجیٚنہٕ رباعی چھے مولانا جامی سٕندِس کلامس دَوام بخشان یتھ پأٹھی : ؎

یاصاحبَ الجمالُ ویاسیّدِ البشر
مِن وجھکَ المُنیرُ لقد نوّرَ القمر
لایُمکِنُ الثناءَ کما کانَ حقّہٗ
بعد از خدا بزرگ توئی قصہ مختصر



# مقبول امرتسری

## بحیثیتِ نعت گو شاعر

ناجی منور

دُعا بدرگاہِ الٰہی تہٕ نعتِ رسولِ اکرم صلی اللہ علیہ وسلم چھِ تمہٕ زٕ عنایژ یم مسلمانن گوڈٕ پیٹھے شوٗب بنیہٕ۔ کٲشرِ منز تہٕ ییٚنہٕ پیٹھ اسلامُک نوٗر پھٕہلیوو یم زٕ ٹکہٕ روٗدی اسلامس شولہٕ ناوان۔ تحریری صورژ منز چھُ اَسہٕ نش علمدارِ کشیر حضرت شیخ نورالدین ریشیؒ سُند کلام یمہٕ کِتھ ہُند ثبوٗت زِ دُعا تہٕ نعتِ رسولؐ چھِ کاشرِ ادبکِ ٹاکھ صنف روٗدی متہٕ۔ شیخ العالمؒ ہندی نعتیہ شُرکی چھِ ہتہٕ وادد وری یو پیٹھ کاشرِن مسلمانن ایمانکُ قوت تہٕ عرفانکُ شوق بخشان روٗدی متہٕ۔

پٲری پٲری لگِ زے تس پیغمبرس

ہُندس دورس رحمت چھے جٲری

کٲلی ییلہٕ ہیکہٕ لگہٕ روزِ محشرس

تس کُن وومیدوار آسن سٲری

حضرت شیخسؒ پتہٕ چھُ نعت گوئی ہُند یہ سلسلہٕ برابر جٲری مگر کاشر زبٲنی ہنز بدقسمتی زِ اَمیُک اکثر پٲرُن ادب چھُ گال کھاتس گژھان روٗدمُت تہٕ اکثر شاعرن ہُند کلام چھُ رٲدِس تل گومُت۔ وون گوو از کالکہٕ تحقیقہٕ کہٕ برکژ دراو یہ واریاہ تتھی شاعر نٔخ یمو پننہٕ خونہٕ جگرہٕ رسولِ اکرمسؐ نعتن ہندی ہدیہ سوٗزی متہٕ چھِ۔ یتھین شاعرن منز چھِ فاخر۔ ثابر شریفکہٕ بابا کمال، ظریف خان ظریف تہٕ مقبول امرتسری، یمن ہندی واریاہ نعت شریف ساننس لکہٕ ونہٕ ونس منز شامل چھِ گمژ مگر مقبول امرتسری چھُ سہٕ شاعر یُس سٹھاہ اہم اَستھ تہٕ دوون

ہتن وٕرٕین پٮ۪ٹھ دن ژھایہ رُود۔ حالانکہ کاشر ادبہٕ کیو پرستارو تھٔوو تہنٛد کلامہٕ وِز وِز پننٮ۟ن بیاضن منٛز نقل کٔرِتھ مگر عام لوٗکھ چھِ تۄتہٕ تہنٛدِ ناوٕ نِش بے خبر رُودی متۍ۔

مقبوٗل امرتسری کُس اوس؟ سُہ کتیُک اوس؟ تہٕ سُہ کیازِ اوس امرتسری۔ یمن سوالن ہُنٛد جواب چھُنہٕ وُنہٕ بدس یوان۔ اَسی چھِ تٔسنٛدِ کلامٕچ داخلی شہادت حاصل کٔرِتھ اندازٕ ہیکان کٔرِتھ زِ مقبوٗل امرتسری چھُ اکھ کاشُر شاعر اوسمُت تہٕ کتھ تام کامہٕ ہنٛدِس سلسلس منٛز چھِ امرتسرے لبیومُت یاتہ چھُن وٲنسہٕ ہنٛد بیشتر حصہٕ گُذٕرمُت تہٕ تتہٕ رؤزنس دوران چھُس کٔشیرِ ہُنٛد سخت ماربوٚوت رُودمُت مثلن اکِ غزلُک لیکھُت چھُن یِتھ کٔنۍ لیوکھمُت سہٕ

مقبولہٕ پننہٕ نے دیش کریاد
ہنٛز ووٚنۍ ییٚمہٕ دلیشہٕ لو لو

مقبول چھُ امرتسرٕ گمنامی ہنٛز زندگی گذاران اوسمُت تہٕ پننہٕ گمنامی ہُنٛد احساس چھُس رُمن رُمن سنیومُت بٔنِتھ اکِ وژنُک لیکھمُت چھُ ییٚمہٕ آیہٕ درج۔

حالِ دل نشہٕ عامن
مقبولہٕ مہ کر حالی یے
چھُم سُہ منٛز گمنامن
دامن بہ رٹھ کالی یے

پننہٕ وطنہٕ دوٗر پردیسس منٛز ووپرِ زبانۍ ہنٛدِس ماحولس منٛز تہٕ ووپرِ لوکن منٛز باگ رُوزِتھ اُکس شاعر ہنٛدی دوہ گُذارنۍ کوتاہ کرُٹھ تجربہٕ آسہِ۔ سُہ آسہِ ہے پننٕ بوس شامن؛ کاشرٕ ہتن مزورن نِش تہٕ لوٗژرادان یم پتھ کالہٕ بیٹھ ہرُد واتی تھے کٔشیرِ نیبر ژلان آسی۔ یِتھ کٔنۍ اَسی وندکِ عذابہٕ نِش تہٕ بچان تہٕ پولنہٕ لوٗنک تہٕ کماوان۔ یِتھس ماحولس منٛز اکھ حساس تہٕ رمز شناس

---

لہ پروفیسر غلام محمد شاد سُنٛد دعوٰی چھُ زِ تِمن چھِ مقبوٗل امرتسری یس متعلق واریاہ کتھ معلوٗم تہٕ تِم آسی ییٚجبیارس نِکھ کتھ تام گامس منٛز روزان۔

شاعر لگن چھُ بدبے معنے تھاوان۔ یتھِس شاعرِ بندِس کلامس منز آسہِ لازمن سوز و گداز تہٕ تہٕ درد تہٕ۔

اَسی ہیکوٕ نہٕ سبقہٕ پاٹھۍ یہ کتھ وَنتھ زِ مقبول امرتسرؔ یِن کوتاہ کلامہٕ آسہِ لیوکھمُت تہٕ تِمہٕ منز کوتاہ آسہِ یتھ کُن بچومُت۔ یِمہٕ لِس کلامہٕ مختلف قلمی بیاضَو پیٹھ نقل چھُ کورمُت تتھ منز چھِ غزل ترٕہ ہرٕ وٕژن داہ باہ کینہہ نعتِ شریف تہٕ منقبت، اکھ مثنوی اَمہِ علاوٕ چھِ مثنوِیہ تِمہٕ تہٕ یِمن متعلق اُسہِ صرف یقینے یوٚت چھُ زِ یم تہٕ گژھن مقبول امرتسری سنز آسنہِ۔ یِمَن مثنوی ین منز قصے یوسف زلیخا قصے شیخ منصور یوس کلیات مقبول کرالہٕ واری لِس منز شامل چھےٚ گمژٕ تہٕ قصے ہارُون رشید یوس کلیات محمود گامی کس فٹ نوٹس منز درج چھےٚ اَمہِ علاوٕ تہٕ ہیکہِ کینہہ کلامہٕ اورٕ یور موجود آستھ۔

دردس کلامہٕ نظرِ تل تھاوِتھ چھُ مقبول امرتسری سنز شاعری متعلق ننان زِ تِمس چھُ شاعری ہنزن مختلف صنفن پیٹھ مکمل عبور اوسمُت سُہ چھُ کمال فنکاری سان غزل تہٕ لیکھان تہٕ وژُن تہٕ تہٕ مثنوی منز تہٕ چھُ سُہ پننہِ وقتہٕ کین شاعرن منز سرس۔ ظاہر چھُ زِ تِمۍ آسن محمود گامی سنز مثنوی یہ "بہلی نامہٕ"، "منصور نامہٕ"، "ہارُون رشید" تہٕ "یوسف زلیخا" پرمژٕ تہٕ یِمَن مثنوی یَن ہُند اختصار آسہِ نہٕ خوش کورمُت تِوے چھَن یِمہٕ مثنوِیہ زرا زیٛچھرٕ اوِتھ لیچھمژٕ۔

یوٚدوے محمودس تہٕ مقبول امرتسری یَس مثنوی ین منز یک رنگی تہٕ ہِشر چھُ مگر غزلس منز چھُ مقبول امرتسری محمودس کتہٕ کور برونہہ درامُت۔ تِمۍ چھُ غزل کمال فنکاری سان اَمہِ کِس اصلی ہیتس منز پیش کورمُت۔ یتھ پیٹھ وُنی کین کتھ کرنچ گنجایش چھَنہٕ۔ خیالوکِنۍ چھُ مقبول اکھ صوفی منش تہٕ اکھ عاشق صادق شاعر اوسمُت۔ تِمۍ چھُ مجاز کیو وتہٕ پدٕ لو نکۍ لکۍ حقیقتُک منزل ژھورمُت۔ تِمۍ بندٕ ین

---

۲ہ مقبول امرتسری ہندی پاٹھۍ چھُ تیٚتھ تجربہٕ لکھن جو ملبلس تہٕ کرُن بیومُت یہ یِمہٕ پتز مثنوی سکندر نامہٕ نہٕ کینہہ شاعری امرتبر مزوری کران لیچھمژٕ چھےٚ۔

غزلن منز چھ خیالن ہنز رنگارنگی تہٕ پرتھ زاوی یہ کنہٕ چھ محبوب سُند عکس پانہٕ تہٕ وُچھان تہٕ ہیٚنین تہٕ ہاوان۔

بلبل بنتھ منز گلشنس | یارس وُچھن گژھ درشنس
منصور سند ہو سور گوو | دارس تہٕ نارس تے انس
ظاہر وُچھتھ انوارِ حق | کرساں ملکِ باطنس
سون آہنس کینژن سیٚن | کینژن سپنی سرتل سونس
بیہہ در طریق اولیا | تھف کرژ تہندس دامنس

مقبولہ ہردم ذکر کر
سون ژیٚنے بنی اَتھ آہنس

مقبولن چھ غزل تہٕ نیکھ مثہ تہٕ وژن تہٕ مثنوی تہٕ تہٕ ماہ رمضانکی تعریف تہٕ۔ تمی ہندین نعت شریفن منز چھ غزلک اظہار صاف بروٚنہہ کُن یوان۔ سُہ چھ اکھ مست عاشقِ رسول ؐ ییمس پننس محبوب خداؐ دیدمان بروٚنہہ کنہٕ چھ۔

یتھ نعت شریفس دیتو داد ؎

بوزہے قال یا رسول اللہؐ | روزہے نال یا رسول اللہؐ
آہ، چونے جمال وُچھنس میٚے | گوم بیشکال یا رسول اللہؐ
روے چھے شمس خوے ماہ منیر | موے خوش حال یا رسول اللہؐ
چشمہٕ چانے وُچھتھ چھ شرمندہ | چشمِ غزال یا رسول اللہؐ
چھے ژٕنے معلوم سر بسر سوٚنے | حال و احوال یا رسول اللہؐ
میٚے مدینس ینگ تمنا چھم | در ہمہ حال یا رسول اللہؐ
کرتہٕ نظراہ میٚنے کُن چھے گوٚمت | بے پر و بال یا رسول اللہؐ
کیاہ ونے بو چھسے غمو کوٚرمُت | گنگ تنے لال یا رسول اللہؐ
روے چھم زرد موٚے چھوٚنت گوٚمت | برف تمثال یا رسول اللہؐ
نفسِ شومن بہ چھس سٹھاہ کوٚرمُت | خار و پامال یا رسول اللہؐ
وقتِ پیری میٚے بروٚنٹھ آمت چھم | غم کے بال یا رسول اللہؐ

دردو عالم چھُ سایہ اَسہِ چوٗنے — جاہ و اجلال یا رسول اللہؐ
ٹاٹھۍ ساری مےٚ چاۓ چھم اصحاب — یار تے آل یا رسول اللہؐ
قحط و امراض رنج وۍ نۍ دوٗر — یم مرض گال یا رسول اللہؐ

سۍ تھو ساۓ ہمیشہ مقبولس
حسن اعمال یا رسول اللہؐ

نعت شریفکہِ اندازِ بیان تلہِ چھُ نَنان زِ مقبول امرتسری چھُ پتہٕ مروٗجہ طریقہٕ نِش ڈٕلتھ نوٚوۍ پیمانہٕ ژھاران۔ یتھ کُنۍ تمۍ ہندین غزلن ہُند مطالہ کرتھ تہٕ بوزن چھُ تگان۔ غزلن منز چھےٚ مقبولن زیٚچھ بجر تہٕ ورتاوِ تہٕ ژھوچہ تہٕ۔ تم بجر تہٕ یم اَسۍ زانان چھہِ زیٚچھرا چھہِ اُزۍ ورتاوس یوان۔ مقبول اوس تمن منز غزلن ہندۍ شعر نزاکتہٕ سان لیکھان۔ محمود گامی بندِ زمانک رٕواج اوس زِ قریب ساری نعتِ شریف اَسۍ وَن وَنس منز گیوٚنہٕ خاطرِ وژن فارسس منز لیکھنہٕ یوان۔ محمود، ظریف، فاخر، ولی سارِوے چھہِ وَن وُن خاطرے پنٕنۍ نعت لیکھۍ متۍ۔ مگر مقبول امرتسری چھُ غزلک فارم ورتاوِتھ تتھ کُنۍ لیکھان زِ نتہٕ چھُ رسول مقبولؐ نین یادن تل تہندِس دامنہٕ شریفس تھف لایتھ ایوِر تران۔ مقبولن چھہِ وژن فارسس منز تہٕ نعتِ شریف ڈٕنۍ متۍ، تمن منز چھُ سہٕ ہاوان زِ تمس آس کاشرِ زبانۍ پیٹھ کمالِ دستگاہ حاصل۔ مقبولنہٕ یمہِ نعتِ شریفکۍ شعر وُچھتوٚ

پَنہٕ نس رسولِ اکرمسؐ — برتل بہٕ روضس روزہ ہس
ہر دم درودا سوز ہس — برتل بہٕ روضس روزہ ہس
درخاب راتھا کر ہیم — دیدار رحمت کر دِیم
شیرین کلا ماہ لوز ہس — برتل بہٕ روضس روزہ ہس
دَپہٕ ہس کرم حاجت روا — دادین کرم پاتےٚ دوا
نظراہ دِتم سےٚ مےٚ مضطرس — برتل بہٕ روضس روزہ ہس
روٗزِتھ مدینس یار چھم — سینس اندر سےٚ نار چھم

آہ ترادہس تے ہاوہس
برتل بہٕ روضس روزٕہس

| | |
|---|---|
| سۍ بیکسن ہُند پانہٕ کَس | سۍ عاجزن ہُند دادرس |
| تھف زاہ تلس نو دامنس | برتل بہٕ روضس روزٕہس |
| تعریف رویش والضحیٰ | والّیل موئیک مُدعا |
| اوصاف ساری شوٗب تس | برتل بہٕ روضس روزہس |
| مقبول پانس کُن نتن | پیٚنہٕ نین سگن سٟتین ہٹن |
| ہردم یہ شھان دل تی چھُ تسٕ | .برتل بہٕ روضس روزہس |

مقبول امرتسری غزل لیکھن یا نعت شریف، ماہ صیامکۍ تعریف
لیکھن یا مثنوی سُہ چھُ تمکۍ ساری امکانی پہلوٗ دٟرتھ ناوان۔ غزلس یا وژنس
منز چھُنہٕ سُہ ردیفک کانہہ لفظ پرٕ نھاوان تہٕ یوٚہے چھُ وجہ زِ تہندی غزل وژن
یا نعت چھِ سٹھاہ زیٚٹھ۔ ہیرِ ہمن نعت شریفن منز نہٕ آبہ منتخب شعرے
نقل کرنہٕ۔ ووٚں گوو بینہ تس ردیفن ہنز گنجایش کم آسِ تیتن چھُ مقبول مختصر
غزل تہٕ لیکھان۔ اکھ نعتیہ غزل چھُ درج سۍ

| | |
|---|---|
| نوٗر پتہٕ رحمتہٕ سٟتۍ ملہٕ نووٗن | محمد صاب تھووٗنس ناو |
| فلکن کھارِتھ ملکن ہووٗن | ازمیون معشوق متۍ نش آو |
| آبس تہٕ خاکس منز یلہٕ تروٗن | قدرتہٕ سٟتین نار تہٕ واو |
| ترتیب تھوٗوٗس اپاتے تھووٗن | تمۍ پتہٕ حضرت انساں ناو |
| حضرت آدم تمۍ وذ نووٗن | جنتہٕ لبنہٕ یٟلِہ نیبر دراو |
| بکنکہٕ دانہٕ کیتھ پاٹھۍ جنتکۍ کھووٗن | ندان در دورِ دُنیا ژاو |

کَس دِتُن لسان کُس مندچھووٗن
مقبول کَس کَس کھووٗن ناو

یہ چھےٚ پزٕ کتھ زِ باقی کلامہ کھوتہٕ چھِ مقبول امرتسری ہندین غزلن منز زیادٕ گوہر۔

—— تمۍ سندین غزلن منز تہٕ چھ عرفانکۍ تہٕ معرفتکۍ رموز آشکار گژھان —— بجہٕ کتھ ین تیلی چکاوٕنہٕ ییلہٕ تَندۍ سوٗرے کلام بازرس منز ییہِ ۔ مقبوٗل امرتسری سُند اکھ مناجات تہٕ چھُ بدس آمُت یُس ژُمصری اکتاجی شعرن ہیٚژ مشتمل چھُ ؎

| | |
|---|---|
| بوزتم تہٕ ونہے زار | یا بار الٰہی |
| ژہے میون وفادار | یا بار الٰہی |
| چھُس غافلا نادان | ژیٚنے ستۍ تراوم زان |
| کوٚر تتھ مٚے استغفار | یا بار الٰہی |
| افسوس کھوٚت آنی | راوم مٚے جوانی |
| نفسن کوٚرُس بوٚ خار | یا بار الٰہی |

بیترِ

منصورس ہیٚوٚ موٗت عاشق آسنہٕ باوجوٗد چھُنہٕ مقبوٗل امرتسری قرآن تہٕ حدیثک دامانہٕ اَتھہٕ منز تراوان ۔ سُہ چھُ بانہٕ تہٕ بوٚز عاشق رسولِ اکرمؐ تہٕ بیٚین تِہیے پٔز وَتھ رٹنَس دعوت دِوان اکہِ وژنکۍ کیٚہتہٕ شعر وُچھتوٚ ؎

| | |
|---|---|
| مصحف اندرے بوز آلوَ | پانےٚ لونکھ وَو باوَو |
| وحی حفنس کُن کَن تھوَ | پانے لونکھ وَو باوَو |
| انبیا یی گےٚ برونٹھ بادِتھ | اولیا تی گےٚ یاد تھاو |
| غارن ہیٚژ ییلہٕ بوزکھ بیو | پانے لونکھ وَو باوَو |
| دمہٕ دَمہٕ دِلہٕ کِس باغس اژھ | رُمہٕ رُمہٕ تَتھ ہیٚژ پھیران گژھ |
| بییکَ بوزکھ تورِ گوشوَ | پانے لونکھ وَو باوَو |

آخرس ہیٚژ کرو مقبوٗلنۍ یہ شعر تہٕ نقل ؎

| | |
|---|---|
| رنگہٕ رنگہٕ پوشن اُی بے زنگن | رنگ کیا دیُت نکھ درگلزار |
| مقبوٗل بیوٚ دُت منز اندیشن | کرِنیٚن چھُس کرڈیشن یار |



# کٲشِرِ ہُنٛد نایاب غیر مطبوعہ نعتیہ ادب

پروفیسر غلام محمد شاد

کٲشُر ادبہٕ کِس تواریخس اندر اصطلٲحی زبانہِ منز نعت گوئی ہُنٛد آغاز شُرٕ پأٹھۍ مقرر کرُن یوٗدوے ناممکن چھُنہٕ پوز مشکل تہٕ چھُ ضرور۔ یوٗدوے کُنہِ حدس تام یہ ؤنِتھ ہیکو زِ کٲشِرِ منز گۄڈ نعت گوئی حضرت سیّد علی ہمدانی رحؒ ہِنٛدِ پیٹھے شروٗع، تِکیازِ "چہل اسرار" کِس مجموٗعس منز چھِ اَکہِ رمز و اشارن ہِنٛز زبانۍ منز کینٛہہ تِتھۍ نعتیہ غزل نظر گژھان یِم رُوحس تازگی تہٕ طراوت بخشان چھِ، باسان چھُ زِ حضرت امیر رحؒ سٕند وارِیاہ شعری سرمایہ آسہِ زمانہٕ کِس بے رحم اَتھو ضایع تہٕ غلط ورتاوس تل گومُت، اَتھ منز آسہِ ہیے ضرور ٹاکھ تِس نبی ہِنٛدِ مدحُک تہٕ نعتُک وارِیاہ حِصہ تہٕ شامل، "چہل اسرار" چھُ حضرت امیر رحؒ ہِنٛدِ قادر الکلام شاعر آسنُک بوڈ بار ثبوت اَمہِ کِنۍ ہیکو نہٕ تہِنز شاعری اَتھۍ تام محدوٗد مانِتھ۔

اما پوز حضرت امیر رحؒ ہِنٛدِس تہٕ تِمن پتے وقتس منز چھُنہٕ اَکہِ کٲشِر یا فارسی زبانۍ منز اصطلٲحی طور خصوصی صِنفہٕ کہ لحاظہٕ تحریر پیدٕ مُت کانٛہہ نعتیہ فن پارہ نظر گژھان۔ پوز فارسی علم و ادب تہٕ شعر و شاعری عام گژھنس ستۍ ستۍ دِیت وارہ وارہ کٲشرو فارسی تہٕ کٲشرِ لیکھن والیو شاعرو اور کُن جان توجہ، نعتکۍ تہٕ مدحکۍ ابتدٲئی آثار چھِ اَسۍ حضرت شیخ نور الدین نورانی رحؒ ہِنٛدِس کلامس منز وُچھان، مگر تِم آثار شریف ہیکن نہٕ اصطلاحی پأٹھۍ "نعت شریف" بنِتھ۔ باسان چھُ زِ فارسی مثنوی ہِنٛز تقلید کران کۄر کٲشرو فارسی گو شاعرو پننہٕ مثنوی منز حمدِ باری تعالیٰ تہٕ نعتِ پیغمبرؐ تہٕ اَتھ

سٟتی تہٕ مدحِ چار یارِ باصفا، مناقب اولیا تہٕ پننٮ۪ن خصوصی رٕوحانی مُرشد ہنز منقبت شامل۔ وقت گذرنس سٟتی سٟتی آیہ نعت گوئی تہٕ منقبت گویی اصطلاحی طور باقاعدہ منفرد صوٗرتس منز کٲشرِ ہندس فارسی، کٲشرِس تہٕ اُردو ادبس منز بارسس تہٕ از چھُ شاعری ہنز اکھ مخصوٗص صنفہٕ منز کٲشرِ شاعرن ہند فارسی، اُردو تہٕ کٲشرِ زبٲنی منز تصنیف کوٚرمُت نعتیہ ادب، سانٮ۪ن ادبی توارٟخس منز باگہٕ بوٚرمُت تہٕ شوٗبہٕ دار حصہٕ کہ لحاظہٕ ہاوُن باوُن تہٕ تھٲوُن لایق۔

کٲشرِ نعتن چھُ اکھ خاص رنگ تہٕ مزاج۔ اکثر نعت چھہٕ بیکو وقت مناجات تہٕ تہٕ نعت تہٕ، یہ چھُ پزر زِ نعتک تخلیق کار چھُنہٕ اکے فرد۔ یعنی شاعر پوٚز نعت لیکھنہٕ وِزِ چھُ سہٕ دد کھ، داد، غم تہٕ رنج، مشکلات تہٕ وقتکو ظلم باوان باوان تہٕ ژٟری یادکران کران اجتماعی نمایندگی ہنٛد فرض انجام دِوان۔ سانٮ۪ن اکثر کٲشرِ نعتن تہٕ منقبتن منز چھُ یہ مخصوٗص تھیم، مزاج تہٕ رنگ عام پٲٹھی نظرِ گژھان۔ اَتھ چھُ سہٕ مخصوٗص سیاسی تہٕ اقتصادی پس منظر، ذمہ دارِ کٲشرِ تہٕ وٕنَے نال وُلتھ روٗد۔ کٲشرِ اَس پتھ کالہٕ پیٹھے سیاسی محکوٗمی تہٕ غُلامی، غربت ناداری تہٕ اقتصادی بدحالی باگہٕ آمژ۔ یُس تہٕ غٲر ملکی حکمران یا حکمرانن ہنز ٹوٚلہٕ فوجی طاقتہٕ یا سیاسی مکارِیو تہٕ پھندو فریبو سٟتی کٲشرِ پیٹھ قبضہٕ کٔرِتھ حکمران بنیوو، تمو کٔرِ پنُن اقتدار مضبوط بناونہٕ خاطرٕ خاص پٲٹھی زِ مشہوٗر سامراجی طریقہٕ استعمال۔ پنُن سیاسی بیٹھوٗدٕلی قایم تھوٚنہٕ باپتھ عوامک وونلُن تہٕ امکو امکانات تہٕ ظُلمس خلاف عوامی آواز دباونٕچ مسلسل کوٚشش تہٕ عوامی یکٔت فِرٛتہٕ اوتحہ سازشہٕ۔ بیٚیہ کٲشرِ ہندٮ۪ن قدرتی مٲلی وسیلن تہٕ لُکن ہنز کمایہ تہٕ محنتک بے رحم پٲٹھی استحصال تہٕ لوٗٹ، کٲشرِ چھہٕ امی وقتہٕ حملہٕ آور تہٕ قابض بیدی متیٮ۪ن غٲر ملکی حکمرانن بلا لحاظ مذہب نفرت کراں روٗدی متٕ۔ کلہن تام چھُ "راج ترنگنی" منز یہ وننس مجبوٗر گوٚمُت زِ "فوجی طاقتہٕ کس بل بوٗتس ہیکہٕ نہٕ کانہہ تہٕ کٲشرِ زٕنِتھ۔" زیٚنُن مطلب گوٚو مسلسل قبضاوتھ اَژھین انگ بناوُن پننہٕ سلطنتک۔

واکنہٕ وادن ہنز سیاسی غلامی تہٕ اقتصادی پسماندگی، خاص اندرونی جغرافیائی حالات، سماجی تقسیم تہٕ گروہ بندی تہٕ باقے دُنیا نِشہٕ الگ تہٕ بیوٗن

آسہٕ کنہِ ہیوٚکہٕ کٲشرٕ لۄ غارٕ ملکی غاصبن ہندِس ظلم و جبرس خلاف یکٕٹ کرِتھ ٹھوس طاقت بنٕتھ، کانہہ کامیاب جدوجہد تہٕ مقابلہٕ کرِتھ۔ نتیجہٕ دراو یہِ زِ کٲشرٕ لۄ کوٚر حالاتن ستۍ نہٕ یرٕھنہٕ باوجوٗد، ظاہری سمجھوتہٕ۔ یمَن گیٚہٕ ہاٚل ظلم، جبر، دوٚکھ تہٕ غربت برداشت کرٕنۍ۔ امی آو ونہٕ زِ "کٲشرۍ چھِ ظلم پرست"۔ پُوٚشک تِنَے تہٕ ژوٚکھتِنا" چھِ اَمِچ شہادت دِوان۔ کٲشرٕ لۄ موٚنگ خُدایس، نبی یس ؐ، اولیاہن، امی زِ ظالم گوٚژھ گلُن تہٕ ظلم گوٚژھ ختم گژھُن۔ اکثر کٲشرِ نعتن منٛز چھِ شاعر و نبی یسؐ گذارِش کرٕنۍ زِ ہرگاہ پانہٕ یور ینِچ فرصت چھوٕ نہٕ تیلہِ سوٗزِ توٚکھ پنٕنۍ ژور یار، نتہٕ حضرت پیر دستگیر، نتہٕ حضرت آمیر وغیرہ، یم کفرس تہٕ ظلمس نابود کرن۔ تم کس وَنہٕ ہن پتہٕ یہِ سرٕمنڈل چھُ سائنس عشقیہ، رومانوی تہٕ مجلسی ادبس تہٕ نال ولِتھ۔ اکھ قدیم مورخ چھُ "ہُن" خاندانہٕ کِس ظالم ترین حکمران "مہر کل" ہندِس غلبی تہرس تل مرٕنچ خوشخبر بوٗزِتھ ونان زِ اُہندِس مرنس پیٹھ گیٚہ ساری دیوتا تہٕ خوش۔

عہدِ سلاطین ختم گژھنہٕ پتہٕ وۄل کشیر رنگہٕ رنگہٕ مصیبتن نال۔ کٲشرِن خصوصن مسلمانن پیٹھ یُس ظلم و ستم برابر جٲری روٗد، تمۍ ترٲوۍ تم دِنہٕ راتھ، دوٚہتہٕ پھیا رِتھ۔ ظُلم کوٚر یمو برداشت، مگر کراہنہٕ سان، سوٚہ دِلہِ بنیو و نہٕ کٲشرٕ زانہہ تہٕ ظلمس مددگار۔ اَتھ گژھنہٕ زُلس منٛز روٗد اُمس اَکے پرٕزلوٗنی اُمید۔ سوٚ گیہ ٹاٹھس نبیؐ ہُنز پُرنوٗر بابرکات تہٕ مقدس ترین ذاتِ مبارک۔ یُس تہٕ کانہہ مصیبت، دوٚکھ، غم، فکر، پننہٕ سیاسی محکومی تہٕ اقتصادی پسماندگی، غربت تہٕ افلاسہٕ کِنہِ کٲشرس مسلمانس بنٕتھ آو، تمِیک فرٕیاد کوٚر تمۍ ٹاٹھس نبیؐ یس کُن۔ کٲشرٕ نعت چھِ استعارٲتی تہٕ ورگہٕ اندازس منٛز ظالم تہٕ جابر حکمرانن تہٕ حکومتن خلاف کٲشرِند اکھ پُرتاثیر احتجاج، اکھ نالہٕ تہٕ فریاد، اکھ دلدوز آہ و زاری۔ اگر اَمس یہِ اکھ موٚرِتھ یا کُنہِ ژھلہِ ژھپہٕ نمو، تیٚلہِ دوٚہیس نہٕ سُربنہٕ کاوتہٕ۔ کٲشرِ نعت چھِ اکھ سیاسی تہٕ اقتصادی تناظرس منٛز باقاعدٕ تحقیق مطالعہٕ خاطرٕ اہم مواد بہم کران۔ نتہٕ اگر پابند اصطلاحی فصاحت مدِنظر تھاوو تیٚلہِ چھُ نعتُک خصوصی مضموٗن پیغمبر صلی اللہ علیہ وسلم ہندۍ تعریف، مدح تہُند تھوٚد مرتبہ تہٕ شان، تہندۍ کارنامہ، اُمتن تہٕ کاینا تس پیٹھ تہنٛز مہربانی تہٕ احسان،

تمن ہنٛز عقیدت مندی، یژھ تہٕ پژھ تہٕ لولُک والہانہٕ اظہار۔ بییہٕ تہندین ژورن یارن، صحابہٕ کرام تہٕ اہلِ بیتن ہنٛز محبتُک تہٕ احترامُک بیان۔

بیاکھ کتھ چھےٚ یہِ زِ کاشرین نعتن ہُند ادبی مول تہٕ مقام کیاہ تہٕ کمہِ پایُک چھُ۔ یم ہیکو کھاُسی عربی، فارسی تہٕ اردو نعتیہ ادبس ہم پلہ یا برابر مُژا نتھ یا یمن ہُند تقابلی مطالعہٕ کٔتھ حدس تام ہیکو باقے زبانٕ ہندس نعتیہ ادبس ستیٚ کرٕتھ۔ یہ چھُ اکھ الگ تہٕ مخصوص موضوع۔ یتھ موخصر تعارفی مقالس منز چھُنہٕ مےٚ اکھ متعلق کینہہ تہٕ وَنُن۔ ممکن چھُ یہِ کامہِ آسہِ کانٛہہ بییس دوستس پتٕھ نہٕ آمٕژ۔

مےٚ اوس خیال زِ بہ کرٕ پننٕس مقالہٕ اردو زبانٕ منز کشیر منز تحریر سپدیمتین نایاب فارسی نعتن پیٹھ لیکھتھ یتھ سیمنارس منز یہ زانہتھ پیش زِ کشیر یونیورسٹی ہُند فارسی تہٕ اردو شعبہٕ گژھ مس نیندرِ بیدار۔ تم کرن کشیرِ منز تخلیق گمٕژ تہٕ از تام نامعلوم تہٕ نایاب فارسی تہٕ اردو نعتیہ، رزمیہ یا عشقیہ ادبس تہٕ نثری کارنامن متعلق پننین شعبن ہندِ ذٔسی تسلسُل سان کینہہ سیمنار منعقد۔ یتھ پاٹھٕ میلہٕ ہے تمن نو سر کشیرِ منز یمن زبانین تہٕ اکہِ ادبُک تواریخ مرتب کرنس منز بے انتہا مدد۔ میون دُعا چھُ زِ یمن دانا مزارن منز گوژھ کانٛہہ مسیحا قُم باذن اللہ صدا لایتھ بُتھ معجزا انجام دِیُن۔ یوٚدوے میون اُردو مقالہٕ لیکھنُک خیال آو نہٕ باعمل تگر بہ کرٕ تونہٕ یتین کینژن اہم تہٕ نایاب فارسی نعتن تہٕ نعت دنٛن والین ہُند سرسری ذکر، تاکہ پتہٕ والہِ وقتہٕ خاطرٕ روزِ یہ یادداشت تحریری طور موجود۔

میانِس ذاتی کلکشنس (COLLECTION) منز چھُ پیر سعداللہ شاہ آبادی سُند کینہہ کاشر کلامہٕ، اکھ طویل نعتِ شریف، ییٚس فارسی، عربی، ہندوستانی (ہندی) ترکی تہٕ کاشر زبانٕ منز تحریر کرنہٕ آمٕژ چھُ۔ اتھ منز چھ ۹۴ شعر فارسی ۳ ہندوستانی، ۶ عربی ۴ ترکی تہٕ ۴ کاشر زبانٕ منز۔ امی نعتہٕ نشہ چھُ نَنان زِ پیر سعداللہ صاحب اُسی زٕ تخلص ورتاوان اکھ گوو "سعادت" تہٕ بیاکھ گوو "ہمت"۔ یہ نعت چھُ یتھ پاٹھٕ ؎

بلبل بدل بانگِ ولا سرکردہ با گل صبحدم

مدح و تحیات و ثنا نعت نبیؐ محترم

مقطع چھُس سہ

بود سعادت را امان در عالم سر و عیان
جز لطفِ تو جز عفو تو جز عطف تو اے محترمؐ

یُہند بیاکھ نعت چھُ مناجاتیہ انداز کُ ۔ اَتھ منز چھِ اکہ ہتھ شعر مطلع چھُس سہ

یارب بہ تحیاتِ تو در کارِ محمدؐ
یارب بکراماتِ تو دربارِ محمدؐ

تہٕ مقطع چھُس سہ

یارب بہ سعادت نظرے کش دل زارا ست
صحت طلب از نرگسِ بیمارِ محمدؐ

پیر سعد اللہ صاٮ۪بن چھ زٕ مثنوی "باغ سلیمان" تہٕ "منظوم السعد" بٔیہ اکھ تفسیر قرآن تہٕ لیوٚکھمٕژ یمن اوس بابہ صاٮ۪ب ترکی زبان تہٕ موج اکھ پشتو زبان زانان۔

## شرحِ قصیدہ بانت سعاد (کعب بن زہیرؓ)

مولانا نورالدین جامی سُند منظوم ترجمہ بانت سعاد چھُ مشہور تہٕ متداول ، یوٚز ورٕ ہلکی مولانا حافظ کاملی صاٮ۪بن چھےٚ امہ قصیدچ منظوم تشریح اُکھ ژتن شعرن منز لیچھمٕژ تشریح علاوٕ چھےٚ کاملی صاٮ۪بن (۱۱۵) اکھ ہتھ تہٕ پندہن شعرن منز کعب ابن زہیر مصنف قصیدہ سُند تمہیدی تعارف تہٕ لیوٚکھمُت ۔ حافظ کاملی صاٮ۪ب ٲسی کبروی تہٕ قادری سلسلس منٛز تعلق تھاوان ۔ مےٚ لٔبہِ مسودٕ چھُ مولوی محمد خضر مقبل صاٮ۪بن داہ ماہ ربیع الثانی بروزِ چہار شنبہ نقل کوٚرمُت مسودٕ چھُ لوکٕٹ کتٲبی سایز کین ۷۶ صفحن پیٹھ مشتمل ۔ ابتدا چھُس یتھٕ پٲٹھۍ

حمد مر پروردگارِ انس و جاں را ہر زماں
کو پدید آورد از قدرت زمین و آسماں

احمدِ مرسل امامِ انبیا فخرِ رسل
مقتدائے انس و جاں مقصود خلق جزو کُل

ہر زماں از حضرتِ حق صد صلوٰۃ و صد سلام
باد نازل بروے و بر آل و اصحابِ کرام

بعد ازین معروض اصحاب وداد و اتحاد
کاملی دارد کہ مخفی بر ضمیر شاں مباد

کامداست الحاج ایشاں یاد مارا ایں زمان
التماس شان قبول افتاد مارا ایں زمان

کارہائے خویش را یکچند بگذاریم ما
بہر ایشان بر قصیدہ شرح بنگاریم ما

## عبد الصمد ککرو مقبل بارہ مولوی

عبدالصمد ککرو صابنہ چھ ترے نعتِ شریف میانس ذاتی کلیکشنس منز۔ یم چھ امرتسرٕ نقل کرنہٕ آمتۍ۔ ککرو صابس اوس علامہ اقبالس ستۍ قریبی تعلق، یہندِس فرزندِ بندِس مرنس پیٹھ چھ علامہ اقبالن مشہور مرثیہ لیوکھمت سہ

اندھیرا صمد کا مکان ہو گیا

ککرو صابنہ ترے نعت چھ یتھ پاٹھۍ سہ

دارم دل اندوہ گین یا رحمۃ للعالمین
ارحم علی ھٰذا الحزین یا رحمۃ للعالمین
از جرم مقبل در گذر کن دل بہر شام و سحر
ورد زبان کرداست این یا رحمۃ للعالمین

در گنہ شد ماہ و سالم یا شفیع المذنبین
سال و ماہ در قیل و قالم یا شفیع المذنبین
بر زبانِ مقبل از فضلِ تو بادا یادِ حق
در زمانِ انتقالم یا شفیع المذنبین

خویش را فارغ ز بندِ کفر و دین داریم ما
دست در دامانِ ختم المُرسلین داریم ما
گرچہ با تر دامنی خواہی شدن در روزِ حشر
غم مخور مُقبلؔ شفیع المذنبین داریم ما

## خلیلُ اللہ خلیلؔ

خلیلؔ صابُن اکھ طویل نعت ۶۶ شعرن ہُند چھُ منے نِشہ موجوٗد، مطلع تہٕ مقطع چھُس یتھ پاٹھۍ ؎

باز از فیضِ بہاری تازہ شد سودائے من
صد قیامت زاید از شورِ مداحت زائے من
در گل و آیم ہوائے مصطفٰے بوداست خلیلؔ
زان شُد اندر آتشِ دُنیا گلستان جائے من

## بابا محمدٗ خلیل خاکی

خلیل خاکی صاب اُسۍ ویجہِ بیارِ کۍ بسکین، افضل خاکیؔ، احمد خاکیؔ مقبول خاکی تہٕ قمرالدین خاکی ہِندۍ اُسۍ یم رشتہٕ دار تہٕ یکجدی۔ یہندۍ کینہہ نعت چھِ مےٚ نِش موجوٗد۔

نمونہٕ چھُ حاضر ؎

| | |
|---|---|
| دل بہ قالِ تو یا رسول اللہ | جان بہ حالِ تو یا رسول اللہ |
| آفتاب و قمر شدہ روشن | از جمال تو یا رسول اللہ |
| خواہد از حق خلیل خاکیؔ زار | افتضال تو یا رسول اللہ |
| روز و شب زان کہ ورد جاں دارد | قیل و قال تو یا رسول اللہ |

## مجموعۂ نعت از انورؔ

یہ انورؔ اوس حنفی تہٕ خوشش اعتقاد امیکُ اظہار چھُ اُمۍ یاپٕہ کوٚرمُت۔ اتھ مجموعس منز چھِ انور ہندۍ لگ بھگ ژتجِہہ (۴۰) فارسی نعت — اکھ کاشُر نعت، بیٚیس شاعر صدر (تخلص) ہندۍ نٕہ نعت، فاخرُنند اکھ کاشُر نعت،

محمود گامی سُند اکھ نعت، ثنا شاہنز اکھ غزل بیتر شأمِل۔ انورس چھُ فارسی زبانٔی پیٹھ جان عبوٗر تہٕ مہارت حأصل آسمژ۔ خوٗش اعتقاد آسنہٕ کنہِ چھس اہل حدیث حضرات (یمن سُہ بجدی تہٕ وہأبی ونان چھُ) ہنز سَخ ژران آسمژ۔ انور ہندِ مجموعہٕ منز چھ یم شعر پیش۔

دارم شہی کہ ہست خلایق غلامِ او
ختم الرسل محمد و محمود نامِ او
دادند انبیائے مکرم پیامِ او
ہر چیز مستفید شُد از فیضِ عامِ او
صلوات بر محمد و آلِ کرامِ او

در مصطفےٰ و عیسیٰ و موسےٰ است فرق ہا
شان ہر دو اند طالب و مطلوب مصطفےٰ
ذاتش ز آفرینشِ حقست مدعا
انور بخواں بہ صدق ز صد شوق برملا
صلوات بر محمد و آلِ کرامِ او

حبیب خاصِ خدا مصطفےٰ است صلی علی
شفیع روزِ جزا مصطفےٰ است صلِّ علی
بخواہی ار کہ نہ میری چو نجدیاں انور
نگر حیات و بقا مصطفےٰ است صلِّ علی

می تپد ہر دم دل من از برائے مصطفےٰ
کے بوُد یارب کہ بوسم خاکِ پائے مصطفےٰ
ابتر و خوار ست پیشِ خلق نزد حق ذلیل
کس کہ می جوید وسیلہ ما سوائے مصطفےٰ

ذلّہ خوارِ خوانِ بذلش مُنعم مستغنی است
افضل از شاہان و سلطانان گدائے مصطفےٰ

## دیوانِ قطبُ الدّین گرامی

قطب الدین گرامی اوس تحصیل کوہ لگام کِس اکھ گامس منز روزان۔
اُمہ ہندس دیوانس منز چھ اَلہ پلہ ہتھ کاشرِ تہٕ فارسی غزل، ییمہ چھ کینہہ نعت تہٕ
منقبت تہٕ، قطب الدین اوس پننہِ تخلص ورتاوان، گرآمی تہٕ قطبؔ۔ فارسی پاٹھی
لیو کھمُت کلام چھ سیٹھاہ کمزور تہٕ وُسی پایہ، پوز کاشرس منز چھ گرامی صاٮ۪بن جان
کوشش کرِمٕژ۔ دیوان چھ کاغذ تہٕ لکھایہ تلہ اندازٕ ہتھ وری زیادے پرٕون
باسان۔

## بیاضِ احمد بابائے خاکی المعروف احمد مستانہ

احمد خاکی صاٮ۪بنی چھ مےٚ نش اندازٕ ژتجہہ تا ننز تاجی کاشرِ تہٕ کینہہ فارسی
غزل۔ احمد خاکی صاٮ۪ب اوس تصوفس ستی عملی تعلق، غزلیہ اندازس منز چھ اُمی
کینہہ جان نعت لیکھی متو۔

## بیاضِ منظور مدنی

مولوی غلام مصطفےٰ منظور مدنی آسی میانی بزرگ دوست۔ یم گےٚ ۲)
اپریل ۱۹۸۶ء منز لگ بھگ شیٹھ وری گذارتھ ییمہ عالمہ، یم آسی اچھ ول نشہ اکس
گامس منز روزان، کشمیر یونیورسٹی ہندی شعبکی حساب کِس سربراہ محترم قاضی غلام محمد
صاٮ۪بس آسی یم مام۔ منظور صاٮ۪ب آسی واعظ امام تہٕ مولوی آستہ تہٕ رندلا اُبال بے انتہا
آزاد تہٕ صوفی صافی، یمو چھ صرف نعت لیکھی متو۔ یہندین نعتن ہند کہ چھ زٕ مجموعہ
مےٚ نش موجود۔

میانہ ذاتی کلیکشنہ منز کینزن بیزن ہندیہ تعارف پتھ گژھتے نمونہ از خروارے۔
ییتین کرِ بہ یونیورسٹی ہندین فارسی، اردو تہٕ کاشر شعبکین ذمہ دارن یہ گذارش

زِ تم کرن "ذاتی کتب خانہٕ تہٕ تمن منز اہم تہٕ نایاب کتابہٕ" موضوعس پیٹھ اکھ سیمنار، یتھ پاٹھۍ گژھہٕ ہن وارہین ذاتی کتبہٕ خزانن برٕ یلہٕ، یہ کام ہیکن بڈۍ بڈۍ ادارے انجام دِتھ۔ ہینٛ کیاہ دُنو، فرصتہٕ سان گژھہٕ صحت مند تہٕ بے فکر وآنساہ آسنۍ یمن کامہٕ ین اوس تیلہِ یتھ دِیُن سہل۔ مگر سہ

خبر کپارۍ کرٕ نھ کو چہٕ پھیرٕ سہٕ شوخ یاوُن گوو
کتھن لوگُس تہٕ رسے ژٕ ول مشتھ مے چھاوُن گوو

میون یہ مقالہ یعنی "نایاب ترین نعتن ہنٛز نشاندہی" چھُ میانہٕ خاطرٕ کشمیر یونیورسٹی ہندی کاشرٕ شعبکۍ سربراہ جناب مرغوب صابن تجویزٕ کورمُت۔ تہِنزِ تعجیل تہٕ حکمس تعمیل مدِ نظر تھاوِتھ کرٕ ہٕ یتھ مقالس منز ایُس میانۍ کُنٛز اکھ مو خصر تذکرہٕ چھُ) کیتژن بالکل نایاب تہٕ غیر مطبوعہ نعتن تہٕ نعت گو شاعرن ہُند سرسری تعارف تہٕ زان کارۍ تھوٚہ برونٛہہ کنہٕ پیش۔ کیہنہ ناوچھ تو ہہ وِندی۔ مگر نعت بوزو تہٕ گوڈ نچہِ لٹہِ ییٚتھ سیمنارس منز۔ یمن ہُند تعارف تہٕ نعت یتھ مقالس منز شامل چھِ، تم چھِ:-

حضرت بابا نصیب الدین غازیؒ، محمد افضل خاکی، محمد مقبول خاکی، فاخر بابا، مولوی محمد خضر مقبلؔ، امیر شاہ ائمیؒ، مولوی غلام محی الدین مہدی، عزیز شاہ کافیؔ لسم شاہ، محمد یوسف زرگر تہٕ حضرت محمود گامی۔

## بابا نصیب الدین غازی (وفات ۱۰۴۷ھ۔ ۱۶۳۸ء)

ولیٔ کامل آسنس ستۍ سٟتۍ اوس حضرت نصیب الدین بہلہٕ پایکۍ ادیب تہٕ شاعر۔ "نورنامہ" ناوٕ چھُ یمو ریشی حضراتن متعلق اکھ ضخیم تذکرٕ تحریر کورمُت نظمس منز۔ چھپے یہنٛز۔ اکھ لوکٹ مثنوی "ضروری خورد" ناو فقہی مسلن متعلق از برونٛہہ وری ہتھ سٕہ آداہ لاہور چھاپ پیمژ۔ یہندۍ کینہہ فارسی نعت چھِ ادرٕ یور چھکرِتھ تہٕ منتشر حالتس منز کُنہٕ کُنہٕ میلان۔ حضرت نصیب آسۍ کاشرٕ زبان لوٕ یٕ پاٹھۍ زانان، آسۍ تہٕ یم اصلی راول پیتچہٕ ہندی روزن وٲلۍ، یوٚز لوکچارٕ سے منز آسۍ بابا داود خاکی ہندۍ مُرید بنیمتۍ۔ محمود گامین، ناظمن، مقبلن تہٕ مقبول

خاکین پھٹے ینہِ س شانس پتہ تعریفس منز اکھ اکھ طویل منقبت لیچھ مژ۔ حضرت نصیب الدین شند یہ نعت چھ لۆبر پاٹھۍ مقالس منز شامل کرنہ یوان:-

مرحبا صلِّ علیٰ گویم ثنائے مُصطفیٰ
صد سلام از من بہ آل و اقربائے مصطفیٰ

جملہ عالم را رضائے حق بود مقصودِ دل
طُرفہ ایں بشنو کہ جوید حق رضائے مصطفیٰ

مُردۂ صد سالہ می آید دواں لبیک گو
از لبِ جاں بخش گر آید ندائے مصطفیٰ

حاجتِ کُحل الجواہر نیست مارا اے طبیب
توتیائے چشم سازم خاکِ پائے مُصطفیٰ

مطلع الفجر است سیمائے مُنوّر کالقمر
لیلۃ القدر است زلفِ مشکسائے مصطفیٰ

نام او یاسین و طاہا جامِ او کوثر بدان
سورۂ انّا فتحنا شُد لوائے مصطفیٰ

بود اسرارِ خُدا در کاف و ہا یا عین و صاد
کس نشُد آگاہ ازیں سرہا سوائے مصطفیٰ

شد برابر خلعتِ لولاک بالائے قدش
پس مُرتّل از خُدا آمد قبائے مصطفیٰ

قدسیاں در لیلۃ المعراج میگفتہ بہم
ہر دو عالم کرد پیدا حق برائے مصطفیٰ

چون عروجش شُد ز سدرہ گفت جبریلِ امین
در مقامِ قربِ ربّانی است جائے مصطفیٰ

شد مقامش قابَ قوسین بکہ اودنیٰ تر از آں
کس سوائے حق نداند منتہائے مصطفیٰ

گر مُنوّر آفتاب و ماہتاب اند در جہاں
روشن اند ایں ہر دو گوہر از ضیائے مصطفیٰ

روزِ محشر پیشِ داور انبیاء و اولیا
میکند ہر یک شفاعت در قضائے مصطفیٰ

ثانیِ اثنین اذ ہما فی الغار صدیق است و بس
از سرِ ایمائے حضرت شُد بہ جائے مصطفیٰ

از یدِ فاروقِ اعظم فتح شد عجم و عراق
حامیٔ دینِ نبی شد از عطائے مصطفیٰ

جامع القرآن ذی النّورین عثمانِ غنی
صاحبِ جود و سخا شد از حیائے مصطفیٰ

غیر فرارِ و کرارِ لبشانِ حیدر است
فتحِ خیبر را نمودہ مُرتضائے مصطفیٰ

دادہ اند حسنین آں سبطین از صدق و صفا
تن بہ تقدیرِ خدا و جاں فدائے مصطفیٰ

تا قیامت نعتِ احمدؐ مکینم وردِ زبان
جنّت الفردوس یابم از صلائے مصطفیٰ

اے شہِ عرب و عجم کُن یک نگاہے بر نصیب
آرزومند است در کشمر گدائے مصطفیٰ

# محمد افضل خاکی

محمد افضل خاکی اَسی ونیجہِ بیارِ خاکی محلہ کس اندس ییٹھ واز محلہ کِہ طرفہ لسان بسان۔ افضل صاَب کر سُد فوت، یہ چھُنہ وُنہ شیقہ پاٹھی معلوم۔ یمو چھ فارسی پاٹھی قصہ حضرت سلیمان تہ بلقیس مثنوی ہِندِس صورتس منز لیوکھمُت۔ یتھ منز اندازٔ ڈاے ساس شعر چھِ۔ ایمیک واریاہ دریائی تہ آخری حصہ چھُ رووُمت، متنش چھُ امیک واحد نُسخہ موجود۔ مثنوی چھےٚ یتھ پاٹھی شروع گژھان ؎

| | |
|---|---|
| بنامِ کردگار جنّ و انسان | کہ یادش بہتر از مُلکِ سلیمان ؑ |
| بفکر و ذکر نامش کامِ جانہاست | کلیدِ مخزنِ الہامِ جان ہاست |
| فرستادہ تمامی انبیا را | بہ تفضیل رسالت اصفیا، را |
| پس از صدر معلاّ ختمِ شان کرد | نبیؑ ہاشمی جانِ جہان کرد |
| ز نورش شد منوّر ہر دو عالم | گزیدہ حق وُرا بر ہر دو عالم |
| وجودش علّتِ غائی مقصود | غرض از آفرینش ذاتِ اوبود |
| محمدؐ نام عالی شان او کرد | ہمان روح الامینؑ دربانِ او کرد |
| فلک تابندہ از نور وجودش | کہ خورشید آمدہ برہانِ جودش |
| خداوندا بہ اصحابِ کبارش | بہ اہلِ بیت و حقِ چار یارش |
| بفضل ایں افضلِ دلخستہ و زار | ز تابِ آتشِ دوزخ نگہدار |

افضل خاکی صاَبُن چھُ ناحال صرف اکھ کاشُر نعت دستیاب یُد مُت نعت چھُ یتھ پاٹھی ؎

| | |
|---|---|
| بہ فضل و کرم یا حیات النبیؐ | مےٚ غم کاستم یا حیات النبیؐ |
| چھُ حامیم والیل بر والضحیٰ | بَرُخ زلف خم یا حیات النبیؐ |
| شوبان ژےٚ بسر تاج لولاک چھےٚ | بہ جاہ و حشم یا حیات النبیؐ |
| لعمرک قبا لس ژےٚ یُدٕ ے عطا | بذاتِ کرم یا حیات النبیؐ |
| ز حق آیہ انّا فتحنا ژےٚ چھےٚ | نشانے علم یا حیات النبیؐ |

بہ طاہا دیاسین چھ تعریف چانٔ    بہ نون والقلم یاحیات النبی

وسیلہ مےٚ اُنٛمےٚ ژٕ ےٚ کٕن ژور یار    شفا بخشتم یاحیات النبی

بہ صدیقِ اکبرؓ بہ شاہ عمرؓ    چھِ تم محترم یاحیات النبی

بہ عثمانؓ بہ شاہ علی مرتضےٰؓ    چھِ تم محتشم یاحیات النبی

بدرگاہ وسیلہ تمے ہیتھ بہ آس    یہنز سٕتھ مےٚ اچھم یاحیات النبی

مےٚ دیدار ہاوُم ژٕ بہر خُدا    ژٕ لیم غم تہٕ ہم یاحیات النبی

مےٚ چھم شوق کرٕ ڈیشہٕ دربارچون    تہٕ بیت الحرم یاحیات النبی

پھوٚرُم نفس بدکار خوارٕی کرٕم    بوزُم مےٚ شکم یاحیات النبی

گناہ زیادٕ کرٕی متی زٕ حد چھم سٕنٛٹھہ    عمل چھم مےٚ کم یاحیات النبی

گومُت مُبتلا چھُس بخشتم نجات    مےٚ از دردو غم یاحیات النبی

بُراہے تو افضلؔ بیومُت بے نوا    چو نقشِ قدم یاحبات النبی

بدیدار افضلؔ چھُ اُمیدوار
ونان دم بدم یاحیات النبی

## فاؔخر بابا

فاخر صاب چھُ وُنہٕ تہٕ راوِس تلے۔ غلام نبی آتش صابس دِژاے مےٚ کینہہ غزل فاخر صابٕنۍ یِم تِہنٛدِس مضموٗنس سٟتۍ "شیرازس" منٛز چھاپ پیدی۔ پوٚز تیٚنہٕ تہٕ گوٚو وقتاہ، کینہہ نوۍ مسودٕ گےٚ دستیاب تہٕ پرانین برُزن تہٕ لوٗگ بیٚیہ تہٕ فاخر بابا سٕنٛد کینہہ کلامہٕ خصوصاً نعت آیہ بدست۔ کینٛژن چیزن منٛز پیٚیہ اہم نشاندِہی۔ خاص پاٹھۍ یہ زِ فاخر اوس وچھ بیارِ بابا محلہٕ روزان[۱]۔ مولوی محمد خضر مقبل صابن چھُ فاخر بابا سُند اکھ فارسی نعت بنہٕ اُتھ تحریر کٔری مبترا کِس مسودکِس پیٚتِمس ورقکِس اندرِمس صفحس پیٹھ بعنوانِ "نعت منظامِ فاخر بابا" نقل کوٚرمُت۔ مسودس چھُ ترقیمس تاریخ کتابت ۱۰ ماہ صفر ۱۲۲۷ھ درج۔ اَمہِ تلہٕ چھُ نَنان زِ فاخر بابا اوس ۱۲۲۷ھ / ۱۸۱۲ء برونہہ فوت سپدمُت۔

فارسی نعت چھُ یِتھ پاٹھۍ ؎

عرش است کمیں پایہ ز ایوانِ محمدؐ — جبریل امینؑ خادم و دربانِ محمدؐ

آن ذاتِ خداوند کہ مخفی است ز عالم — پیدا و عیانست بہ چشمانِ محمدؐ

نُہ چرخ کہ در وے نپرد مُرغِ توہُم — سرگشتہ چو گوے اند ز چوگانِ محمدؐ

یوسفؑ کہ خرید است زلیخا بہ تمنا — بودہ است غلامی ز غلامانِ محمدؐ

از بہرِ شفاعت چہ اولوالعزم و چہ مرسل — در حشر زنند دست بدامانِ محمدؐ

ہُشیار ز مستی نہ شود تا بہ قیامت — آن کو کہ شُدہ مست ز عرفانِ محمدؐ

تورات کہ بہ موسیٰؑ بُد و انجیل بہ عیسیٰؑ — شُد محو بہ یک نقطِ ز فرقانِ محمدؐ

بخشند بہ موری ز سخا ملکِ سُلیمانؑ — شاہِ دو جہانند گدایانِ محمدؐ

یک جان چہ کُند فاخرؔ مسکین کہ دو صد جان<br>
سازیم فدائے سگِ دربانِ محمدؐ

فاؔخر بابا سٕندی زٕ کاشری نعت چھِ یتھ مقالس سٟتۍ شامل، اَکِس منٛز چھُ فاخر بابا وَنان زِ تمۍ سُنٛد ٹھکانہٕ چھُ بابا نصیبنہٕ، یتہٕ پیٹھ سُہ درگاہ شریف نبی صابنس دربارس منٛز لاراں لاراں حاضر سپد۔ یہ نعت سپد اَکِس تانٛہ بدس اَمرہٕ

بیاضہٕ منٛز حاصل۔ اَتھ منٛز چھ ییٚمہٕ تہٕ موہلہ فن پارٕ درج۔

یێتہٕ بوہہ بنیٚ چھُ ایوان   توٚت کوہہٕ گژھو سآری
وٕنی ؤنی چھُ دیدار دیوان   یارس لگونا پآری
بُلبُلُ چھُ سبٛطاہ ریٚوان   گُلن چھُ ونان زآری
بر سرِ چمن چھُ ریٚوان   دل دوٚدمہٕ عشقہٕ نآری
اداژٕ تمیٚ منٛز وُچھتَہ   بے چارٕ بہٕ گوس کُشتہ
دزِن میون آسا خوشتہ   پرواہٕ کوٚرنَس یآری
عار میون چھُنا ایوان   توٚے دل میون چھُ ریٚوان
زانہہ چھُمہٕ درخواب ایوان   بیگانہٕ کوٚرنَس یآری
دوٚنیمَ کھٕرٕ چھُکھ پانَس   دَب دیوٕ ژٕ سجٕا دانَس
اَژھ لولہٕ کِس مے خانَس   مُنشراو بہٕ رھیز گآری
دوٚپمَ کھٕرٕ پان ہا پچھے   دِے کاس بروہہ کنہٕ چھُسے
بہٕ نہٕ اد کسُو پچھے   لَتَس کرو بنہٕ بردآری.
معشوقہٕ کوتاہ ژٕالےَ   بے کَس لوٚگُس زالے
راتھ دوہ گوم کمہٕ حالے   ہاران چھُس خوٗن جآری
یارس کرٕہو فٕری یاد   اَسہٕ گود از حد بیداد
اَسی گےٚ سبٛطاہ برباد   اَسہٕ کآسی توٚ دوہٕ خوآری
میون ہیوٚ بنیوٚ کَس نَے   اَندری گجُم وس تَے
مَیخانہٕ دیُت نمٕ مس تے   مستانہٕ گوٚرنَس یآری
حیران کم کم گندر   شاہ روٗد کھٕژتھ اندر
از راہِ صورت بندر   دیوانہٕ تمیٚ کرٕی سآری
یا مآری تَس بندی شوقن   نہٕ مآری تمیٚ ہندی ذوقن

تی وَنہٕ بہٕ معشو قس        تمۍ نہٕ اَدٕ کمۍ مأری
اے بلبُلِ شیدا        جانٕے بکُن پیَدا
تسۍ ہتی اَدٕ کر سودا        سُہ کری وفادأری
کُس وَنہٕ تسَ یارس تے        عاشق چأنۍ گٔے خستہٕ
تسَ نے تہٕ بیٖیہِ اد کُس تے        شیٚہ سأنۍ دعوا دأری
کُس وَنہٕ تسَ جانانس        بَرلبَ ووتمُ مئے پانس
بیہ نا سُہ اُکس آنس        لگہٕ ہا تسَ پأری پأری
فاخر چھُ بردر بیو مُت        دیوانہٕ ژینے پتھ گومُت
وُسیلہٕ ہیٚتھ چھے ادمُت        ژوٚن یارن ہُنز یأری

فاخرُنُد بیاکھ دسیاب لغت چھُ یہ۔

روٗے چوٗن قبلہ تے محراب بُمے        دَمہٕ دَمہٕ سُجدا دِمے نا
صفا و مروہ روٗخ چوٗن چھُمے        حجر الاسود خالِ سیاہ
دَتھ چأنۍ کعبہ تے تتھ کوٚنہٕ نمے        دَمہٕ دَمہٕ سُجدا دِمے نا
گُل چأنۍ روٗخسار شبنم گمے        لب چأنۍ کوثر قد طوبیٰ
موکھ چوٗن مظہرِ حق ڈیوٗ انٛٹھمے        دَمہٕ دَمہٕ سُجدا دِمے نا
پیالاہ میَہِ عرفانکہِ خمے        داماہ توٚ کُے چاوکھ نا
ناہ ہیکھ ساقی پادن ہمے        دَمہٕ دَمہٕ سُجدا دِمے نا
خوٗے چوٗن ایمان مذہب چھُمے        موٗے چوٗن والّیل روٗے والضحیٰ
روٗے چوٗن قبلۂ حق نما چھُمے        دَمہٕ دَمہٕ سُجدا دِمے نا
خاکبوسہ یارٕ چوٗن تمنا چھُمے        ہیکھنا نیرٕ ہَم چوٗن تمنا
نبہٕ توٚری در خاک تمنا مے        دَمہٕ دَمہٕ سُجدا دِمے نا
فرمان چونُے پوٗرمُت چھُمے        یار چأنۍ تارکھ تہٕ توہی چھوٚ ماہ

پارٕی ژٕ دن یارن میون رُم رُمے　　دَمہٕ دَمہٕ سجدا دِمے نا
دَمہٕ دَمہٕ نالان چھُس چانہِ غمے　　غم چھُم دیدار میلِہمنا
ژٕمہٕ ییلہِ اند مزار اڈ نو یمے　　دَمہٕ دَمہٕ سجدا دِمے نا
بابا لفضی بنہٕ ٹھیکا نہٕ چھُمے　　لاران وو تُس در درگاہ
پزاران اکھ دیدار گوژھُومے　　دَمہٕ دَمہٕ سجدا دِمے نا
پیغام چونُے ینہٕ بوزُومے　　تَتہٕ گوم مشریچھ کھیوتے کیاہ

فاخرٕ کتہٕ لسہٕ امہٕ چانہٕ غمے
دَمہٕ دَمہٕ سجدا دِمے نا

## مُحمّد مقبول خاکی

مقبول صاٗب آسی افضل خاکی، ولی خاکی، احمد شاہ خاکی، قمر شاہ خاکی (مصنف قصہٕ ہاروت و ماروت) ہندی یکجدی رشتہٕ دار۔ یِہنز چھنے مےٚ تمِس اکھ نامکمل کاشرِ مثنوی، لگ بھگ ہتھ کاشرِ غزل، ۱۵، ۱۶ منقبت، کیٚہتہ نظمہٕ، مناجات تہٕ نعت۔ مقبول خاکی صاٗبن چھ افغان، سکھ تہٕ کم کاپہٕ ابتدائی ڈوگرٕ دورُک چھُمُت یِہنز کلٲمہ شاعری منز چھُ تمہٕ وقتہٕ کین بدترین سیاسی تہٕ اقتصادی حالاتن ہنز نشاندہی وارٕ یہس حدس تام جان پاٹھی میلان۔ یتھ مقالس منز چھِ یِہندی نہٕ نعت شامل۔

زبدۂ انبیاء سر دفتر　　شاہِ لولاک سون پیغمبر
از ہمہ خلق افضل و بہتر　　شاہِ لولاک سون پیغمبر
کانہہ تمِس ہیوٗ چھُنہٕ کانہہ ییہ نہٕ　　ژٕرژھ فضیلت بنِس خدا دِیہ پہٕ
از ازل تا ابد تہٕ در محشر　　شاہِ لولاک سون پیغمبر
صاحبِ دین خواجۂ یاسین　　ہادیِ راہِ ذاتِ حق بہ یقین
شاہ و سالار و سیّد و سرور　　شاہِ لولاک سون پیغمبر
صاحبِ نور صاحبِ بُرہان　　صاحبِ کان خلقِ قرآن

سرور قدسیان روح پرور      شاہِ لولاک سون پیغمبر
زایہ ییلہِ آیہِ بر سرِ دُنیا      اُمتی اُمتی سپنز گو یا
اُمتیٚ گےٚ کرانٛ بوتتَ سفر      شاہِ لولاک سون پیغمبر
زالہِ کر زانہہ تہٕ اَیہ نارِ جحیم      چھُنہٕ پرواے کانہہ اَسے چھُنہٕ بیم
خوف چھُےٚ نہٕ اَسے زِ نارِ سقر      شاہِ لولاک سون پیغمبر
روزیس کلمہٕ آسہِ وردِ زبان      زانہہ تہٕ کرنکھ تسَ ییِی شیطان
کیاہ کرے تسَ نکیر تے مُنکر      شاہِ لولاک سون پیغمبر
نورِ حق مقتداے راہِ ہُدا      حقِ دین اَسہِ بیٚہ کوٚرُن آدا
اَسہِ سوکہ لاوِ پانہٕ در محشر      شاہِ لولاک سون پیغمبر
شافع و حامیٔ است ہادیٔ ما      پیشوا، راہ بر، تہٕ راہ نما
خاتمِ انبیاء سرن ہُند سر      شاہِ لولاک سون پیغمبر
لاگتھ اللہ ھو تا جس      کھوٚتو براَفلاک یام معراجس
قاب قوسین سوزُکھ بہ چشم و بصر      شاہِ لولاک سون پیغمبر
ژور یار تمٚی ہندی ژور اختر      ژونٛوَے دینُس اندر افسر
تابندہ زیبندہ چار گوہر      شاہِ لولاک سون پیغمبر
حبُ چھُ یکسان تیمس تہٕنٛد دردل      آسہِ تتی جنتس اندر منزل
آسہِ یس ژکھ تہنز سُہ گوو ابتر      شاہِ لولاک سون پیغمبر
روزِ عرصات پانہٕ سےٚ سرور      آسہِ اَسہِ سایہ رحمتُک برسر

روز مقبولہِ خوش، مہ کانہہ غم بر
شاہِ لولاک سون پیغمبر

مقبول خاکی صابٕن دۆیمٕ نعت چھُ :

برجمالت گشتہ شیدا عالمے بین یا رسول
از زمین تا آسمان بالا و پایین یا رسول

نخلِ طوبےٰ چون قد یا الف اللہ ہو احد
شوٗبہ وٗن در راستی زن سرو سیمین یا رسول

احسن التصویر صورت چانٕی از سر تا بپا
کانہہ اکھاہ چھُنہٕ چون ہیوٗ در شان و تمکین یا رسول

یوسفس کر آسہٕ ہیسے ییتھ حُسن حاشا چون ہیوٗ
روئے رعنا خوے زیبا موے مشکیں یا رسول

روےٗ تو چوں برگِ گُل خوشبو تہٕ خوش رنگ شوٗبہٕ وٗن
خوےٗ اوسے بالطافت روے نسرین یا رسول

چھےٗ کلامِ حق کلاےٗ چون بالفظ و بیان
در تلاوت پُر حلاوت خوب شیرین یا رسول

عطر و عنبر ند چھیتھ روٗزِتھ چھُ صندوقن اندر
تم کران بو ییٔ خوشس چانِس چھِ تحسین یا رسول

عنبر سارا خجل مشکے ختن خود، در غطا
آہوےٗ ماچین توٗے روٗزِتھ چھُ درچین یا رسول

آسماں چھےٗ پراپٕرٕ وٗن کر پھیر تو ہر سیرِ ک خیال
فرشہٕ کنہٕ وٗتھ راوٕہیے تارکھ تہٕ پروین یا رسول

چھکھ شفاعت دستگاہ براُمتاں پیشِ خدا
رحمت و شفقت چھ چُہ چوٗنے دین و آیٖن یا رسول

اُمتس کیٔت منگتہٕ حضرت خیرِ دارین از خدا
امر کرہ یارن کرن تِم وارہٕ آمین یا رسول

چھےٚ ونان زارٕی ژٕ ے کُن مقبول، اے مقبولِ حق
آس لاران کاستم غم، چھُس بوٚ غمگین یا رسولؐ

## مُولوی محمدؐ حضر مُقبل :- ولادت ۱۲۰۸ھ وفات ۱۲۸۱ھ

۱۷۹۴ء ۱۸۶۲ء

بابا نصیب الدین سُند خاص خلیفہ شیخ فتح الدین حاج بابا، اوس مُقبل سُند جد۔ مُقبل اوس اعلیٰ پایک شاعر تہٕ نثر نگار۔ اُمی سٕندی ساری تصنیفات نظم تہٕ نثر چھہٕ فارسی زبانی منز، اُمی سٕنز تصنیف "زبدۃ الاذکار" چھہٕ اکہٕ پلہٕ پانژن ساسن شعرن ہنز مثنوی۔ مقبلس اوس فارسی تہٕ عربی زبانی پیٹھ استادانہ مہادت تہٕ عبور حاصل۔ چستی برجستگی، سلاست، فصاحت تہٕ بلاغت چھےٚ اُمی سٕنز فارسی شاعری ہنز اہم خصوصیات۔ عبدالاحد ناظم سٕندِس کُلیاتُک تمہیدس منز اوس مےٚ لیوکھمُت زٕ مقبلس اُس احمد شاہ باہنا آس ستی خط وکتابت پوٚز امہٕ خط وکتابُک تفصیلی مطالعہ کرتھ نیبوو زِ یہٕ مولوی احمد شاہ چھُ نٕژال ڈاڈ سریک اوسمُت۔ مقبل اوس کاشرِ پاٹھ تہٕ شاعری کُن توجہ دِوان، اُمی سٕندی زٕ نعت شریف چھہٕ پیش خدمت۔

۱

ژٕ ے چھےٚ شاہی تہٕ سلطانی مُسلّم یا رسول اللہ
زِ چھکھ از لُطف ربّانی مُکرّم یا رسول اللہ

صفت چھےٚ واکضحیٰ روٗیس لگے قربان رتِس خوٗیس
فدا جانِس اکِس موٗیس زِ عالم یا رسول اللہ

بہ قدرت خالقن پیدا کوٚرُن دُنیا وَمافیہا
چھُہ چونے نور از مبدا مقدّم یا رسول اللہ

کوٚرُم بیداد پُرٚ پانس پھوٚرُم ابلیس مےٚ نا دانس
نِگاہ پانس کٔرِس جانس گژھم کرم یا رسول اللہ

روٗژم خوٗرے ستی بیگانن
سراسر نفسِ شیطانن
ژہٕ ہٹے اہلِ ایمانن
دیُتم برٛم یا رسول اللہؐ

مےٚ کاس آئینہٕ پاٹھس مل
زنےٚ گردن غفلتچ ہانکل
مےٚ کرتم ساری مشکل حل
مُژر تمَ یا رسول اللہؐ

بہٕ صدیقؓ و عمرؓ، عثمانؓ
تمن پیٹھ رحمتک باران
علیؓ صاحب شہہ مردان
دُما دم یا رسول اللہؐ

مُنور کوٚر تمو عالم
برابر ژور دینکی تھم
گچھر کفرک کوٚرُکھ برہم
چھہٕ محکم یا رسول اللہؐ

سُلیمان اکھ شُا خوا ناہ
چھُناہ کاوُس ناداناہ
سکندر چون درباناہ
چھُ کیاہ جم یا رسول اللہؐ

زِ نوٗرت پادٕ گوو عالم
میانِ آب و گل آدم
نبی ہن ہُند ژٕ چھُکھ خاتم
بُدٕ آن دم یا رسول اللہؐ

ژہٕ چھُکھ پیغمبرن ہُند سر
مےٚ چانی آش در محشر
ژہٕ چھُکھ از انبیار بہتر
چھےٚ ہمدم یا رسول اللہؐ

ستونِ چرخ، بالایت
سپُن عرش از کفِ پایت
حریم لامکان جایت
معظم یا رسول اللہؐ

گناہ گارن چھےٚ چانی بھرٚسہ
سیٹھاہ چھُس خار ٹیرٛ ابتر
شفاعت پیش داور کر
عمل کمَ، یا رسول اللہؐ

جوانی شُد بہ دل گیری
نظر در حالتِ پیری
ندارم از طمع سیری
بہٕ حالم یا رسول اللہؐ

یمَن آسکھ ژہٕ شاہن شاہ
مےٚ زانکھ نہٕ زانتھ زاہ
تمَن ژلِہٕ درد و غم والٹہ
جہنّم یا رسول اللہؐ

جمالِ نازنین ھاوُم
سراسر سیرِ حق باوُم
شرابِ معرفت چاوُم
ژلہِم غم یا رسول اللہؐ

وصلی اللہ فی الدارین — علیک غیر معدود
صلواۃً کاملاً تاماً — وسلّم یا رسول اللہ
چھُ ابتر مُقبلِ نادان — سٕٹھاہ شرمندٕ تے حیران
منگے بس عاقبت ایمان — بخشتم یا رسول اللہ

## ۲

یارسولؐ چھکنا سردار سونے — اُمتن عاشقن لول چون آو
دل وجان وندٕ ہے یکھنا سونے — اُمتن عاشقن لول چون آو
شوقہٕ چانہٕ لوگمُت زُوٗنہٕ چھم گرونے — للہ دیدار پننہٕ نے ہاو
زندگی چھُ بخشش دیدار چونے — اُمتن عاشقن لول چون آو
طاہا، یاسین تعریف چونے — تھدٕ شانہٕ بیٚیہ کانہہ نہٕ ژیٚے ہیو آو
یادن وندٕ ہے قبیلہٕ کرٕ ونے — اُمتن عاشقن لول چون آو
خالقن ییلہٕ کوٚر اظہار چونے — محبوب پننہٕ نے کوٚرنے ناو
نوٗر آیہ کرنے ژیٚے دایہ تونے — اُمتن عاشقن لول چون آو
عرشن مرتبہٕ چون ییلہٕ زُونے — فرشہٕ کنہٕ سیٚتی بوٗزتم چاو
وتہٕ چانہٕ وُتھرن پان پھونے — اُمتن عاشقن لول چون آو
یارسولؐ ییمی چون فرمان مونے — پزٕی پاٹھی سبز باگ جنتس ژاو
میہ عرفانک پیالاہ چونے — اُمتن عاشقن لول چون آو
آرٕ کوٚت مُقبل مشتاق چونے — ماہٕ روخسارٕ نیتہٕ پردٕ مُژراو

اُسی چون جمال دیو ڈیشونے
اُمتنِ عاشقن لول چون آو

## مولوی غلام محی الدّین مہدی ( المروف مہد شاہ بودَہ )

مہدی صاَب اوس پننہِ وقتک جان تہٕ زبردست عاَلم ماننہٕ یوان۔ "تحفۂ مہدی" ناوٕ چھےٚ یہنز اکھ کتاب از بروٚنہہ زٕ ہتھ وری چھاپ گمٕژ۔ مےٚ نش چھُ اَمیک صرف نُزوق۔ مہدی صاَبن اَس "قصص الانبیاء" ناوٕ اکھ بُڈ مثنوی تہٕ لیچھمٕژ یتھ منز الہ پلہٕ بینژاہ ساس شعر آسی۔ بوٚز یہٕ مثنوی چھےٚ راَوِس تل۔ اَمیک پےٚ تہٕ نیب چھُنہٕ وُنہٕ تہٕ بیلان۔ یموٚ چھُ "جنگِ خیبر" ناوٕچ اکھ رزمیہ مثنوی تہٕ تصنیف کرمژ۔ یہٕ چھےٚ کاشُر پاٹھُو۔ یم آسی بیشہ کنٕز اُستاد۔ غلام مصطفیٰ شاہ مُصفا، مولوی عبہ صاَب بیتر آسی یہند شاگرد۔ مہدی صاَبُن کانہہ کاشُر نعت گوو نہٕ دستیاب، تہند یہٕ فارسی نعت چھُ تہندِ استادی تہٕ فارسی زبانی پیٹھ جان عبور تھاونچ شہادت دِوان۔

اے مُلِ ساغرِ خُمِ طاہا — قُلقُلِ آبگینۂ اسریٰ
اے گُلِ روضۂ خُدا دانی — بلبلِ خوشنوائے ما اَوحیٰ
شاہِ شاہانِ عالمِ ملکوت — ماہِ تابانِ مرکزِ غبرا
طوطیٔ نازِ طارمِ علوی — غلغل اندازِ قبّۂ مینا
مہمانِ اُبیتُ عند اللہ — میزبانِ شفاعتِ کبریٰ
قرۃ العینِ دیدۂ یاسین — دُرّۃ التاجِ اوجِ ثُمَّ دَنیٰ
انجمن سوزِ طاغیانِ زمین — انجم افروزِ آسمانِ ھُدیٰ
گیسوئے تابدارِ تو واللیل — پرتوے از رُخِ تو شمسِ ضحیٰ
انہ لعمرک عمامہ ات برسر — وز فتحنا بدوشِ تو طغرا
روحِ اقدس کمینہ چاکرِ تُست — نوح اندر فتوحِ تجیتنا
کاسہ لیسِ بساطِ تُست خلیل — مائدہ خوارِ خوانِ تو عیسیٰ
درس اندوزِ مدرستِ ادریس — شعلہ افروزِ مشعلتِ موسیٰ
محمل آرائے ناقۂ ات صالح — فرق اندازِ مسجدتِ یحییٰ

غرق درچاہ غبغبت یوسف   سر بہ تسلیم دادہ زکریا
نۓ نواز درِ تو اسرافیل   چرخ انداز گنبدِ خضرا
خم کمر بر درت جم و نودر   دم گرفتست قیصر و کسریٰ
چار یارت خلاصۂ کوثر   چار اسرار عالم بالا
روز و شب نعت خوانِ تو مہدی   نالہ زن مثل بلبل شیدا
دایم از ابرِ رحمتِ باری   آب تسلیم بر تو اے والا

## عزیز بابائے کافی

کافی صاب آسی وِنجہ بیارِ کُہ، ابتدائی لیکھ پر آسکھ حاصل۔ پننہِ ذاتی مطالعہ ستی اوسکھ جان استعداد لوبمُت۔ یہندی کینہہ نعت، منقبت تہٕ غزل چھ منتشر صورتس منز میلان۔ وہ نِ گوو کافی صاب آسی نہ سیّدی کینہہ تہٕ۔ یم آسی لکھٕ ہند کلامہ تہٕ پننٕ تخلص وا ٹھِتھ درتاوان۔ اَمچہ چھیٚ کینہہ مثالہ یہندی دستِ شریف ستی لیکھتھ مےٚ نش موجود۔ کافی اوس تُک بندی تہٕ کران۔ مثلن

ہتےٚ وٕنیس کرہ تہٕ میٚنےٚ ستی اشنائی
ختائی چاےٚ چاوتھ پاخنائی

کافی ہندی نعت چھ شمولیت خاطر کانی ۔

۱

اے صبح صادق روز تم   فریاد لوکھ بوزتم
پُرسوز چھس وہ نِ سوزتم   یا در مدینہ یا حرم
ونہٕ ہا پننٕ غم سر ورس   وادس اَتھے یا شیٚچھ کرس

چشمو برس تل خوٗن ہرس
ازلگ پزر ابدک سحر
بیٚیہ کاُنہہ چھا تیُتھ ہیٚو ٹھزر
میمس ادب سے درنسب
شاہِ عرب کاسم صعب
ووٚل نفس ملعون مٔے زال
ورزُم تمی باُطل خیال
ابلیس چھُم پھرِ پھرِ پھرن
زیاد چھُس زیٚیٚ کُن کرن
اُمید چھمَ لاتقنطوٗ
دِلِ مُردہ راکُن زندہ تو
اَذٕے وسیلہ ژور یار
از بہر رَب کردگار
یوٚد اُمّتی! کرِ ہم نِدا
کرہے فِدا زوٗ چھُم مُدعا

ہر ساعتہٕ ہر وِزِ دمبدم
سر مُرسلن سٕے کر نظر
چھُنہٕ کانہہ اکھاہ تیُتھ محترم
میم از قرب دال از عجب
گیسو چو شب یٚس جیم خم
یوٗز تہٕ اپٕرٕ لوٚد نم و بال
ارزُم نہٕ کانہہ کرتم رحم
اَز راہِ دین چھُم راوِ رَن
ایمانِ محکم بخشتم
اکھ جلوٕ ہاوِو رو برو
اکِ نظرِ چھےٚ حقہٕ سُند قسم
اولادو اصحابے کبار
ہر جایہ راضی روزتم
لاران یِمے کاُنی گدا
تتھ زِ اجابت تھاوتم

# مُحمّد سُلطان میر

سُلطان صابُن زاسنہٕ چھُنہٕ معلوم۔ پوٚز سنہٕ ۱۹۱۴ء ۔ سنہٕ ۱۹۱۵ء منز اُسی یم حیات۔ تمہٕ دوہہ آسہن، میانِس والدِ بزرگوار خواجہ عبدالرحمان ہندِ وَننہٕ کنہِ، ۲۹ ۔ ۳۰ وٕہری، اَمہِ کنہِ چھِ یم اندازاً سنہٕ ۱۸۸۶ء منز زامتی۔ میانِس والد صابنہٕ وننہٕ گئے یم سنہٕ ۱۹۴۸ء منز یمہِ عالمہٕ۔ یہند لیوٚکھمُت نعت چھُ بالکل منفرد بحرِ تہٕ رنگس منز۔

رنبہٕ دِنہٕ مُرسلہٕ کلہٕ وندِیو
دیدارِ چانہٕ بلہٕ کلہٕ وَندِیو

ابتدا کوٚرنکھ ژٕے پیدا!
ژٕیئے کٔرن عالم گوو شیدا

ژٕے چھُکھ ابتدا تا انتہا
معشوق آزلہٕ کلہٕ وَندِیو

مٔلایِک چانی خدمت گار
سارٕی چانی تابعِ دار

جبریلِ امین پچھے جلو دار
پچھے کران مورچھلہٕ کلہٕ وندیو

خالقن بخشنَے تاجِ لولاک
ژٕے کھوٚتکھ بیرس برافلاک

کوتاہ عرشس اوس اشتیاق
لتَن ژٕوَل زلزلہٕ کلہٕ وندیو

لول چون جِنَن تہٕ انسانَن
بلکہ پچھے جنگلی حیوانَن

محبت زمینَن تہٕ آسمانَن
کھوٚد پچھے ولولہٕ کلہٕ وندیو

کرِ کیاہ ذرٕ ما دوٗرِ چون
ژٕیئے سواکھ بوزحالِ دِل میون

یکھنا ساتھاہ مہمان سون
ردے ہا وکنہٕ ژعلہٕ کلہٕ وندیو

لولن چانی چھَم گنڈمِژ ترائے
سینس منز باگ چھم چانی جائے

چیشمن بیٹھ بوہیمہٕ چانی پائے
مأنزِ کنہٕ خوٗن ملہٕ کلہٕ وندیو

سلطانَس چھُ ژٕیژ چون ارمان
دوٗرِ چانہٕ چھُم دِل گریان

قدمن کرٕ ہے سر قربان
بیمار اَدٕ بلہٕ کلہٕ وندیو

## امیر بابلِ تے اعمٰی

اعمٰی اوس عبدالاحد ناظم سُند زیٹھ بوے ، لو کچارس منز اوس شُتلی
بیمارِ سِتی اعمٰی گومُت ، پوٚرمُت لیوکھمُت اوس ، نیتھر روٗس آسنہٕ کنی گوٚ و لا ولدِ ے
یمہٕ عالمہٕ ، اُمی سُند چھُ بِنٹھِے کم کلامہٕ دستیاب سپدان ، اکھ نعت آو دار بیوٚ
اُتھر کھینی تیوٚ ورقو بیٚھ سُیٹھاہ وقت خرچیتھ تہٕ کوٚ ٹھو ژروٚٹ کرِتھ مشکلِ سان
پرٕتھ نقل کرنہٕ ۔ یہ چھُ اعمٰی صابن ناظم بندِس مشہوٗر نعت "چھُس دوٗرِ پیومُت
گژھِتھ روٗدُم یار مدینس" خیالس منز تھوٚوِتھ ووٚنمُت ۔ امیر بابہ اوس
اعمٰی ہے تخلص تہٕ ورتاوان ۔ بٔنی یہ پریشانی چھُ امیر بابہ نعتِ شریفس منز
تہٕ بیان کران ۔ سہ

دوٚرتھ پانہٕ بِنتھ لار موٚت متانہٕ مدینس
تسٕ راضی سُے گوٚو پانہٕ یُس گوٚو پانہٕ مدینس

بے آش مہٕ گژھ روز خوش بوٚد چھے پنہٕ اُچھن گاش
دوٚنی ہوشہٕ دِلہٕ کے روشہٕ گژھ رندانہٕ مدینس

یاشوقہٕ بِنتھ گژھتہٕ سوداگارِ محبّت
برعشقہٕ سودا سِتی ہردوکانہٕ مدینس

ننہٕ لاگ گدا خرقہٕ لوٚلک پارتُل کشکول
خیرات لوٚلک ژھار بہ ہرخانہٕ مدینس

از دیدہٕ ہران خوٗنِ جگر نعت پران نیر
اد کونہٕ داتکھ وٚچھ تہٕ اکی آنہٕ مدینس

دل دراو کنہٕ یا جانہٕ سکھر کرِ تہٕ پتے نیر
سرتن تہٕ مُدعا پانہٕ سہ جانانہٕ مدینس

بریاپہٕ جگریس گومُت از آتشِ ہجران
لاران پہٕ تھاران نیر سۄ گریاپہٕ مدینس

از خاک دِتھ آواز تُلِن رتھ ہتھ مجنون
دِتھ چاک جامن قیرہا دیواپہٕ مدینس

از آہِ سوزان روز و شب تَتہٕ زال قندیلا
کر سوز عشقکُ نون سپدُن پرواپہٕ مدینس

از عرشِ برین خاکُن تَتھ جایہ شرف دیُت
یَتھ جایہ ترأوِتھ ڈاپھ سۄے شاہاپہٕ مدینس

کوٚر ذاتِ پاکن وصف تمُو سُد پاپہٕ در قرآن
در ارض و سما خوٚد چھُ توٚے شاپہٕ مدینس

ہر لحظ دماغس چھُ یوان زان طرف خوشبو
شاہد نیٖمَ مۄتے پاپہٕ سۄ جاناپہٕ مدینس

چھےٚ زادِ سفر جان دلو یادِ محمدؐ
غم دور گژھی لار دل و جاپہٕ مدینس

اعمٰی سینہٕ مُت مضطرب از ہجر چون سیماب
بھیران چھُ سۄے دِلہٕ باگٹھ بہر آپہٕ مدینس

## محمد یوسف ڈار زرگر تخلص یوسف المعروف مرید کاشمیری

(ولادت اندازاً ۱۹۱۴ء وفات بہ عمر ۷۰ سال ۴ دسمبر ۱۹۸۴ء)

محمد یوسف زرگر صاب آسی میانہو بزرگ دوستو منز۔ یموٗ آس نہ کانہہ باقاعدہ تہ خاص سکول تعلیم حاصل کرمژ۔ محض پننہٕ ذاتی مطالعہ تہ خداداد ذہانت سٟتۍ اوس یموٗ کلاسیکی فارسی ادبہ منز سعدیؒ شیرازی سنز گلستان، خصوصاً مولانا رومی سنز مثنوی تہ نو فارسی ادبہ منز۔ علامہ اقبال سُند سورُے فارسی کلامہ تہ تمہ پتہٕ ہُند سورُے اُردو کلامہ پرِنہ پاٹھۍ پور مُت تہ سور مُت۔ مجلس آرائی منز اوس یمن کمال حاصل، یوسف صابنیو دوستن منز آسی، مولوی محمد یوسفؒ میرواعظ صاب، چوہدری غلام عباس، سردار عبدالرب نشتر، علامہ اقبالؒ، ڈاکٹر جاوید اقبال، محمد امین تہ تہندی فرزند محمد شفیع قریشی گورنر بہار وغیرہ تہ شامل۔ حلقہٕ احباب اوسُکھ اعلیٰ تہ وسیع۔ علمی تہ سیاسی مجلسن منز اوسُکھ باوقار مقام حاصل۔ علامہ اقبال سُند اوسُکھ زبردست اثر۔ یموٗ چھُ سارِنے برونہہ علامہ سنزن "شکوہ تہ جواب شکوہ" نظمن ہُند منظوم مگر آزاد کاشر ترجمہ از برونہہ ۵۶ وری (اندازاً ۱۹۳۵ء منز) چھاپ کورمُت۔ یموٗ چھے اقبال سنزن بٮ۪یہ تہ کینہہ نظمن ہند کاشُر منظوم ترجمہ کورمُت۔ یہنز شاعری ہندی کینہہ مجموعہ چھِ چھاپ تہ گمتی یمن منز آہِ قلب، ہلالِ عید، شمع کاروان وغیرہ شامل چھِ، شمع کاروان چھُ اردو نثرس منز مگر کینہہ کینہہ نعت تہ غزل تہ چھِ اَتھ منز درج۔ یہ نعت چھُ یوسف زرگر صابن یتھ مقالس منز شامل کرنہ یوان:

شوقہ یوٚد چھکھ ژٕ طالبے دیدار      پرٚژ صلوات بر نبی مختار

صَلَّى اللهُ عَلَيْكَ يَا رَسُوْلَ الله

وَسَلَّمْ عَلَيْكَ يَا رَسُوْلَ الله

سرپَنُن خم کرِتھ دلس رٕٹھ دم ۔ پرٛ درودہ نبی ژٕے کاسی غم

صلّی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلّم علیک یا رسول اللہ

باادب روز دل تہٕ حاضر تھاو ۔ رب دِیی تار لوٚ ژٕے کھاری ناو

صلّی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلّم علیک یا رسول اللہ

سوز حاصل کرِتھ تہٕ تس کن روز ۔ جس کرِتھ تس سلام ہر دم سوز

صلّی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلّم علیک یا رسول اللہ

دیدہ گریان سینہ بریان کر ۔ صلّی اللہ علیک یا رسول اللہ پر

صلّی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلّم علیک یا رسول اللہ

زاگ ہیتھ روز بر درِ سرور ۔ لاگ عشقُن لباس ژٕے در بر

صلّی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلّم علیک یا رسول اللہ

عرض کر یا نبی بوٚ چھس بدکار ۔ آس دربار وونی مے بوزُم زار

صلّی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلّم علیک یا رسول اللہ

چھس بوٚ بدتر زاُمتت غافل ۔ چھُکھ ژٕ رہبر بحق مے کرو واصل

صلّی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلّم علیک یا رسول اللہ

بارِ عصیان مے گوٚب گوٚمُت بسیار ۔ کارِ شیطاں کوٚرُم مے لیل و نہار

صلّی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلّم علیک یا رسول اللہ

کرشفاعت مئے پیش حق اے شاہ　　رَبِّ اغْفِرْ لِاُمَّتِی در خواہ
صَلَّی اللّٰہ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ
وَسَلَّمْ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ

یا حبیب خُدا بہ چھُس بے تاب　　روئے پاکک مئے جلوٕ دِم درخواب
صَلَّی اللّٰہ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ
وَسَلَّمْ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ

ملکِ کشمیر گو وسیٹھاہ پامال　　اَسہِ چھِ وولمت ژٕہ پارٕ کھزن زال
صَلَّی اللّٰہ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ
وَسَلَّمْ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ

اَسی چھِ مظلوم بوزٕ توٕ فریاد　　کفرٕکے چنگہٕ نشہ کرٕو آزاد
صَلَّی اللّٰہ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ
وَسَلَّمْ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ

کاشرِس اُمتس چھِ لاچاری　　دستگیری کرٕو، کرٕو یاری
صَلَّی اللّٰہ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ
وَسَلَّمْ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ

چھُے ونان حال یوسفِ مسکین　　بس ژٕ چھکھ راحتِ دل غمگین
صَلَّی اللّٰہ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ
وَسَلَّمْ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ

## لسم شاہ (ولادت ۱۸۶۳ء وفات ۱۹۴۳ء)

لسم شاہ اوس ونیجہ بیارس نزدیک اُکس گامس منز روزان یتھ گرونان چھ لسم شاہ اوس باگہٕ بوٗرت صوفی شاعر۔ اُمی ہندی چھ لگ بھگ زٕ ہتھ غزل بیٚیہ کینہہ نعت تہٕ منقبت مٮ۪ے یِتہٕ مین وُہن وٚرِین منز وقتہ وقتہ مختلف گبون مجلسن تہٕ شودِ ٹکرین منز گرٛشِتھ جمع کرٛی متہٕ۔ لسم شہنٛ خاص موضوع چھُ تصوف تہٕ وحدت الوجود۔ وننہٕ کنہٕ آسی یم وہاب کھار صابنہٕ مُرید تہٕ طالب۔ یم آسی بالکل اَن پڑھ (تفصیلہٕ خاطرٕ وُچھوا اننت ناگ کالج میگزین "ویرناگ" کاننٛ حصہ شمارہ ع ۵ سنہ ۱۹۷۹ء) اُمی ہندی زٕ نعت چھ ایتھ مقالس ستہٕ شامل کرنہٕ یوان۔

۱

ماہِ عالم کیاہ چھُ تابانے　　سون محمدؐ چھُ شاہِ خوٗبانے

نورِ عجم تہٕ عربستانے　　سون محمدؐ چھُ شاہِ خوٗبانے

زٕہنہٕ تہندیے کٕنٛ چھلے پوشن　　کیاہ چھ زمین آسمان توشن

چھس وَنہٕ دان حوٗر غلمانے　　سون محمدؐ چھُ شاہِ خوٗبانے

کوٗر معراج تمی ستن فلکن　　شوہرٕ تمہٕ کےٚ ملکن تہٕ خلقن

چھےٚ مُنکرِ حالِ حارلانے　　سون محمدؐ چھُ شاہِ خوٗبانے

موہرِ نبوت چھُس منز شانن　　کیاہ بوٗزن نگرٕ غارٕ زانن

اَوبرٕ زٕروٗٹ تس سایہ بانے　　سون محمدؐ شاہِ خوٗبانے

پانژھ وقت نمازٕ بیٚیہ ترٕٛہ روٗزٕے　　ذاتِ پاکن اُمتس سوزٕے

بیٚیہ دُیت تس آیہ فُرقانے　　سون محمدؐ چھُ شاہِ خوٗبانے

نتہٕ پھیرتھ بوٗن یارن　　کوٗر انکار اَکی کُفارن

سُے کاٰفِر عقلِ نادانے　　سون محمدؐ چھُ شاہِ خوٗبانے

ژور یار تس آسی محکم　　تمی سِرس کرٛی تم محرم

حضرت صدیقؓ عمرؓ عثمانؓ نے　　سون محمدؐ چھُ شاہِ خوٗبانے

ژۆرم یار تسَ اوس مرتضیٰؓ    شُری ہتھ گوو سہ دینس فدا
ناوُ تسَ پیٚوو شاہِ مردانےَ    سون محمدؐ چھُ شاہِ خوٗبانےَ
شبُہِ درۄُد رحمت بٔنۍ یس    سایہ تمۍ ٚ سُند چھُے شاہ نسمس
مایہ تہٕنز ییے گوو سہ مستانےَ
سون محمدؐ چھُ شاہِ خوٗبانےَ

۲

صُبحکِ وقتے دژاو عرشک مہمانہ تےَ
گاہ پیٚوو عرشس شاہ چھُ پکان شاہانہ تےَ
موٚستوٗرہ عرشیچ حوٗرہ دژایس وَنہٕ وانہٕ تےَ
کیاہ رۄنہِ گنڈِتھ بیٚیہِ شرۄنہِ دار دامانہ تےَ
صُبحکِ وقتے دیوُنٹھ حوٗرو نوٗرانہ تےَ
سرداپہ وۄلو سانہِ عرشکِ دُردانہ تےَ
صُبحکِ وقتے کوٚرُن معراج شاہانہ تےَ
حضرت جبریلؑ اوس قاصد میانہ تےَ
اژن تمۍ بُراق خاصہِ پیٚرِتھ سامانہ تےَ
سنگر پرپرنے یہِ کُنگرن پیٚو نوٗرانہ تےَ
محبوٗبہ سُندے لوٗب مےٚ چھُم ہر آنہٕ تےَ
تی لایزالَن پانہٕ کوٚرُن بیانہٕ تےَ
نوٗرانہٕ ییے پتھ نوٗر پیدہ بوو دیوانہٕ تےَ
مشکین مویس روے وُچھمس تابانہٕ تےَ
صُبحکِ وقتے چشم شمع گریانہٕ تےَ
گتھ کرِتھ عاشق پیٚوو ہاڈِتھ پروانہٕ تےَ

## محمود گامی

محمود گامی بندی ترٛے نایاب تہٕ اَچھاپٕے نعتِ شریف چھ توٚبرُک زانِتھ یتھ مقالس منٛز شامل کرنہٕ آمٕتۍ۔ اکھ نعت شریف میوٚل اکہِ کرم کھورده تہٕ خستہٕ جُزوِ منٛز۔ دوٚیم نعتِ شریفک چھ محمود گامی یس بیٛٹھ برونٛہہ مُنعقد کرنہٕ آمتس سیمنارس منٛز ذکر کرنہٕ آمُت۔ ازِ چھُ یہ مکمل نعت پیشِ خدمت تہٕ حال حالے بدس آمژ اکہِ بیاضِ کنہِ پچھے اَمہ نعتہٕ کِس اَکِس اَخری شعرس تبدیلی آمژ ووٚنی پچھے اَمِچ زیادٕ صحیح صورت نیامژ۔ شعر اوس برونٛہہ یتھ پاٹھی ؎

قافلہٕ دور یوم کاروانہٕ دژاو غافلہ پانو نیٚندرٕ مو ترٛاو

ووٚنی پچھے اَمِچ صورت یہ ؎

مُنزِ لہ مٔنٛے دوٚر یوم قافلہٕ دژاو غافلہ پانو غفلت ترٛاو

محمود گامی سُند ترٛیٚیُم نعت شریف کوٚر مےٚ سٹھاہ خستہٕ، کرم خورده تہٕ شکستہٕ ترین ورقو پیٛٹھ سٹھاہ بوٚڈ محدب شیشہٕ استعمال کرِتھ وارِہن دوہن سوٚچ سوٚچ نقل، تِکیازِ یہ اوس صبر شکن آمیزی خطس منٛز لیکھنہٕ آمُت۔ یہ چھُ ژھوچہ بحرِ منٛز تُتھی بحرِ منٛز یتھ منٛز محمودن قصہٕ شیخ صنعان لیوٚکھمُت چھُ۔

محمود گامی سُند چھُ نوٚ سِر کینہہ کلامہ حال حالے مےٚ بدس آمُت، یہ چھُ منتشر ورقن پیٛٹھ آمیزی تہٕ روان خطس منٛز تحریر سپدمُت۔ اَمیُک پرُن چھُ بے حد مشکل صحت، لُن لبُن تہٕ واتس ہے پوشہٕ یہ کام تہٕ ییہ وار وارٕ کابہٕ انٛنہٕ۔ انشاءاللہ۔

١

نورِ ظہورُک پرتو ترٛاو یارسول اللہؐ دیدار ہاو

ژٕے چھُک رحمتُک بوٚڈ دری یاو ژٕیٛنے چھُے حضرت محمدؐ ناو

ژٕیٛنے تِنشہٕ سورُے کاینات دُراو یا رسولؐ اللہ دیدار ہاو

رُس منٛز باگ رُوح بیٚلہٕ ژاو ملکو تَس کرُن سجدٕ دژاو

رَد کوٚرُن شیطان گوو بدناو یارسولؐ اللہ دیدار ہاو

پھولہٕ وُن بہار موٕلئے آو    باغن تہٕ چمنن پھیوٗر خوش ہواو
ییلہٕ آکھ تیلہٕ کرٕ گلہٕ نبے کرٗاو    یا رسول اللہ دیدار ہاو

پوشہٕ کَس باغس منز وتھراو    محمد ژور یار ہتی ہنتھ آو
حورہٕ چھےٚ ژیئے کیٚتھ کران پاراو    یا رسول اللہ دیدار ہاو

سخ داٗدی لدن چھےٚ آمہٕ تاو    شربتہٕ دیدارہٕ سنٚے شیٚتھلاو
روضس پنٕنس بر مُژ راو    یا رسول اللہ دیدار ہاو

کَس ؤنہٕ زانوٗ بُنتھ کیاہ آو    گنٕہ منز سارنے گاشاہ ہاو
دین بیٚنیہٕ ایمان سلامت تھاو    یا رسول اللہ دیدار ہاو

اَسہٕ کرٕ غفلت بیش تی آو    گناہ گارن کُس ہیٚنیہٕ ناو
اُمید چاٲنی، اَسہٕ مہٕ مُشراو    یا رسول اللہ دیدار ہاو

مُہر نبوت نشانہٕ آو    شانن منز باگ تھاونہٕ آو
منےٚ تہٕ چھُم دردل وُچھنچ کرٗاو    یا رسول اللہ دیدار ہاو

کتھ چھےٚ کُنٕیے دردل تھاو    اُستاد ژھاوُن آتش سرباد
یمہٕ تراد مُستی تسُ اَتھہٕ آو    یا رسول اللہ دیدار ہاو

محشرکہٕ میدانہٕ اَسہٕ موکہٕ لاو    بیٚنہٕ کیو تنہٕ، بس چونےٚ ناو
سَتھ چاٲنی قطاَسہٕ گوہن تراو    یا رسول اللہ دیدار ہاو

نُنزکہٕ منے دوریوم قافلہٕ دراو    غافل یانو غفلت تراو
محمود ژیے کُن اُمیدوار آو
یا رسول اللہ دیدار ہاو

۲

شب ورۆز ؤنی تو بٔنیس ناری — ساری لگہٕ وے پاری تس
دۆہ شہوٗنی عالمن تسٕنٛز سرداری — ساری لگہٕ وے پاری تس
جبرئیل کرُنس خدمت گاری — ربہٕ بنٛدی فرمان واتہٕ ناوی نس
اۆبرٕ ژرٕ ژٹ ہمیشہ کرٕ سایہ داری — ساری لگہٕ وے پاری تس
کھور معراجس پانہٕ جباری — سورُے ہاوِتھ سیر بادی نس
دۆد مانجھ انٕی ہس پیالہٕ بری باری — ساری لگہٕ وے پاری تس
دۆپ نس اُمت زالٕی زمنہ ناری — ہمت وُچھتو تس بٔنیس
بخشنے اُمتہٕ دۆپس غفاری — ساری لگہٕ وے پاری تس
پۆز دۆپ تمہٕ دۆہ تمی یارِ غاری — پنز چھم محمدؐ بارِ پُشتس
گوبھ منز دِژ تس لۆبھ شہماری — ساری لگہٕ وے پاری تس
وُچھتو کیاہ کۆر شاہِ درداری — اُچھ کڈن مشت دِتھ شیطانس
عادِلن چھ تہنٛدُے استظہاری — ساری لگہٕ وے پاری تس
پانہٕ بوڈ عثمانٔ لگہٕ ہس پاری — آیہٕ آیہٕ سوٚمبرن قرآنس
حیا دستی تمی لب کا مگاری — ساری لگہٕ وے پاری تس
حضرت شاہِ مرتضیٰ شیرِ جباری — ماہ زن زوتان آسمانس
دُلدل تہنٛدُے برق رفتاری — ساری لگہٕ وے پاری تس
فرمانِ حضرتؐ پیٚے وستہٕ جاری — آسہٕ کیٛہ غم زاہ محمودس

کاسہٕ پرٕزی پاٹھ سے آسہٕ بے چاری
ساری لگہٕ وے پاری تس

۳

زار بوزتم یا مولا کرواتہٕ بہ سوے بطحیٰ
کعبس ڈیکہٕ دِتھ پرٕہا سبحان ربی الاعلیٰ

لوبہٕ ستےٚ چھونٔم سینہ کرواتہٕ مکہ مدینہ
سر تھاوٕہا برزمینہ ڈیشن عرفات مِنا

حضرتٕچ بنزن وتن ڈیشتھ آبہٕ ہا متن
یم چشمہٕ وتھرس وتن ڈُچھہن گنبدِ خضرا

ڈُچھہن برمٕژ رآدِتھ کتھ شایہٕ چھُم ڈاپھ ترآدِتھ
پاین تل سر ترآوِتھ ودان کرہس عرضا

دپہس ہا تھدِ پایے وڈٕہتھ چھِ اسی چانہٕ مایے
کھُٹِتھ رودُک ژھایے اُنتےچھےٚ گامٕژ پھلوا

تھوٚددہ تھ سانہٕ سردارے احوال سون بوزوارے
بیکس چھی لاچارے افتادٕ پے مِتہٕ از پا

اُسی مآری نفسِ امارن نگہٕ منٚز چھِ اسی بدکارن
شیطان چھُ پتےٚ لارن افسوس چھُم واویلا

یادِ لس ووہٕ نی پیوم تاوٕن لوکہٕ چار یار گوم راوٕن
نوٚن چھُس چھوٚن اکھ ہاوٕن ژھارن دیدارِ مولا

للہ کرتم مےٚ یآری کاستم غفلت تہٕ خوآری
محمودس پاسِ بآری ایمان کرتم عطا



کشیرِ ہُندِ اکھ گُمنام فارسی نعت گو شاعر

# مولینا عبدالرّسول خانقاہی

غلام نبی گوھر

کشیرِ اندر آو اسلام صوفیائے کرامن ہندِ وساطتہٕ یمو اُسوہ حسنہٕ کس قالبس اندر بنیتھ زندگیہ ہُنز مثال آسہٕ۔ یم خدا دوست حضرات سادات تہٕ یا کاشرِ ریشی دوشوٕنی ہُند مشترکہ اثاثہٕ اوس فقط حب رسول صلی اللہ علیہ وسلم۔ حضرت امیرؒ تہٕ آے کشیرِ تہندس بیٚس ستہٕ ستہٕ آو دلن تہٕ دماغن تمہِ کوثرُک سرِ بہٕ آبیاری کران یُس تمن جہل اسرار ناوکین ژتجہن نعتیہ غزلن ہُند اموب روح چھُ۔ یمن ژتجہن رازٕ گنجن از تام کاشرِ مخصوص طور امارِ پچ آش وندان آے۔ اَتہٕ پیٹھے روٗد کاشرِ ذہن، سونچ تہٕ زبان درتعریف سرورِ دوعالمؐ ووندن ہُند یور لوٗزِ راوان۔ کاشرِ زبانیٚ منز کوٗر حضرت شیخن رحؒ عقیدتہٕ چہِ یژھ تہٕ خلوص چہِ پژھ ستہٕ نعتک پھوٗلژ ذسلابہٕ تہٕ تتہٕ روٗد نعتیہ شاعرن ہندی کاروان پھبان تہٕ پھولان۔ اَتھ لرِ لوٚب روٗد کاشرِ تردماغ فارسی زبانیٚ ہندس نعتیہ ادبس تہٕ بڑر کران۔ یمن فارسی نعت خوان شاعرن اندر چھِ حضرت شیخ یعقوب ایشان صرفیؒ، مرزا اکمل خان بدخشیؒ، خواجہ حبیب اللہ نوشہریؒ، ملّا فاخر، بہاء اللہ متو، عبدالغفار تائب، میر حسین قادری، غلام رسول شیدا، جید کشمیری بیترِ درجن واد اہم صاحب فن شاعر مگر یمو منز روٗد اکثر شاعرن ہُند شاعرانہ رتبہ سِر گژھنے تکیازِ یمہِند خوٗنِ جگر روٗد میلادچن محفلن، استانن ہنزن مولوٗد خانٕین تہٕ خانقاہن ہنزن شبینہ مجلسن تام محدوٗد۔ احتمال چھُ زِ فارسی خواندہ

ہُند کاروان تہٕ گژھہٕ ژھوکان تہٕ یمن گاشرٕ منارن ہُند گاہ تہٕ ییہٕ گُمنامی ہندِس کالہٕ اڈرس وَلنہٕ۔

یتھ مضمونس اندر کرہٕ بہٕ ینٛھی سے اَکس گُمنام مگر عظیم فارسی شاعر سُند تذکرٕ یمو سٕندی درجہٕ واد نعت تہندین زُربن تہٕ معلوم چھنہٕ۔ حد چھُ گوڈٕ چھُنہٕ یتہٕ معلوم زِ تس چھا زُری شری اُسمُت تہٕ کِنہٕ نہٕ۔ اَمہٕ ہندِس اکھ نعت تہٕ اکھ منقبت چھُ مے وُنیکتام صرف ژرارِ شریف آستانہٕ شبینہٕ محفلن منز بوزمُت یہٕ تتہٕ تہٕ صرف حاجی غلام حسن مجید صاَبہٕ نس خوش لحنس منز۔ بیٚیہ چھنہٕ اَمہٕ ہند نعت کٲشیرِ منز کُنہٕ تہٕ پرنہٕ یوان۔ یہٕ عاشقِ رسولؐ چھُ مولانا عبدالرسول خانقاہی یَس ہندِس نعتس منز مولانا جامی سُند عرفان، امیر خسرو سُند گداز تہٕ قدسی سُند درد سوز ژھونٛڈہٕ ماران چھُ۔ چونکہ اَمہٕ ہند کلامہٕ چھُنہٕ خاص طبقس تام تہٕ ووت مُت تہٕ لہٰذا اَمس متعلق کلامہٕ کرہٕ برونٛہہ کرن بہٕ پرن والین ہندین نظرن شہجار دِنہٕ خاطرٕ تہٕ دوہندن سرِ ہہٕ پھرنہٕ باپتھ بطورِ نمونہٕ اَمہٕ اکھ پوٚر نعت پیش۔

اے ترا ملکِ دو عالم یک قلم زیرِ نگین
صد سلیمان ہمچو سلمان بردرت سایہ جبین

گرچہ کلکِ دو زبان دستِ تو یکرہ برنداشت
نیست بیرون از خطِ فرمانِ تو دنیا و دین

گر بہ صورت احمدی امّا بمعنائی احد
اسمِ تو خیر الرسل جسمِ تو ختم المرسلین

روشن از روئے تو عالم گلشن از بوئے تو خاک
بود آدم ما و طین تو مطاع و ہا و یا و سین

نوح از طوفان بدرست پناہ آور درگہت
ورنہ بے جودت وجودش کے شدی جودی نگین

از نسیمِ خلقِ تو رفت بوئے بر خلیلؑ
کاں ہمہ آتش بر دریحان شگفت و یاسمین

سیم و زر لعل و جواہر قیمتِ یوسف نمود
قدرِ تو افزون از لولاک اے دُرِّ ثمین

پایۂ معراجِ موسیٰ زیں جہاں کوہ پارہ
حجلۂ خلوت سرائے خاصِ تو عرش برین

عیسیٰ مریم برائے دستِ بیعت یک قدم
از زمین آمد بہ چرخ از چرخ آید بر زمین

ناقہ وارث صالح و ہارون بہارونی دوال
غاشیہ ات بخشید فخر شہپر روح الامین

در شبِ اسریٰ بعبدہٖ بر کمالِ سرعتت
از ملک طوبیٰ لک آمد از فلک صد آفرین

قابَ قوسین پایۂ ادنیٰ بود از قرب تو
در شبِ معراج چون در لامکان گشتی مکین

| | |
|---|---|
| والضحیٰ از مصحفِ وصفِ جمالت صفحہ | معنی والیل اشعارِ زِ شعرِ عنبرین |
| آیت انا فتحنا پرچمی از رایتت | چوں تو بر کس نیست منزل انچنین فتح مبین |
| صاف شستی چوں تو بکشادا دستِ تیر بے خطا | از کمان مارمیت اذ رمیتہ در کمین |
| بہر اثباتِ کمال دستِ کاروشن است | رجعتِ خورشید یا شق القمر از شاہدین |
| خاقصی چوں بر کمالت پے بردئیں کس کہ گفت | ذات پاک اندر صفاتت رحمۃ للعالمین |
| صد درود و صد سلام از ما بیکی صبح و شام | بر تو و بر آل و صحب و اہلبیت طاہرین |

در دو عالم وردِ جاں نام تو میساز د رسول
بر اُمید یک شفاعت یا شفیع المذنبین

مولوی عبدالرسول خانقاہی چھُ ژرارِ شریفُک اوس مُت تہٕ پٹھان دورک ظلم و جبر چھُن وُچھمُت تہٕ اَتھ بیٹھ چھُن احتجاج تہٕ کوز مُت مگر پانس چھس عطا محمد خان صابنِس گورنری عہدس اندر آسائیش تہٕ وارثہٕ مگر تو تہٕ چھن تہٕ اَمہٕ کٕڈرِ وقتکی باروو دِ نی تراوی متہٕ۔ عطا محمد خانس ستی چھُ اُمس محض تیشرے وابستگی آسمژ یتھ راہ اُکس مخصوص وَتہٕ پیٹھ یکن والین دون ہمسفرن آسان چھیے۔ مولٰنا عبدالرسول اوس حضرتِ علمدارِ کشمیر سُند عاشق، منقبت خوان بلکہ خادمِ دربار تہٕ عطا محمد خانن اوس اَتھ دربارس ستی پننہٕ عقیدتُک خاص اظہار کوز مُت۔ ژرارِ شریفُک خانقاہ، نقار خانہ، لنگر خانہ بیتر گیٔ اُمی دورس اندر تعمیر تہٕ یمن عمارژن ہُند تعمیر کہ تکمیلک قطعات تاریخ چھُ اُمی تہٕ جید صابن لیکھمتہٕ۔

مولانا صاب آسی پانس خانقاہی تخلص لیکھان تہٕ یتھ کنی اوس ژرارِ کین اکثر فارسی خواندن یہ خیال زِ یم چھُ شاید سرینگرٕ کہ خانقاہِ معلی محلک روزن والی آسی متہٕ۔ سُہ طبقہٕ آو ژھوکان بلکہ تم ساری چھُ ووڈنی رحمتِ حق گامتہٕ۔

میون مرحوم والد صاب اوسہٕ اَتھ خیالس ستی اتفاق کران۔ تہنْد یہ خیال زِ مولانا عبدالرسول صاب آب ہا ژرارکس خانقاہِ شریفس اَندی کی روزان تہٕ اوے اُمس خانقاہی دنان تہٕ چھہٕ صحیح باسان۔ مطالعہ کرِتھ پیدہ میے یہ تحقیق زِ چونکہ رسول صابس چھُ ملا عطاؤاللہ خانقاہی پیر تہٕ وہ استاد اوسمُت تمی

تناسبہٕ چھُ یِمو پانس خانقاہی تخلص تھوو مُت ۔ یہ چھُ سرپرستی ہند خلوصک کمال زِ
مولٰنا رومی رحؒ صابن ترووِتھ پنُن غزلن پنُنس پیر حضرت شمس تبریزی رحؒ سُند لکھت تہٕ
مولٰنا رسول صابن کُر پنٕنی شناخت پنُنس اُستاد ہِندس پرزنتس منز ضم ۔ امہِ
خلوصک سرہیہ چھُ یمن شعرن منز ٹاکار ؎

منکہ بود ستم ہلال روئے زرد مہر او ستادم مہہ دو ہفتہ کرد
اب رُبُ آمدو خیر الا باست مَن تعلم شاہد غیر الا باست

حد چھُ زِ یہ تہٕ چھُنہٕ معلوم زِ رسول صاب کُرہِ مولوی گھرُک چشم و چراغ اوس
تہٕ نہ چھُ اُہندِ بن زُرِ بن ہُند کانہہ پے ۔ شاید چھُنہٕ تس پانس کانہہ اولاد اوسمُت ۔
مولانا صاب چھُ حضرت سیٚنٛس رحؒ منقبتن اندر فریاد کران کران تُرار شریف پنُن
وطن آسنس پیٹھ ییٚتھ کنٕی فخر کران ؎

دارم وطن درکوئے تو بازاست چشم سوئے تُو
شاید کہ بینم روئے تو قربان مژگانت شوم

یا

بیکس منم در شہر تو افشاندہ ام از بہر تُو
حب الوطن را آستین یا ہُورِ انور نور الدین
دارم رجائی آنکہ من در کُو یتو گیرم وطن
عزم گریبان شُد ہمیں یا ہُورِ انور نور الدین

مولنا عبدالرسول صاب چھُ صاحب دیوان تہٕ اوسمُت تہٕ امہِ علاوٕ
چھِے یِمو اکھ مثنوی "نظم المناقب ثاقب" تہٕ تصنیف کرٕمٕژ ییٚتھ منز ۴۲۲۲ ابیات
چھِ ۔ اَتھ مثنوی اندر چھُ یِمو حضرت امیر کبیرن رحؒ ہُندی روحانی کارنامہٕ نظمٲوِمتی
بُہٕ ۔ وُہرِس حضرت امیر سُند پنُن جد بزرگوارؒ درخواب وُچھُن تمن نش پے لبِتھ
محمود مزد قانی صابس نش واتُن ییٚتہٕ بسیر ہنز تابعدٲری تہٕ امہِ پتہٕ امیر کبیر
سُند سیاحت تہٕ تبلیغ بیتر چھُ امہِ مثنوی ہُند موضوع ۔ امہِ علاوٕ چھِ یہندی دٲہ

پَنداہ نعت پانژہ پیٹھی مناقب درشانِ امیر کبیرؒ تہٕ لگ بھگ ژٕ درجن مناقب درمدحِ حضرت علمدار بدست آمتۍ ۔ یہ سورُے کلام مولوی عبدالرسول مرحوم اوس میانٛ بڑٕ بب مرحوم غلام محمد مُقیم صابَن سۄمبراوِتھ پَننہِ خوش خطہٕ ژھراوِتھ تھوومُت مگر سنہ ۱۹۶۰ گوڈنچہِ راژٕ منز یَیلہِ ژرارِ شریفہِ نار ہیوتُن اَتہ گوو اَمہِ کلامُک اکھ حصہ نذرِ آتش ۔ افسوس چھُ زِ دیوان عبدالرسول" منز چھِپے صرف ژۄر پانژہ غزلے محفوظ روزمژٕ ۔ یِمہٕ ردیفِ جیم تہٕ دالس ستۍ واٹھ تھوان چھِپے ۔ مثنوی نظم المناقب ثاقب چھ شاید تۄہۍ موجود مگر ورقن چھُس پھیر کانٛسُن ضروری ۔ مے چھُنہٕ معلوم زِ بیٚیہٕ کانٛسہِ نِش تہٕ چھا یُہند کینہہ کلامہ موجود مگر ژھارنٕچ کوشش میانٛ روزِ جاری ۔

بیٚیٹھ کِنہٕ درج کورمُت نعت چھِ ٹاکارٕ باوتھ کران زِ مولنا عبد الرسول صابس چھُ عشقِ رسولکی فرژھلی جذبن کلامس سُہ مُشکِ ادفٕ مۄلمُت یُس فارسی نعت صنفہِ ہندِن امامن ہُند خاصہ چھُ ۔ اُمی جذبُک دِلوہار چھُ خانقاہی صابہٕ نِس پرِتھ نعتس منز ۔

آبم نہ ماند در جگر از حرقت فراق
ای برق سوخت خشک و ترم قبلہ گاہ من
شُد آہ حسرتِ تو خزانِ بہار من
ای باد ریخت برگ و برم قبلہ گاہِ من

اَمہِ نعتہٕ شریفکی پَنداہ وَے شعر چھِ خوٗنِ جگر سگِتھ عشق نبہٕ کِس بیمارٕ ہنز آہ وزاری ہُند طۄمار بنیمتۍ ۔ ژھوژِس ، ژھرِس ، چھِنس تہٕ ہندٕ اُرس کیاہ ہیکہِ یِمہِ کھعوتہٕ سرمایہ آستھ ۔

مُشتی زِ خاکِ مقدمِ تو در لحد برم
زادِ سفرم ای قدرم قبلہ گاہ من

اُمی انمانہٕ چھُ یُہند پَنژہن ابیاتن پیٹھ
بیاکھ نعت فنا فی الرسولؐ

کہن اُویسن مگر طرحدار تہٕ شوٗبدار پہلوٗ دن پیٹھ مشتمل ۔ کیہنہ شعر نموٗنہٕ زنگہ پیش کرتھ کر
پہٕ نعت پلنے پننہٕ بادُتھ ۔

سینہ ریش خوٗنبارو داغدار ‏ ‏ ‏ برمثالِ لالہ زارم یا رسول ﷺ

نوٗنہالم از خزانِ ہجرِ توٗ ‏ ‏ ‏ ریختہ شُد برگ وبارم یارسول ﷺ

خانقاہی صٲب تہٕ چھُ باقین شاعرن ہندی پاٹھۍ مقامِ محمد ﷺ بیان کرنس

منز عاجزتہٕ تہٕ قاصر تہٕ ۔

شبِ معراجِ توٗ روشن بہ سبحان الّذی اسریٰ

براق برق تگ راندی زمکہ جانب اقصیٰ

باقصی الغایت الاوحیٰ دو یدی بلکہ ما اوحیٰ

مقام قاب قوسین را رسیدی بلکہ او ادنیٰ

اغثنا یارسول اللہ ارحمنا یاحبیب اللہ

بشانِ توشدہ نازل یکے یاسین دگر طاہا

بہ وحیِ توشدہ قایل یکے آہو دگر حربا

بخدامِ تو میساز دیکے غلمان دگر حوٗرا

بعنامِ توٗ میساز دیکے آدم دگر حوّاؔ

اغثنا یارسول اللہ ارحمنا یاحبیب اللہ

کاشرس قومس پیٹھ گوڈٕ پیٹھے ظلم و جبر وُچھتھ چھُ شاعر توٗہیٚ زبوٗ بنتھ
بدربارہ رسالت عرضی نزادان ۔

منِ آن مظلوم دلگیرم کہ از سر رفتہ تشویرم

زظلم آبادِ کشمیرم بافغان یا رسول اللہ ﷺ

زحد شُد دورِ افغاناں فغان از جورِ افغانان

تو دست زورِ افغاناں بہ بیچان یارسول اللہ ﷺ

کشیر "ظلم آباد" ناو کرتھ چھُ خانقاہی صاب پننہ جدّتِ طرازی کام ہیتھ
پننہٕ تواریخی شعوٗرک باس دِوان ۔

خانقاہی صاَب چھ رسولِ اکرمؐ سٕندین معجزاتن عالمانہٕ خیالہٕ سان تہٕ شاعرانہٕ نزاکژٕ ہندِس پیرادس منز تذکرٕ کران ؎

شقِ قمر و رجعتِ خورشید گواہ است
بہٕ قدرتِ دستِ قدر امکانِ محمدؐ

سیدالمرسلین محمدؐ عربی بنز ذاتِ پاک چھےٚ تمن سارنٕے عظمتن ہنز سوٚمبرن یِم بجر تہٕ گون ربِ جلیلن بیٚین پیغمبرن تہٕ مُرسلن بخشمٕتی آسی۔ عیسیٰ مسیحؑ آسی قُم باذن اللہ پران تہٕ موٚردن زندٕ کران۔ مگر آنحضورؐن ہندِ نگاہ انقلاب آفرینُک اوس یہِ معجزٕ زِ ہیٚتہٕ واد وٚریوٚ پیٚٹھ مُتی موٚردٕ دل تہٕ روٗح تہٕ پسماندگامٕتی قوم ہا قوم گیہِ اجتماعی طور زندٕ۔ حضرت موسیٰؑ اٮ۪س گوٚونوٚرچ زرٕش وُچھمٕژ غشَش مگر حضرت محمد عربیؐ صابن للہٕ تو وٚ نوٗرُک آگُر لولہٕ۔ سرورِ کائیناتہٕ سٕندِ ین یِمن منفرد عظمتن دُیت پرٮ۪تھ کانہٕ نعت گو شاعرن پننہِ پننہِ اندازٕ تہٕ انمانہٕ پھیرُ تہٕ خانقاہی صاَب تہٕ چھُ ییٚتھ کٕنی اَتھ بجرس وَنہٕ وان ؎

عیسیٰؑ کہ گرفت است زیرِ دفتر حکمت    کم نسخہ نویسی است بدیوانِ محمدؐ
موسیٰؑ کہ کلیم اللہ کہ گستاخ زبان بوٗد    یک طفل نو آموزِ دلبستانِ محمدؐ
دیوانہ شدہ ہجو پری دیدہ سلیمان    میدید اگر حشمتِ سلمانِ محمدؐ

خانقاہی صاَبنین نعتن ہند اسلوٗب چھُ بدوٗن ؎

یا شفیع الوریٰ دمے بگذر    بر سرِ کشتگان تیغ فراق
جان و دل بے سخن نثار کنند    سخنے بشنوی گر از عشاق
ز آتش شوقِ تو زنم ہر دم    سر بسنگ فراق چوں چقماق

ژوٚرن یارن ہنٛزِ پننہِ خلوصہ بٔرتہٕ عقیدتُک چھُ یِمہِ آیہٕ اظہار کران ؎

از جملہ اصحاب صفاگوئے صداقت    صدیق ربو داست بہ چوگانِ محمدؐ
عمرؓ کہ میانِ حق و باطل شدہ فاروق    عادل ترازو نیست بہ میزانِ محمدؐ
بر بام فلک نعرہ زنانند ملائک    احیائے حیا آمدہ عثمانِ محمدؐ
در مکتب علم ازلی حیدرِ کرار    گویند کہ بوداست زبان دانِ محمدؐ

یہ مضمون اند واتناونہ بروہ نہہ کر یہندین مناجاتن نہ منقبتن ہُند نمونہ پیش سہ

کن کرم پروردگارم انت خیر الاکرمین
فتح بابِ کار و بارم اَنت خیر الفاتحین
چشم آں دارم کہ در ہر طرفۃ العین افگنی
صد نظر بر حالِ زارم انت خیر الناظرین ،

یا

اے اسیرانِ نواز دارین عتیق
عاشقانت مست بر جوش رحیق
من گرفتارم بصد بند مضیق
خود ندارم جز تو در عالم رفیق
نجنی من کلّ ضیق یا شفیق

ہر کسے نازانِ کردارِ خود است
اعتبارِ ہر کس از کارِ خود است
بندۂ مسکین گرفتارِ خود است
شہر بندِ چار دیوارِ خود است
نجنی من کلّ ضیق یا شفیق

حضرت علمدارِ کشمیر ہندِس تعریفس منز چھِ درجن واد مناقب خانقاہی صابن تصنیف کرِ مِتی سہ

اے شیخ فخر المتقین یا ہورا النور نور الدین
دے مرشدِ حق الیقین یا ہورِ النور نور الدین
کشمیر را آباد کُن ایں خطہ را آزاد کُن
از چنگِ ظلم ظالمین یا ہورِ النور نور الدین
شیخ نور الدین کہ گردوں جُبّہ سا بر خاک اوست
شاہ انجم خاکبوسِ بندۂ چالاک اُوست
منبعِ علم لدُنی سینۂ بے کینہ اش
معدن اسرار عرفان معدۂ کاواک اُوست
معنیٔ الفقر فخری را نہ کس چوں او شنید
فقر و فاقہ افتخار خاطر دراک اُوست

ادارٕ چھُ ییٚتہٕ لس حضرت بل درگاہ کِس سابقہ امامِ حی تہٕ خطیبِ درگاہ مرحوم غلام احمد فاروقی صابُن اکھ موٗخصر انتخاب کلام شامل کران۔ موصوف اٲسی فارسی علاوٕ کاشرِ زبانۍ منز تہِ نعت گوئی کران تہٕ عام پاٹھۍ اٲسی عاصمؔ تخلص کران۔ موٗجوٗدٕ امام وخطیب مولانا بشیر احمد فاروقی چھِ لیکھان زِ یِہُند تاریخِ وفات چھُ ۷، ماہِ جمیدالثانی ۱۴۱۲؁ھ مطابق ۱۴، ماہِ دسمبر ۱۹۹۱؁ ابروزِ شنبہ بعدِ نمازِ عصر۔ یِہندِ کلامُک نموٗنہٕ چھُ پیش:

فدائے خاکِ نعلینت دل وجان یارسول اللہ
صدائے ماغریباں است گریان یارسول اللہ

یہٕ اُمت بے سروسامان غریب وناتوان گامُت
علم دِیِنج پتھ ییٚمتہٕ زِ ایوان یارسوٗل اللہ

زِ روضہ دوٗرِ نی پنبرا ہتوٗ خبر ہیۍ توٗ بمحتاجاں
بعاصمؔ اکھ نظر کرٕ ی توٗ زِ احسان یارسول اللہ

---

اے شاہِ اقلیمِ قدم
مکہ مدینُک محترم
چھُک گنجِ لُطف ومرحمت
والیل چھےُ موُیُک صِفت
اندر ازل نوٗن دژاکھ ژٕ ے
شاہنشہِ لولاک ژٕ ے
عاصمؔ چھُ اُمت زیرِ در
لُطفٕچ کر بوٗس نا اکھ نظر

چھُک خاصِ معشوقِ خدا
عربُک تہٕ عجمُک پیشوا
چھُک اُمتس پیٹھ مغفرت
رویُک صِفت چھےُ والضحیٰ
آخر زمانس آکھ ژٕ ے
چھےُ مرحبا چھےُ مرحبا
براندس سُہ چانِس دِتھ چھُ سَر
یا سیّدا یا سیّدا

★

# کاشرِ مرثی منز نعتُک حصہٕ

نشاط انصاری

بلغ العلیٰ بکمالہٖ کشف الدجیٰ بجمالہٖ
حسنت جمیع خصالہٖ صلوا علیہ وآلہٖ

---

نعت لفظ کنن گژھ ہو تھے چھےٚ ییمہٕ کاینانٕچ سو عظیم المرتبت اعلیٰ ترین تہٕ بشری شخصیت اُچھن. برونہہ کُن یوان، یہٕند اسم مبارک احمد مجتبیٰ محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم چھُ یمن سرخیل رسالتِ الٰہیہ، خاتم النبیین تہٕ رحمتہ للعالمین آسنہٕ علاوٕ اکس لچھس تہٕ ژٕ وُہن ساسن نبی ین، پیغمبرن تہٕ مرسلن اندر مرسلِ اعظم آسنُک شرف تہٕ حاصل چھُ۔

یہٕ نعت چھُ تہندی سے ذاتِ بابرکتس سنٛز تھٕ کُنہٕ مخصوص، یتھ پاٹھۍ گولاب پوشہٕ خاطر ییمیک لُوبہٕ وُن تہٕ پرٛیہ وُن رنگ تہٕ میٛچ شمامتہ العنبر خوشبوے چھےٚ۔ پننہٕ لغوی تہٕ اصطلاحی معنہٕ مطابق ہیکہٕ نہٕ یہٕ نعت محبوب کبریا صلعم ہندِ ذاتِ اقدسہٕ ورٲے بیٚیہٕ کانسہٕ تہٕ نبی لیٚس یا اہل اللہس سنٛز منسوب اُستھ۔

سارنے شعر ذاژن تہٕ صنفن ہندس کنٛوتہٕ فارسس منز لوبہٕ کاہنہ منظوم تخلیق جناب سید المرسلین صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم ہندس شانس منز پیش یہٕ کرنہٕ، تتھۍ چھِ نعت ونان۔ نعت لفظُک لغوی معنہٕ چھُ تعریف، توصیف محامد تہٕ خاص کرِتھ سو تعریف ییٚمیک سنیدِ سیوٚد تعلق دانائے سُبل محمد عربی صلعم ہندس ذاتِ مقدسس سٟتۍ آسہِ، سو توصیف، یتھ اندر فقط تہٕندِ نظارہ سوز حسن وجمالُک منظوم ذکر یہٕ کرنہٕ تہٕ سو مدح سرائی یتھ منز تہٕندین روحانی تہٕ بشری وصفن ہنز باوتھ آسہِ۔ اکھ خاص تناظرس منز ونو نعت، بائے سہٕ کُنہٕ تہٕ

فارسس منز آسن نتھی کلامس ییتھ اندر اشرف الانبیاء صلعمن ہند سراپا تہٕ شکل وشمایل، قدِ زیبا تہٕ حسنِ ملیح، جلال نبوت تہٕ سیرت طیبہ، اُسوۂ حسنہ تہٕ اوصافِ ربانی، اقدار مُطلق تہٕ بشری کمالات، معجزہ تہٕ صفات حمیدہ سیٹھہ سلیقہ مندی تہٕ حفظِ مراتبہٕ سان بیان ین کرنہٕ۔

رسولِ ثقلین صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم ہنز لوبہ گوڈنیخ تعریف وتوصیف تہٕ مدح خوانی کرنہٕ چھےٚ آمژ، سو چھےٚ صحیفہ ہدایت قرآنِ حکیم چہ اکہ وُہمہ تہٕ زِتوہم سپارِ اندر سورۃ احزاب کِس آیت ۵۶ ہس منز صبح قیامتس تانٛی محفوظ تہٕ موجود۔ اتھ آیہ مُبارکس منز چھ باری تعالیٰ ارشاد کران "اِنَّ اللہَ وَمَلٰئکَۃَ یُصَلُّوْنَ عَلَی النَّبِیِّ یٰاَیُّھَا الَّذِیْنَ آمَنُوْ صَلُّوْ عَلَیْہِ وَسَلِّمُوْ تَسْلِیْمًا" یعنی ذات باری تہٕ تہندی فرشتہٕ چھہِ ہنس ٹاٹھس نبی لِس پیٹھ درود سوزان سٲرے ایمان دار تہٕ تہٕ رُوزِ یو تمن درود تہٕ صلوات سوزان تہٕ برابر سلام کران۔

اتھ درود تہٕ صلوات مرکب لفظس معنہٕ مطلبس پیٹھ وزِ سنو، سام ہیمو تہٕ اتھ پیٹھ غور کرو، یہ خاص توقعٕ ییہ مجسم بنتھ برونہہ کُن زِ نعتُک صحیح مطلب چھُ اشرف الانبیاء صلی اللہ علیہ وآلہٖ واصحابہٖ وسلم ہندین وصفن، جلال وجمالک تہٕ سیرت طیبہ ہُک تذکرہ شعر قالبس منز ترٲوِتھ تتھ پاٹھی کرُن، یتھ تہند سراپا، شکل وشمایل تہٕ خدوخال اُچھن برونہہ کُن ییتھ سانہ رحمتُک تہٕ سعادت مندی ہند باعث ہیکہِ بنتھ۔ نعتُک یہ خاص مفہوم زیرِ نظر تھاوِتھ ہرگاہ اکھ نعت نگار نعتہ کین یمن مخصوص لوازماتن اندرہ ہنا تہٕ انحراف کرِ، تس نز تخلیق ہیکہِ کینہہ تہٕ بنتھ، اما نعت نہ کینہہ تہٕ۔ یوہے مفہوم نظرِ تل تھاوِتھ چھُ فارسی زبانٛی ہند نامور شاعر جمال الدین عُرفی ونان سہ

عرفی رہِ نعت است دریں بادیہ مشتاب
ہُش دار کہ سر بر سرِ تیغ است قلم را

مرزا غالبس ہیوٚ قادر الکلام شاعر تہٕ چھُ نعت لیکھنس اندر بےبسی ظاہر کرِتھ یہ سیٹھہ نوزُک تہٕ حساس پاک کام پروردگارس پیٹھ ترٲوِتھ ونان سہ

"غالبؔ ثنائے خواجہ بہ یزداں گذاشتیم
کاں ذاتِ پاک مرتبہ دانِ محمد است"

عرفیؔ تہٕ غالبؔ ہنز مبنی بر حقیقت باوُژ تلہٕ چھُ واضح سپدان زِ عالمِ ناسوت پیٹھٕ عالمِ جبروتس تانٲنی ہرگاہ کانٛہہ تہٕ بشری شخصیژ قربِ الٰہی آسنُک شرف تہٕ سعادت حاصل چھےٚ سو چھےٚ فقط فخرِ موجودات محمد مصطفیٰؐ صلعم ہنزٕ عظیم ترذات۔ عبدالرحمان جامیؒ چھُ پیغمبرِ اسلام صلعم سندِ اَمہِ عظمتچ پیکر تراشی پننہٕ یتھ رباعی منز تمہِ لاجواب اندازٕ کران زِ بہلہِ پایہٕ کین نعت نگارن ہندین قلمن ہنزٕ میلےٚ چھےٚ خوشک سپدان ؎

یا صاحب الجمال و یا سیّد البشرؐ
من وجہک المنیر لقد نوّر القمر
لایمکن الثناء کما کان حقہٗ
بعد از خدا بزرگ توئی قصہ مختصر

یہ "بعد از خدا بزرگ توئی" وننُک مطلب چھُ بلکل واضح زِ نعت نبیؐ وننُ تہٕ اتھ موضوعس پیٹھ دسگاہ تھاونُک دعویٰ کرُن چھُنہٕ پرتھ کانٛسہ شاعرُ سند ہنرُ۔ تہٕ کیازِ ؎ "باخدا دیوانہ باش و با محمدؐ ہوشیار باش" کہ تعلقہٕ نعت تخلیق کرُن چھُ پزی کنِ اکھ مشکل ترین مرحلہ تہٕ اَتہٕ چھےٚ کُنہ کُنہ بہلہِ پایہٕ تہٕ نمایندہ شاعرن تہٕ لغزش گژھان۔ اَمہِ لحاظ یہ کینژھا تہٕ کاشرِ زبٲنی اندر گوڈٕ دورٕ پیٹھٕ برابر ازتانٲنی نعتہٕ کس حساس موضوعس پیٹھ لیکھنہٕ تہٕ وَننہٕ چھُ آمُت، تمہِ اُندرٕ نیرِ واریاہ کم حصہٕ نعتُک۔ اَمیُک خاص وجہ چھُ یہ زِ کاشرین نعتن اندر چھُ شاعر غیرِ شعوری طور نعتُک صحیح مفہوم اوٚک طرف ترٲوِتھ انٛہ اندر پننہٕ ذاتی بنہٕ گدرُن، ناداری، مفلسی، بے بسی، تنگ دستی تہٕ بیکسی بیان کران، یُس نعتُک کانہہ حصہ چھُنہٕ۔

رُود سوال کاشرِ مرثی منز نعتُک حصہٕ کیاہ تہٕ کوتاہ چھُ؟ اتھ متعلق کیہنہ وَننہٕ برونہہ چھُ یتھ ڈیٚکھ پیٚن تمن ضروری زِ کاشرِ زبٲنی اندر چھُ شاعری ہُند دسلابہ مذہبی تہٕ دینیاوی شاعری ستی پیدُ مُت، یتھ اندر حمدِ باری تعالیٰ،

نعت، منقبت، مدح تہٕ لیلایہِ اَمہِ شاعری ہٕند موضوع مرکزی حیثیت آسی تھاوان۔ چنانچہِ یِمہٕ ہتہٕ شتھ فارسی رزمیہ تہٕ بزمیہ مثنوی یہ کاشرِ زبانی منز پھرنہٕ چھےٚ آمژٕ، تِمن ہٕند آغاز اوس حمدِ باری تعالیٰ، جنابِ آنحضورؐ ہنز مدح سرائی تہٕ مشائخن تہٕ اہل اللہ ہن ہند پو منقبتو ستی کرنہٕ یوان۔ مثالہِ رٕنگی رَنگو امیر شاہ کریری ہنز "سام نامہٕ" مثنوی ہٕند یہِ نعت:۔

محمدؐ چھُ پیغمبر ذوالکرام — چھُ شاہنشہِ انبیاے عظام
تِتھےٚ پادشاہا چھُ عالی نشان — بہر سو چھ تس اوبر ٹنگی سایبان
خُداین سُہ کوٚر رحمت اللعالمین — غلاما چھُ تس جبرئیلِ امین
سَرن ہٕند چھ سرورسُہ والشمس روے — ہَرن تس چھُ عنبر زِ واللیل موے
سُہ ذاتِ مبارک تسُند چون بہار — توَے چار حدبے گرژھن مشکدار
ردائے مُدثر ڈلنہٕ مرحبا — کرِتھ خاصہ در مزّمل قبا
تسُند نورُ بو آدس در جبین — فرشتو توَے سجدہ دیت برزمین
خلیلسؑ ڈیکس منز سُہ انوار بو — توَے تس پیٹھن نار گلزار گو

حالانکہ نعت چھنہٕ مثنوی ین ہٕند کانہہ جزٕے مانہٕ یوان، اما کاشرِ زبانی ہٕندِس رثائی ادبس منز یِمن کلاسیکی مرثیین ہٕند وافر سرمایہ کاشرِس ادبس منز موجود چھُ تہٕ یِمن ہنز ہیت تہٕ فارم بیین زبانین، خاصکر تھ اردو تہٕ فارسی ہنز و مرثیو نِشہٕ بلکل بدون تہٕ چھرا کاشرٕ چھُ تہٕ بقولِ محمد امین کامل کاشرن مرثیین ہٕند فارم چھُ سے یُس کلامِ مجید کین سورن ہٕند چھُ۔ کاشرِ زبانی ہنز یِمہٕ کلاسیکی مرثی چھےٚ شہیری دور پیٹھ ڈوگرہ دورکس مہاراجہ پرتاپ سنگھ نس عہدس تام باقاعدگی سان لیکھنہٕ آمژٕ تہٕ یِمن ہندی اجزائے ترکیبی فارسی تہٕ اردو زبانی ہنز و مرثی یو نِشہٕ بلکل وکھرِ چھ۔ یِم اجزائے ترکیبی چھِ دہن پانژن پانژن قِسمن ہندی یِمو منز اکھ حصہ حمدٕ، نعت، مدح، معجزٕ تہٕ درد اکس مرثی اندر گوڈٕ پیٹھٕ تہرِس تام برابر قایم چھِ روزان۔ یعنی اکہِ مرثیک گوڈنیک بند گوو حمد، دویم بند نعت، تریم مدح، ژورِم معجزٕ تہٕ پانژم درد۔ گوڈنکِ ژور

حصہٕ چھِ گرٕ نٕز منٛز اکےٚ اکےٚ آسان، اما درٕ حصہٕ چھُ وارٕیہن بندن پیٹھ مشتمل آسان - اجزاے ترکیبی ین ہند بیاکھ حصہٕ چھُ برخاست، دُنبالہٕ گتھ، کریچھ تہٕ نشست تہٕ اَمیُک تعلق چھُ اُکس بندس یُتھ مرثی اصطلاحس منٛز چھیر چھِ ونان یِتھ روزان یعنی پرتھ مرثی چھیر منٛز چھِ برخاست، دنبالہ، گتھ، کریچھ تہٕ نشست اجزاے ترکیبی لازم ملزوم - گوڈنکہٕ قسمکین اجزاے ترکیبی ین اندر چھُ دوٚیُم خاص جُز نعت تہٕ اَمہٕ وراَے چھےٚ اکھ مرثی ناکمل تصور یِوان کرنہٕ۔ مرثی ین اندر نعتُک یہ حصہٕ چھُ دراصل اصول اسلام کیو پانژو رُکنو توحید، نبوت، امامت، عدل تہٕ مُعاد منٛز دوٚیُم رُکن یمُک مطلب نبوتُک دلی اقرار تہٕ امیُک تبلیغ کرُن چھُ۔ کاشُر شاعری ہندِس رثائی ادبس منٛز چھےٚ بیاکھ نٕژھ جدت یوس کُنہٕ زبانٕ ہنزٕن مرثین منٛز چھےٚ نٕ پٕ، اما یہ چھےٚ حاراٚنی ہنز کتھ زِ یُتھ ہیوٗ کاشُر شعر سرمایہ چھُنہٕ وُنہٕ تہٕ عام لُکن تام واتنا دنہٕ آمُت۔

سانہٕ زبانٕ ہندیو یمو مُصنفو تہٕ شاعرو کلاسیکی مرثیہ دِنہٕ مژ پہ چھےٚ، تمو چھُ نعتُک صحیح مفہوم زیرِ نظر تھاوِتھ اَتھ خاص موضوعس پیٹھ پوٚر انصاف کوٚرمُت۔ مثالے چھےٚ جبہ کدلٕکِس مُنشی حکیم عظیم سٕنز اکھ مرثی "کتاب" عنوانہٕ، یَتھ اندر مصنف حمد چھیر اندٕ واتہٕ ناوِتھ پیغمبرِ آخرالزمان جناب محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وآلہٖ واصحابہٖ وسلمن ہنز مدح سرائی یِتھ پاٹھٕ کران ؎

| | |
|---|---|
| کوٗرتھ خاتم "رسالہٕ رسالت" مرسلن انتخاب | (برخواستہٕ) |
| "کتاب خانہٕ قدرت" تس بو تسلیما | " |
| سُہ نبی ین ہند مُقدم تہٕ موخر" بانٕ دِیہ درشن | (دُنبالہ) |
| گوو صحیح دین، ہیتم ساری ملت مٔنٛن | " |
| تہندِ مدارج نبوتُک "معراج" اکھ باب | (برخواستہٕ) |
| تس قدسی شاگرد، زن استادس کراں تعظیما | " |
| ہووُن معجز پھٕرن "درق شمس" حجت ساطع صاحب بینش | (دنبالہ) |

"شق القمر" برہانِ قاطع اہلِ دانشن (دُنبالہ)

دَین مُدعی تہٕ یانٕ سُہ اُمیؐ اُم الکتاب" مُرشدے (گتھ)

چھُنہٕ دٕہبے نہ درسینہٕ' یُس علما تس گُذرے

تہندِ لوحِ صدرُک شرح" الم نشرح" تہنز نورِ پیشانی سورہ رجمیتح آسے (کرٕنجھ)

"معلمِ ناطق" چھُ حیرانو، بہٕ وَنہٕ کیاہ تعریف تس (گتھ)

چھُ مجموعہٕ قرانو تفسیر

گو ونہندے باعثہٕ آدمؑ و خلیل پیدا، سُہ غایتِ ایجادِ اب وجدا۔ (نشست)

یَتھ نعتہٕ چھیرِ منز چھُ ملا حکیم عظیم یُزی کنہٕ سمندرِ قطرس منز ژٕوٕمراوِتھ رسولِ خُدا یَس سندِ عظمتُک نشان دِیُت کرِتھ باوتھ کران زِ باری تعالیٰ ہن کوٚر سارِنی نبی ین تہٕ مرسلن اندر عالمِ بشریت کِس نجات دِہندہٕ جناب محمد صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم سُند انتخاب کرِتھ تمن پننہٕ قدرتُک کتاب خانٕچ حوالہٕ تہٕ پننُ رازدان بناوِتھ کوٚر نکھ پننہٕ کُتب خانٕک سارِ دیو مخطوطاتو تہٕ صحیفوٚ منز سیٹھے موٗلُل، لاجواب تہٕ عظمتہٕ وول صحیفہٕ ام الکتاب یعنی قرآن حکیم عطا۔ یہ اُس اللہ تعالیٰ سندِ طرفہٕ اکھ ترٛٹھ موٚہرٕ ڈالی، یوٚہ عاشقن پننِس محبوبس یژھ تہٕ پرژھ پیش کرٕ۔ شاعر چھُ ونان زِ پیغمبرِ اسلامؐ سُند نورِ مبین اوس بہٕ کاینات وجودس منز ینہٕ بروٚنہہ بچھ داد وٕری تخلیق آمُت کرنہٕ۔ جناب محمدؐ آیہٕ سارِنی نبی ین، پیغمبرن تہٕ ہادی ین ہندی سردار تہٕ آخری برگزیدِ رسول بناوِتھ مبعوث کرنہٕ۔ یَتھ عالمِ ناسوتس اندر جلوہ افروز یُدنہٕ پَتہٕ آو تہٕندُ دینِ مبین مکمل کرنہٕ

شاعر چھُ اکھ نعتس منز یہ کَتھ وَرٛتھناوان زِ معراجک واقعہٕ چھُ جناب آنحضورن صلعم ہندِ نبوتُک تہٕ تہندِ صحیفُک اکھ حصہ۔ جناب رسولِ خداؐ ہُنز وُیموٚے بلند درجہٕ کنہٕ آسہٕ باری تعالیٰ ہندی فرشتہٕ تمن پننُ معلم زانِتھ شاگردن ہندی پاٹھی تہندُ تعظیم رٹھان تہٕ ادب کران۔ جناب رسول اللہؐ

اَسی تمہِ مرتبکی معجزٕ نمازِ مہرِ عالم تاب چھِ کتابہٕ ہُند ورق پھرتھ ، یتھ اصطلاحس منزٕ ردِ شمس چھِ ونان ، کرِکھ اہلِ بصیرتن برونہہ کنہِ پتھنہِ رسالتچ تہٕ ہادیِ برحق آسنچ اکھ روشن ترین دلیل پیش ۔ بیتنےٕ نٕ بلکہ کرِکھ معجزٕ شق القمر ہاوِتھ یمہِ دنیاکین کاربٕلین تہٕ بینا دارن ہندین ذہنن پیٹھ پتھنہِ بجرکچ تہٕ مشہودِ حق آسنٕکی نقوش تہٕ ثبت ۔ رسول القلاب محمد مصطفیٰ صلعم ، یمن کانہہ رسمی یا غیر رسمی لکھ پرٕ اُس نٕ ، یمہِ وزِ اُم الکتاب کین آیاتن ہُند معنہِ تہٕ سورہ ہاے قرآن بیان آسی کران ، مختلف علومن ہندی دعویٰ دار آسی کلہٕ نوٗمراوِتھ یہِ حقیقت تسلیم کران زِ پزی کنہٕ چھِ ابنِ عبداللہ جناب محمد عربی صلعمن دُنیاہکی ساری علوم کلھم پاٹھی معلوم ۔

مُلا حکیم عظیم چھُ اَتھ نعتس منزٕ آنحضورنٕ صؐ ہنزٕ تعریف و توصیف کرِتھ ونان زِ قرآن مجیدُک سورہ الم نشرح چھُ سرورِ کائنات پتھنزِ دلِ مبارکچہِ مشقہٕ ہنزٕ تشریح تہٕ وضاحت ۔ سورہ رحمانٕکی آیات چھِ تہنزِ پزٕ زلوُرِ پیشانی ہندی آینہٕ دار ۔ تاجدارِ انبیاء سُند بجر چھُ تیوٗناہ مُسلّم زِ جبرئیل امینؑ تانی چھِ تہندی بیشمار وصف تہٕ سیر بیان کرنہٕ نِش عاجز تہٕ قاصر ۔ محبوبِ کبریا سُند بجرچ چھےٚ یہے دلیل زِ خالقِ کائناتن کوٗر یہندی دمہٕ ابوالبشر حضرت آدم علیہ السلام تہٕ حضرت حواؑ بیٚیہ حضرت ابراہیم علیہ السلام مبعوث بہٕ دنیا تہٕ یہندِ ہے لولس منزٕ آیہٕ یہٕ کائنات وجودس ۔ اَتھ پزرس چھُ " لولاک لما خلقت الافلاک " حدیثِ قدسی گواہ ۔

یمہِ مرثیُک ناو " کتاب " آسنہٕ کِنہٕ تو سُلہ چھِ کتابہٕ سِتہٕ تعلق تھاون والیو تجنیسی مُتعلقاتو ، اصطلاحو ، اِشارو ، تشبیہہ تہٕ استعاراتو علاوٕ صنائع بدائع تہٕ ذہنی ادبی نوقطن ہُند خیال تھاوُن لازم ملزوم تہٕ یمو ادبی صنایو منزٕ چھُ صفتِ ایہام ژوٗرُے بیہن ورتاونہٕ یوان ۔ یہٕ خیال چھُنہٕ مرثی کیو اجزاے ترکیبو منزٕ کُنہٕ اکی جزٕ باپتھ لازمی بلکہ سارِنے اجزاے ترکیب ین منزٕ چھُ یمن ہُند استعمال سیٹھاہ ضروری ۔ چونکہ چھُ وُنی کینس موضوع تہٕ نُی نعت پیش آو کرنہٕ ، تتھ اندر چھِ کتابہٕ ہندیو متعلقاتو منزٕ رسالہ ، کتاب خانہ ، تسلیم ، مقدم ، موخر یعنی کتابہٕ ہُند گوڈ تہٕ تہم ، باب ، مشن ،

شاگرد، استاد، تعظیم، ورق، اہلِ دانش یعنی تِم لُکھ یِم کتابن ہُند مطالعہ کرِتھ گاٹہٕ جار چھِ پراوان، اُمی، اُم الکتاب یعنی کتابن ہنز موج تہٕ زن گوو قرآنِ مجید، درس علم، لوح یعنی مشق یا دُوج، یِتھ ہیٚتھ ژاٹہٕ شُرُس اَچھ درِنہٕ باپتھ اصلاح چھُ دِنہٕ یِوان، سورہ، آیہ، معلم، قرآن، تفسیر، تشریح، غایت بیترِ۔

کلاسکی مرثیَن اندر حمد، نعت، مدح، معجزٕ تہٕ درد پانژھ اجزاے ترکیبن ہنزن مختلف چھیرن منز چھےٚ نعتہٕ چھیرے تَرژھ، یِتھ منز زیادٕ تر عربی تہٕ فارسی زبانن ہندی مفرد تہٕ مرکب لفظ، اصطلاح، تلمیح، تشبیہہ، استعارٕ تہٕ صنائع لفظی تہٕ صنائع معنوی بیلہٕ پاٹھۍ ورتاونہٕ چھِ یِوان۔ اَمہِ باپتھ گژھِ مرثیہ نگارس مذہبی کتابن، فقہ، حدیث تہٕ قرآنِ شریفُک گہر مطالعہٕ آسُن تہٕ عصری دورس منز کلاسکی فارمچہِ مرثی نہٕ لیکھنُک خاص وجہ چھُ مذہبی کتابن تہٕ صحیفہٕ ہدایت کہ مطالعہ نِشہِ سون دوٗرِ رُوزُن تہٕ لاتعلقی تہٕ کاشرس شعر ادبس منز چھُ اَتھ طرزس ہیٚتھ مرثی تخلیق کرن ووٚن علمی طور بند سپد مُت تہٕ زیرِ بحث مرثی چہِ نعتہٕ چھیر منز چھِ رسالہٕ رسالت، کتاب خانہٕ قدرت، مقدم و موخر، ورقِ شمس، حجتِ ساطع، شق القمر، برہانِ قاطع، اُم الکتاب، معلمِ ناطق تہٕ اَب وجدا ہوی متعلقات تجنیسی تہٕ اصطلاحی لفظ میلان تہٕ یِمہٕ ہیٚکن صنعت ایہام کِس زُمرس منز تہٕ ییتھ۔ یعنی بوزن والہ سُند مقصد آسہِ لفظکس قریبی معنیس سیتۍ، اما متکلم یا وَنن والہ سُند مُراد آسہِ اَمہِ کِس بعید معنیس سیتۍ تعلق تھاوان۔ مثالے اَب وجدا اَمیُک قریبی معنہٕ چھُ موٗل تہٕ بُڈ بب، مگر بعیدُک معنہٕ چھُس حضرت آدمؑ تہٕ حضرت ابراہیم خلیل اللہ، مُعلم ناطق یعنی قریبی معنہٕ چھُ اَمیُک کیہہ کرُن عالم، اما دوٚیمہِ اند چھُ اَمیُک مطلب جبرئیلِ امینؑ، اُم الکتاب، تہٕ زن گوو کتابن ہنز موج، یِیلہِ زن اَمہِ نِش قرآنِ شریف مراد چھُ۔ ورقِ شمس، اَتھ چھُ قریبی معنہٕ آفتابچہ کتابہٕ ہُند ورق، اما بعید معنہٕ چھُس ردِ شمس تہٕ یہ چھُ تَتھ معجزس کُن اشارٕ، یِیلہِ جنابِ حضورؐ لوٚبہٕ وُن آفتاب واپس پھیرِ۔ مقدم و موخر لفظُک اکھ معنہٕ چھُ گوڈٕ تہٕ تہٕ پتہٕ، بیاکھ چھُ سرورِ کونین صلعم سُند افضل الانبیاء، تہٕ خاتم الانبیا، آسُن کتاب خانہٕ قدرت، امیُک قریبی معنہٕ چھُ خدایہ سُند کتب خانہٕ، اما بیاکھ مطلب چھُ خدایہ قدُس

سُندِ ینن لوٗکھ محبوب رسولِ لولاک صلعم ینٛن سپر اوج بناوُن، یِمیک واضح ثبوٗت معراج چھُ تہٕ رسالہٕ رسالتُک قریبی معنہٕ چھُ پیغمبری ہنٛز کتاب یا دستاویز، مگر بعید معنہٕ چھُس تمام پیغمبرن تہٕ ہادین ہُند پیشوا تہٕ سردار۔ حجّت ساطع لفظُک معنی قریبی چھُ پزرُل وُنی دلیل پیش کرن وول اما معنیٔ بعید چھُس رسولِ خدا یُس ہُند آفتاب صورتِ روے زیبا۔

اکہِ مرثیکہِ ہمہ اہم علمی تہٕ ادبی نٲدِجار چھِ مرثی نگارہٕ ہندِ علمی بجرچ، تمہ ہندِ وسیع مطالعچ، مذہب، حدیث، فقہ تہٕ باقی مذہبی اموراتن ہنٛز واقفیت، فصاحت و بلاغت، تٔمند لفظِ اسلوٗب، تبحرِ علم، مخصوٗص اندازِ فکر، جدّتِ ادا، معنی آفرینی تہٕ تٔمندِ تخلیقی قوتچ پوٗرٕ تربیہٕ وَن دِوان۔ نعتُک یُس حصہ کاشرِن کلاسکی مرثین اندر اکہِ لازمی جُزچ حیثیت چھُ تھاوان، تتھ منٛز چھِ جناب رسالت پناہ صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم ہندی صفاتِ حمیدہ تہٕ تہنٛز مدح سرائی کُنہٕ ملاوٹہٕ ورائے بیان یوان کرنہٕ تہٕ تہندی ہم تہٕ محامد تہٕ سیرت پیش چھے یوان کرنہٕ، تمیُک ماخذ گژھِ قرآن، حدیث تہٕ معتبر تہٕ مستند روایات آسنہٕ۔

اُمی سے ملا حکیم عظیم ہنٛز تٔمیس اکس مرثی یُک ناو چھُ "خالق الکلام" تمیچ یہ نعتہٕ چھیر تٔمندِ تبحرِ علمُک تہٕ قادرالکلامی ہُند ٹاکارٕ ثبوٗت چھُ:

"سوزُکھ افصح الفصحاؔ، حضرت ﷺ فصیح زبانے
فصاحت و بلاغت کرٕ تمی اُمّی تمام
ییلہٕ وَنہٕ حدیث اَنَا اَفصح مَن نَطَقَ والا گوہرد
لبہٕ گوشِ معانی زیورو
شہٕ مدعای وَمَا یَنطِقُ عَنِ الھَویٰ امرِ خدا ملنے
کرہن نہٕ نطق وازانہہ بے وحی والہام
سے سخن سنج گنج معانی سخنورو
ساری سر باوِ تس داورو
اُسی ملک اتھ داران تس کتھن، وندان زُو دِتن جبرئیلو

زبوٗ اَذٕ نبی ین تہندی کلِمن اداٗیلو

کرٕ بیٚلہٕ کلیم سُے ناو وردِ زبان

ژٕ جبس لکنت، سپہٕ نَس حق سبحان کتھن گوش گزارو

کوٚر حلقیٚ داوٗودس تہٕ اثرو، تہٕندی شیرین مقالَن

دم عیسیٰؑ روح پرٕورو چھُ زندٕ تہندے خیالَن

سپدُن نوحؑ نجی سُے ناو ہیتھ، تَس تہٕ ہیٚچھ ناوِ بکہٕ ناوٗن سفینا۔"

کاشُرِ زبانی اندر تخلیق کرنہٕ آمژن تمام کلاسکی مرثین منز نعتُک حصہٕ چھُ شاعری
ہندِ اَمہٕ موضوٗعُک سہٕ اہم جُز، یُس پننہٕ معنہٕ مفہوٗمہٕ مُطابق نعتس سٟتۍ مطالبقت تھاونس
منز پننۍ مثال پانہٕ چھُ تہٕ اَتھ حساس تہٕ نوٗزک موضوٗعس پیٹھ طبع آزمٲیی کرِتھ، یُس صحیح حق
کلاسکی مرثی نگارو اَدا چھُ کوٚرمُت، تیٚم مثال ہیکہٕ نہٕ سون مابٲقی نعتیہ کلام پیش کٔرِتھ، بکیاز
نعت نہٕ چھُ پننہٕ لغوی معنہٕ مفہوٗمہٕ کنۍ رسولِ مقبول صلعم سٟنز عظمت، بجر، مدح سرٲیی تہٕ تعریفہٕ
توصیفہٕ وراۓ بیٚین فروعی کتھن ہُند متحمل بناوٗن زیبا تہٕ نہٕ مُناسب۔

---

اُمتکہٕ غمخوارہٕ بڈِ سرکارہٕ دِل آوارہٕ چھُم — عالمکہٕ سردارہٕ بخشنہارہٕ غم کاسُم تمام

آرزو چھُم چانہٕ دیدارُک، پیٚہٕ دِل چھُم بیقرار — بُلبُلا زن انتظارس نوبہارس صُبح وشام

(غلام احمد مہجوٗر)

---

ژٕ چھُکھ نوٗرِ اَنوَر تہٕ شمعِ ہدایَت — یَتھ پیمتِن کرتہٕ نظرِ عنایَت

شفیع چون آسُن چھُ بخشان راحَت — یتھ پیمتِن کرتہٕ نظرِ عنایت

ژے ڈیشتھ نبَس تارکَن نوٗ پھُلے ٹیٚج — ژے ڈیشتھ جہانَس زمینَس وٕتُل ژیٚج

وَچھس میچ پرتھ دُدوَنس نوٗ طراوَت — یتھ پیمتِن کرتہٕ نظرِ عنایت

چھُ بعد از خُدا رُتبہٕ چونے مُسلَم — ژٕ چھُکھ ششِ جہانَس نبیٔ مُکرَم

بلاشک ژٕ چھُکھ آفتابِ سعادت — یتھ پیمتِن کرتہٕ نظرِ عنایت

(معراج تزکوی)

# مولوی صدیق اللہ حاجنی

# سُنٛد نعت گوئی

پروفیسر مشعل سلطانپوری

کاشر شاعری ہندس تواریخس منٛز مولوی صدیق اللہ حاجنی سُند مقام تہٕ کاشرِ دینی شاعری تُنٛد دیُت نظرِ تل آسنہٕ کنٛہ چھےٚ اکھ غلط فہمی عام سپٕز مژٕ زٕ تمو چھُ نعتک ماداں تِتھےٚ پاٹھۍ پننہٕ باپتھ مخصوص کورمُت ییٚتھ پاٹھۍ عبدالاحد نادم صابن یا بیٚہ باقے شاعرو کورمُت چھُ۔ مولوی صابس سائل تخلص تُشر آدتھ چھِ، سائل صابنۍ ساری نعت تہند سے کھانس تراونہٕ آمتۍ۔ اتھ غلط فہمی تل تحریری حسابہٕ رشید نازکی صابن دس، یمو عبدالاحد نادم صابنۍ کلیات ترتیب دِنہٕ ورٕ گوڈنچہ لیکھان سائل ہندی وٕنی متۍ نعت یمن کُن منسوب کرِتھ تہٕ وونُکھ زٕ حضرت سائلن چھ بےٚ شمار نعت تہٕ شمائل نبوی تہٕ لیوکھمُت [1]۔ یمو چھِ پتہٕ اتھ بیانس نظرِ ثانی تہٕ کرِ مژٕ تہٕ لیوکھمُت سائل چھُ امی دورُک بیاکھ شاعر، اَمِس چھُ صدیق اللہ ناو۔ مےٚ چھُ برونٹھ کنہٕ تام یہ صدیق اللہ حاجنی گنٛزرومُت، مگر تحقیق در تحقیق تلہٕ چھُ ننان زِ اَمِہ ناوُک چھُ بیاکھ شاعر تہٕ اوسمُت، یہ گوو صدیق اللہ شاہ ساز، یمہِ خدیجہؓ نامہٕ لیوکھمُت چھُ [2] ہنا برونٹھ یہن بکیتھ چھِ نم لیکھان زِ مےٚ چھُ باسان یوتان یہ شایتھ گژھ زِ یہ کلام چھُ مولوی صدیق اللہ حاجنی سُند توتان پزٕ اَمہِ سُہ مشہور نعت ییمُک مطلع چھُ ؎

نورُک گاہ بیوٚ وسنگر مالن

دوٚپ لایزالن جبریلسؑ

صدیق اللہ سائلنےٚ مانُن تکیا زِ تمُ چھُ خدیجہؓ نامس منٛز اکثر جاین سائل تہٕ تخلص لیوکھمُت [3]

---

[1] کلیات نادم۔ ص ۴۴ [2، 3] کاشرِ نعت تہٕ مذہبی ادب رشید نازکی، کاشر زبان تہٕ ادب نمبر، سون ادب ۱۹۷۶ء

اَمہِ بیاَنہٕ ستۍ سپیز بیاکھ غلط فہمی پاَدٕ زِ سائل تخلص کرن واَلس شاعرس چھُ صدیق اللہ ناو ۔ مےٚ لوٚب نہٕ کُنہِ ترٛٲژھ شہادتھ یمہِ ستۍ اَتھ تصدیق سپدہا ۔ کیٛونٚژ کالا گرِ ھیتھ آیہِ بیاکھ معتبر کتابا بوٚنٛٹھ کُن ، یہ گیہِ مرزا عارف تہٕ بشیر اختر صابنہٕ ترتیب دِژمٕژ کتاب "نوٗرٕ آگر" یوٚس پنداَہم صدی ہجری تقریبات مناونہٕ کِس سِلسِلس منز جموں وکشمیر کلچرل اکادمی ۱۹۸۷ ءیس منز چھاپ کٔر ۔ اَمہِ کِس فہرستس منز چھُ ؎

"نوٗرک گاہ بیٛوٚد سنگرمالن ۔ دوٚپ لایزالن جبریلس" مطلع ہُک نعت

مولوی صدیق اللہ سائل سُند ماننہٕ آموٚت تہٕ اَمہِ کتابہِ ہندس ۲۷۲ صفس پیٹھ اَتھ نعت شریفس پیٹھ کنہِ مولوی صدیق اللہ حاجنی سائل درج ۔ ظاہر چھُ زِ کاشرِس ادبس منز کٔمہِ مینٛژ سان چھِ تحقیقی کام کرنہٕ یوان ۔

"خدیجہ" نامہٕ چھُ صدیق اللہ شاہ سازن ووٚنمُت تہٕ سُہ چھُ پانہٕ تہٕ نعت گواو سوٚمت یہ زن "گلشن نعت" کتابہِ منز شامل تَبنہِ ناوٕ درج یمہِ نعتہٕ کنۍ نتان چھُ ؎

لول چونے آم وارے یا شفیع المذنبینؐ
واہ بوزُم زارٕ پارے یا شفیع المذنبینؐ

لیکھتس منز چھِ ونان ؎

از صدیقس بوز زارے یا شفیع المذنبینؐ [1]

صاف چھُ ظاہر زِ سُہ چھُ صدیق تخلص ورتاوان نہٕ زِ سائل ۔

مولوی صدیق اللہ حاجنی سنز کتھ کران چھُ یہ ونُن تہٕ مُناسب زِ مولوی صدیق اللہ ناَوی چھُ بیاکھ شاعر تہٕ (ترٛاگ) ژارٕ شریفُک روزن وول یمۍ قصہ حاتم طے ووٚنمُت چھُ ۔ یہ چھُ کنُو ہمہِ صدی اندر زامُت ۔ سائل تخلص ورتاون والۍ چھِ مےٚ زٕ شاعر وُنہٕ آمتۍ ۔ اکھ پرتھوی ناتھ سائل تہٕ ۔ بیاکھ غلام قادر سائل یُس سرینگرکہِ ملارٹہٕ محلکُ روزن وول اوس یہ زاو ۱۸۸۹ ءیس منز تہٕ ۱۹۵۴ ءیس منز گوو یمہِ عالمہٕ ۔

مولوی صدیق اللہ حاجنی صابنس سائل آسنس یا نہٕ آسنس متعلق اسپنز

---

[1] گلشن نعت کلان حصہ سوئم ، غلام محمد نور محمد چھاپ ۱۹۶۶ ء ص ۱۵

تمام قیاس آرائیہ تمہِ ورِ ختم ییلہِ پروفیسر محی الدین حاجنی صابنِ ترتیب دِتھ کلیات مولوی صدیق اللہ چھاپ ییدِتھ بروٚنھ کُن آیہ۔ اَتھ منز نہ چھنے تہندِس سائل تخلص ورناونس متعلق کینہہ شہادتھ میلان تہ نہ چھ تِم نعت اَتھ منز شامل یِم سائل صابنِ چھِ۔ یہ کُلیات پرِتھ چھُ ننان زِ اگر نعت اکِہ شارہ ذاتہٕ زِنگہِ بدنظر تھاوٕ ونیلہِ ہیکیہ نہ مولوی صدیق اللہ اہم نعت گو شاعرن منز گنزراونے ییتھ کُلیاتس منز چھ کرتام نعت میلان، تِم تہ حمدیہ کتابن ہندِ گوڈتہِ زِنگہِ، بییَن مثنوی گو شاعرن ہندی پاٹھی دِنہ آمتی۔ اگر نعت موضوع لحاظہ نمون تیلہِ چھُ یہند دیُت پھرُن لایق۔ مثالہ پاٹھی شکل وشمائل آنحضرت ﷺ، تہندی معجزات، مغازی النبی ﷺ یک گوڈنیک حصہ بیترِ۔

مولوی صابن یُس مادان پننہِ موزِ ہاوِنہ باپتھ مخصوٗص کورمُت چھُ، اَتھ منز چھُ واریاہن موقعن پیٹھ قلمس واش کڈنس وار اوسمُت، یتھین موقعن پیٹھ ہیکہِ شاعرانہ کمال ہاوِنہ یتھ، یوٚزِ یمن موقعن ہند چھُنہ فائیدہ تُلنہ آمُت، شاید اوکنی زِ تِم اَسی شاعر آسنس ستی ستی مولوی تہ۔ تہ تہند اندرِم مولوی اوس شاعرس لاکم دِتھ۔ تنہ ما اوکِہ زِ تِم اَسی صرف واقعات نظماوٕنہ یژھان، یُتھ یِم لکن جل جل یاد گژھن۔ بدائع منظوم کتابہ منز چھ تِم اَتھ مقصدس کُن پانہ تہ اشارہ کران۔ ونان چھِ ؎

یاد تھاوُن چھُ سہل باتو پاٹھی
کاشری باتھ کاشرن چھی ٹاٹھی

اَتھ کتھِ چھنے خاص کر اَمنز کتاب مغازی النبی ﷺ تائید کران۔ یتھ منز ذکرِ رسول ﷺ ہک پونپرے گوب چھُ، وصفِ رسوٗلک ﷺ نہ۔ حضور ﷺ ہندی غزوات نظماون چھِ سیدِ سیوٚد واقعات بیان کرنہ آمتی تہ تہنز ملکوٗتی سیرت ہاونس کُن کمے پھن توجہ دِنہ آمُت۔ اَتھ کُن چھِ تہنز کلیاتکی ترتیب کار پروفیسر حاجنی صابن تہ اشارہ کران۔ تِم چھِ لیکھان " اَتھ اندر چھِ اکثر رسول کریم ﷺ بحیثیت عظیم فاتح پیش کرنہ آمتی حالانکہ یہ چھنے اکھ مسلمہ حقیقت زِ تِم روٗدی سارنے غزوان اندر سراسر رحمۃ اللعالمین تہ فاتحانہ شان وشوکتہ نِشہ دوٗر"[1]

---

[1] کلیات مولوی صدیق اللہ ص ۲۲

کٲشِر منز چھےٚ مغازی النبیؐ حضرت شیخ یعقوب صرفیؒ صابن
فارسی پاٹھۍ لیچھمٕژ۔ مولوی صابن چھنہٕ یہ دوٚ نمتےٚ زِ یہ چھا تہنز طبع زاد کوشش
کِنہٕ بنیہ کنہٕ زبانۍ منز لیچھمٕژ کتابہ ہند ترجمہ۔ واقعات چھہِ مختصر پاٹھۍ بیان کرنہ
آمتۍ یتھ کُن تم پانہ تہٕ اشارٕ کران چھِ ؎

اگرچہ چھُ درغایت اختصار
بہ دُچھ صوٗرتس کُن چھُ معنے بکار
چھُ مطلب بدل شوق ذکرِ رسولؐ
زبانی در الفاظ کیا دِیُن چھُ طول

اتھ مثنوی دِس تُلان چھُ مولوی صابن خلق نورِ نبیؐ، پیدائش حضور تہٕ تہنز ابتدائی
زندگی ہندی کینہہ واقعات تہٕ بیان کرٕمتۍ، یموٚ ستۍ حضورنؐ ہنز عظمت تہٕ فضیلت
ظاہر سپدان چھےٚ۔ لہٰذا چھُ یم موضوع کِنہٕ نعتس ستۍ واٹھ تھوان معجزات النبیؐ بیان
کرنک مقصد تہٕ یوٗدوے یوٚہے باسان چھُ زِ معجزات گرٕژھی کاشرِ بٲتن منز
ونہٕ یِنۍ، تہٕ کرٕ تھ چھِ یم معجزات حضورنؐ ہندِس نظرٕ رس، بِرس تہٕ کمالس کُن اشارٕ
کران تہٕ امِ لحاظٕ نعتہٕ کِس داٮ٘رس منز یوان مولوی صابن چھُ ژٕ یہ ترٕہ معجزٕ منظوم
کرٕمتۍ۔ انداز بیان چھُ وضاحتی تہٕ بیانیہ، کُنہِ شاعرانہ پاراوٕ روس تےٚ۔ مثالہٕ پاٹھۍ
حُدیبیہ گرٕژھان گرٕژھان یہ معجزٕ ؎

گےٚ بہ حُدیبیہ پیٚلے مصطفےٰؐ
فوج سپدُن تشنہٕ کھوٗ تکھ بوڈ تیتھا
پیالہٕ ہیو آبہٕ ہنا تتھ اندر
اوٗنکھ کرٕکھ ذہی دہ وے اوٗنگجہ تر
دہ کو لہ جاری گےٚ آبِ طہور
سیر سپداہ شتھ تکھ گےٚ بے قصوٗر

یا خیبر کِس جنگس دوران یہ معجزٕ ؎

خیبرٕ کے جنگہٕ چھو کھا اگو عس — آو سِیٹھاہ سخ دپان خلق تس

| | |
|---|---|
| اَتھ چھوکہ پسے کیہنہ نہ بظاہر دوا | کرچھُ کرُن اَتھ وُں علاجا روا |
| پیش نبی آو مونھکھُ لس لعاب | چھوکھ نہ بلبو گو زِ شفا کامیاب |

پروفیسر حاجنی صاًب چھِ کلیات مولوی صدیق اللہ ترتیب دِنس دوران عاًلمانہ اندازس منز واریہن جاین فٹ نوٹ لیکھان۔ معجزٕ لفظس وضاحت کرن وز چھِ لیکھان زِ معجزٕ گوو سُہ واقعہ یتھ تجزیہ کرن وِزِ عقل عاجز سپدِ، قرآن کریمس اندر چھنہٕ یہ لفظ آمُت، اَمہِ بدل چھُ آیة (نشانی) یا بُرہان (دلیل) زِ لفظ آمتِ۔ محدثین چھِ معجزٕن "علامات" یا دلائل لیکھان[1]۔ معجزٕ لفظ کتھ پاٹھی تہٕ کرِ بیٛتھ سیٛن مرَوج تہٕ چھکینہ ووٚنمُت۔ مولوی صدیق اللہ چھِ ونان زِ حضورﷺ ہندین معجزٕن چھُنہٕ آنتھے۔ مے چھِ گُرٕ تاپے بیان کرٕ متہٕ تکیازِ ؎

معجزٕ پیغمبرنے ہندی تمام
بخش حقن ساری بہ خیر الانامﷺ

تم چھِ یتھ پاٹھی پننی عجزٕ ظاہر کران ؎

صدکھو نہٕ زیاد چھِ یم معجزات
اَتھ ووٚلرس کانسہِ نہٕ ییٚتہٕ لوٚبنہٕ آنتھ
اَتھ ووٚلرس ژھانٛڈ بہٕ گوٚنت کوٚنت ترٕ
آب رکھا لوٚچ بہ جاری کرٕ
تریشہٕ ہوٚتا دِلہٕ کرے ترٕ زبان
وُٹھ وُژرے بِہر دُعا ناگھان

مولوی صاًب چھِ یم معجزٕ بیان کران کران پننی مبلغانہٕ ذمہ داری تہٕ پوٗرہ کران تہٕ وعظ خانہٕ سُند فرض تہٕ انجام دِوان۔ ییٚلہِ کانہہ شخص معجزہ ہاونگ شرط تھاوِ تہٕ پتہٕ معجزٕ وُچھتھ تہٕ ایمان اَنہٕ ہا نہٕ، تسُندِ بابتھ چھِ مولوی صاًب یہ کتھ ونان ؎

| | |
|---|---|
| کیا کرے یُس آہِ شقی در ازل | معجزٕ ترآوِتھ کرے جادِس عمل |

---

[1] کلیات مولوی صدیق اللہ۔ ص ۳۲۷

یمن منظوم معجزاتن ہُند مطالعہ کرِتھ چھُ پرن وول پزٕی پاٹھۍ اتھ نتیجس پیٹھ واتان زِ ؎

خط سبز ولب لعل ورخ زیبا داری
حسن یوسفؑ، دم عیسیٰ، ید بیضا داری
چہرہ وشکل وشمائل حرکات وسکنات
آنچہ خوبان ہمہ دارند تو تنہا داری

کتابہ ہندِس اندس پیٹھ چھُ مولوی صاَب ونان زِ اصل مطلبس تہٕ مقصدس کُن گژھہ کل گژھنۍ، یتھ منز یژھ فنکاری تہٕ ہنرمندی تلاش کرنۍ، ظاہر چھُ زِ تہُند مدعا کیا اوس۔ تہُند شعر چھُ ؎

قعر یمی بحرِ محیطک ژھانڈ ٭ شعر مہ وُچھ، آس ڈُنگل کاس زانڈ

توصیف رسولﷺ کِس سلسلس منز چھِ تہند لیوکھمت "شکل وشمائل آنحضرتﷺ" قابلِ ذکر۔ اَتھ اندر چھُ رسولﷺ نازنین سُند سراپا تہٕ تہندی عادات واطوار بیان کرتہٕ آمتۍ مولوی صاَبن چھےٚ پننۍ شاعرانہ مہارت تہٕ فنکاری ورتاوس منز اَنہٕ پنٕچ پوٗرٕ پوٗر کوٗشش کرِمژٕ تہٕ کرِتھ تہٕ چھےٚ اَہندِس سینس منز تمہٕ عشقہ الاوٕچ گرمی محسوس گژھان یمہٕ ستۍ عبدالاحد نادمُن دل وگر لیوٗمُت تہٕ فکر روشن سپزمژ آس۔ بہٕ دِمہٕ کینہہ مثالہٕ ؎ مولوی صاَبن چھُ عرق پاکس متعلق یہ شعر وونمُت ؎

تسَ نبی یسؐ اوس عرق مشکدار
آب دہن توشہ کھوتہٕ خوشگوار

تہٕ نادم صاَب چھُ یہ شعر ونان ؎

گمہٕ رویک تمن باآب وتاب
باجلا آئینس چھکتھ سیماب

موےٚ شریفکۍ تعریف چھہٕ مولوی صاَبن یمہٕ آیہٕ کرٕمٕژ ؎

موےٚ شریف اوسہٕ نہٕ پیچدار
یژٕ نہٕ سیوٗدےٚ تہٕ وُسٹے فکر تار

اوس پھیکین تام گاہ آسان زیوٹھ
ڈلیشہ ونہ گاہ کنہ نے تام ڈیوٹھ

تہٕ ناؔدم صاب یتھ پاٹھۍ بیان کران ؎

موے خوشبوے گوٚن سرک اوسکھ
عنبرٕ و مُشک انبرس اوسکھ
ژھوٚٹ تھوٚدکھ موے تا بند رٕ گوش
ییلہٕ تھوٚدکھ زیوٹھ ییوکھ تا سر دوش

تہنزٕ پیشانی ہنزٕ تصویر کشی چھےٚ مولوی صابنہٕ قلمہٕ یہِ ؎

ڈیکہ ڈوسٹ اوس رسول کریم
کاںنہٕ تمن وُچھنہٕ ڈیکس گینٛز قدیم

تہٕ عبدالاحد ناؔدمنہٕ قلمہٕ یہِ ؎

رٕتٕ کشادہ جبین نورانی
سورۂ نور چھُ پیشانی
اسنکو پاٹھۍ گینٛز بوٚیکھ نہٕ ڈیکس
شہ تہند ہیو ڈیکہ بجر تہٕ چھُکس

قدِ مبارکُک بیان چھُ مولوی صابنہٕ زیوٚ یتھ پاٹھۍ ؎

قد مبارک نبی یُس سرو ناز
بوتھزٕ سان نہٕ ژھوٚٹ نے دراز

تہٕ ناؔدم صاب چھِ یتھ پاٹھۍ بیان کران ؎

تھزرس کُن میانہٕ قد مائل
اوس لولاک خلعتس قائل
ہارکن منز شہ سرورِ والا
قد میانے تھدین گژھان بالا

یہ چھُ شہ موضوع یتھ مبالغہ آرائی پیدتھے ہیکہ نہٕ، آداب رچھنچہٕ بیڑٕ چھےنہٕ

قلمسے یوت بیوان ملکہ خیالس تہٕ۔ یۆدوے دوشوے شاعر اَتھ امتحانس منز کامیاب پیدی متۍ چھ، تاہم چھُ ناَدم صاٮ۪بن پننہِ قلمک اعجاز مولوی صاٮ۪بنہِ کھوتہٕ زیادٕ ے ہیہن ہو وُمت ۔ سراپا لگاری منز ے پہٕ شمایٔل بیان کرنس منز تہٕ چھےٚ پرٛھے فرق درٛینٹھ گژھان۔ وۄں گو واکھ کتھ چھےٚ ضرور، مولوی صاٮ۪بن چھےٚ سیرت تفصیلہٕ سان بیان کرٕمژ تہٕ ناَدم صاٮ۪بن موختصر پاٹھۍ تہٕ بیتیا صفات مولوی صاٮ۪بن گنزراٮ۪دی متۍ چھہِ تتی چھنہٕ ناَدم صاٮ۪ب بردنٹھ کُن انان۔ مولوی صاٮ۪بنُ بیان چھُ اَتہٕ زیادٕ بہن فنکارانہٕ۔ یم مثالہٕ وُچھو ؎

اوس تبسم کرٕوُن شاہ دین
شاد گژھان بیٚیہ سُہ وُچھتھ دلحزین
بوٚاَسہِ وُن زنہٕ کھسہٕ وُن آفتاب
غم کرٕوُن دوٗر سُہ نوٗرک حُباب

تہٕ اَتھ نسبت چھُ ناَدم صاٮ۪ب دنان ؎

چھکھنہٕ اوٚسمت بزرہٕ قہقہہ زاہ
رٕتۍ تبسم کرٕکھ گہہ و بیگاہ

تہُند کنھ کرنک انداز چھُ مولوی صاٮ۪بس نش یہ ؎

میوٚٹھ تہٕ ژھوٚٹ اوس کلام رسول ﷺ
معنیہٕ کنۍ زیوٚٹھ دلن منز قبوٗل
پرٚتھ کتھہِ ژھین حرف تہٕ آواز بیوٚن
سیر گژھان اوسنہٕ زاہنہٕ بوزٕ وُن
بوزٕ دنہن قول نبی ﷺ سو ختنہٕ زن
نیش نچھہِ نہٕ دوٗر ہُہےٚ گوو کنن
کتھ کرنکہٕ وقتہٕ سُہ جان جہاں
شعلۂ نور اوس ہران از دہاں

تہٕ ناَدم صاٮ۪بس نش یہ ؎

در فصاحت تہٕ در بلاغت تمام
بے نظیر آو بشر ملیح کلام

ناؔدم صاٮ۪بن چھُ اکِس ہتس تہٕ پنٛژہَن شعرن منٛز سراپا وٕونمُت تہٕ مولوی صاٮ۪بن گٔنہٕ ہاٹھن شعرن منٛز۔ بیٛلہِ زن سیٖرتس متعلق ناؔدم صاٮ۪بن پنٛژ ونٛزہ شعر ڈُنی ہتہٕ چھِ تہٕ مولوی صاٮ۪بن دوٕن ترٕ ہتھ شعریمن منٛز اخلاق، عادات، اطوار لباس، کھین چین بیتر واریاہ کیہنہ لوان چھُ۔

مروج نعت چھِ یہندِس کلیاتس منٛز ژے ژورے۔ سکندر نامہ کِس ڈِسلابس منٛز اکھ، مغازی النبیؐ کتابہِ منٛز اکھ، بدائع منظوم کتابہِ منٛز ترجمہ کرنے فارسی نعت تہٕ معجزات النبیؐ کـ [illegible] سا بیٹھ اکھ۔ یمن نعتن منٛز چھِ مدح رسولؐ علاوٕ التجا، فریاد تہٕ استغاثہٕ تہٕ میلان تہٕ ژون یارن ہندی تعریف تہٕ۔ مدحُک انداز چھُ کُنہِ عام قسمُک تہٕ کُنہٕ منفرد۔ مثلن سکندر نامس منٛز ؎

شہ سیٚچھُ از ہمہ آفرینش گزین
حبیبِ خُدا خاتم المرسلینؐ
زلولاک بر سر دِیکھُ تاج تس
قبا در شب خاصِ معراج تس

مغازی النبیؐ کتابہِ منٛز ؎

شہ شاہ رُسلؐ سرور انبیا
مزمل قبا تس مدثر ردا
چھُ پیغمبرن منٛز رفیعت مآب
تِتھے یُتھ ستارن اندر آفتاب

# نعتیہ شاعری

## تجربہ تہٕ امکان

شفیع شوق

نمؐ بہند باپتھ شاعری شایانِ شان زانٕنہٕ آیہ ہٕ { وَمَا عَلَّمْنٰهُ الشِّعْرَ وَمَا يَنْبَغِيْ لَهٗ (یٰسٓ) } تہنزِ ذاتِ بابرکات بنیہ یہ عالمہٕ چن بیسیار زبانن منز بیشمار خوبصورت نغمن ہند ناگہ راد۔ ییٚلہٕ مدینہٕ پاک چو کوریو ووٚلسہٕ ییتھ پنٕنوردہٕ ہٹو ہری وکھناوی "طَلَعَ الْبَدْرُ عَلَيْنَا مِنْ ثَنِيَّاتِ الْوَدَاعِ" تہٕ پیٚٹھ ازتام رٕودک دنیاہکی اہلی ذہن پنٕنی سارے لسانی صلاحیت کامہٕ لاگتھ تہندی صفت گنٕز راوان تہٕ اَنتھ رٕوس انسان رٕودی تم وونہٕ پھوٚلہٕ متی نغمہٕ گیوتھ تہٕ گنگراوتھ پنٕنی زندگی رتھ کھاران۔ یہ ازھبن سلسلہٕ چھُ ییتھ دوہس تام جاری تہٕ برونٹھ کُن تہٕ روزِ۔ اَتھ حقیقتس پیٹھ ہیکہٕ نہٕ بحث سپد تھے۔ بحث ہیکہ ییتھ مَسلس پیٹھ سپدِتھ زِ اَمہِ قسمچہ شاعری ہندی تخلیق مسلہٕ کیاہ چھِ تہٕ برونٹھ کُن کیاہ امکان چھِ اَتھ منز۔

نعت ہیکہٕ نثرس منز تہٕ آستھ تہٕ نظمہٕ منز تہٕ۔ دلایل الخیرات تہٕ کبریت احمر ہوی نثری شاہکار چھِ تھے پاٹھٕ نعت ییتھ پاٹھٕ اَکس سیود ساد کأشری شندہ بے پھٕریک لکہ باتھ چھُ:

| | |
|---|---|
| محمدؐ صابن ترٕ لٹیے | لوٚہتی یے پوشس |
| تہٕ دیدار کرٕ لٹیے | لوٚہتی یے پوشس |

یا

| | |
|---|---|
| نبیؐ صابن کیاہ گیالیس | زن گیالیس مالئنے |

جذبہٕ چھُ کُنۍ۔ تجربہٕ چھُ کُنۍ تہٕ مدعا چھُ کُنۍ۔ پھیر چھُ یتے زٕکُس کوٚت تام واتتھ
ہیوٚک یاکُس کیتھ نوٚک۔ گو واظہارٕ زٕنگ تہٕ صنفہٕ زٕنگ چھُنہٕ نعتہ باپتھ کانہہ قاد۔
نعت نگار چھُ ہیت، اسلوب، بحر، وزن، آہنگ، قافیہٕ، ردیف بتہٕ ورتاوس
منز مکمل پاٹھۍ آزاد۔ مگر تہٕ کرِتھ تہٕ چھِ نعت نگاری ہندۍ کینہہ مقرر حدیموٚ نیبر اکھ سوتھ
تہٕ ہیکوٚنہٕ نیرِتھ۔ یم حد چھِ موضوعکۍ۔ شاعرس یا نثر نگارس چھُ نعت لیکھنہٕ برونٹھے
یم حدوٗد تسلیم کرٕنۍ تہٕ یمن ہند احترام کرِتھ چھُس پننۍ ذات ترک کرِتھ مقدس جذبس
منز ییر گژھُن۔ یہ چھُ نعت نگارس کیٚت لازمی۔ ییلہِ اتھ منزلس پیٹھ واتہٕ سُہ
پرٛاوِ پانٕے اکھ ثقافتس منز آزادی یمیٚ حدن منز وسعت۔ تکیازِ حبِ نبیؐ چھُ
حبِ ایزدی۔ قُلْ اِنْ کُنْتُمْ تُحِبُّوْنَ اللّٰہَ فَاتَّبِعُوْنِیْ یُحْبِبْکُمُ اللّٰہُ۔
تہٕ بقول اقبالؒ "از خدا محبوب تر گردد نبیؐ" یا

مسلمان را ہمیں عرفان و ادراک
کہ از خود فاش بیند سر لولاک
خدا اندر قیاس ما نگنجد
شناس او را کہ گوید ما عرفناک

تہٕ لہٰذا چھُ مقام رسول سرِنۍ خدا سرِن تہٕ بقول حضرتِ شیخؒ

عقل تہٕ فکر تور کوٚت سوزکھ
کمۍ مالہِ چیتھ ہیوٚک سہ ذری یاد

مگر اتھ کیاہ کرِ زِ پننۍ سرِن باونہٕ خاطر چھُ انسٕنس باوژ ہند اکوے وسیلہ
تہٕ اکھ محدود وسیلہ یعنی زبان۔ شاعر چھُ یوٚہے محدوٗد وسیلہ ہیتھ لامحدوٗدس کوم
کرٕنۍ یژھان۔ پیٹھ ییلہِ حبِ نبیؐ تہٕ حبِ ایزدی کُنۍ تجربہٕ آسہِ، تخیلس تہٕ
چھِ بقولِ رحمان ڈار "چشمو کھور بیوان کڈٕنۍ" تہٕ احتیاطس چھُ دامن گیر بیوان
روزُن۔ تخلیق یہ کوتاہی چھےٚ نعتیہ شاعری ہُند ساروے کھوتہٕ بوڑ مسلہ بنان
تکیازِ شاعری ہیکہِ نہٕ احتیاطس اندر اندر روٗزِتھ جہانن وحاطہٕ کرِتھ۔ شاعری
چھےٚ رِکھہِ ماندۍ تھےٚ حیات لبان تہٕ امکو سرچشمہ چھِ ظلماتہٕ وزان۔ شاعری چھےٚ سائنس

یتھ سیاہ کارن ہندِس سیاہ دماغ دنیاہس منز ممکن تکیاز شاعر چھِ کلام اللہ کہ ارشادِ "سیاہ وادین ہندی ونہ گتھ"۔

یتھ کیاہ ناہ کرِ نعت گو؟ تس چھُ بروتھ کنہ جلالک تہٕ جمالک آہنگ تہٕ تس چھےٚ اَمہِ چےٚ پرٛوٚ لفظن منز سامنہٕ تہٕ اتھ دشوار کامہِ منز چھُ صرف کلام اللہ مکمل پاٹھی کامیاب ییلہِ مردِ کاملؐ سُند مکمل لسانی شبیہہ نازل سپد: اِنَّآ اَرۡسَلۡنٰکَ شَاهِدًا وَّ مُبَشِّرًا وَّنَذِیۡرًا وَّدَاعِیًا اِلَی اللّٰهِ بِاِذۡنِهٖ وَسِرَاجًا مُّنِیۡرًا (الاحزاب) تتہٕ پیٹھٕ از تام یم کرور بدی نعت ونہٕ آے تمن سارنی منز چھُ بیانک یوٚ ہے تکمیل پراونک مدعا روٗدمُت تہٕ سارنی چھےٚ کم زیادٕ کامیابی میچمٕ۔ جلال تہٕ جمال نعتس منز ہاونہٕ باپتھ چھُ شاعر معرض شاسس ڈٗنی دِنہٕ باپتھ پننٕ تخیُل وُبھناوان تہٕ پھری پھری چھُ ہوی حساوی تفصیل ہینتھ واپس یوان: وُچھون تہٕ وُچھون تابناک آفتاب ہیوٚ، زاَنیون تہٕ زاَنیون گلاب ہیوٚ، ژھیٚون تہٕ ژھیٚتیون مشک ادفر ہیوٚ۔ انسانہٕ سُند اوالی تخیُل PRIMARY IMAGINATION ہیکہٕ تہٕ اَمہٕ نیبر نیبرِ تھ۔ نعتن ہندی بہترین کھوتہٕ بہترین شعر چھِ یمنےٚ بصری شبیہن اَندی نکھی گردش کران:۔

گو جہاں تازہ برُخسارِ رسولِ عربیؐ
روٗٹ گلوٗ مشک زِ گفتارِ رسولِ عربیؐ
روز و شب درائے پیٹھٕ پرٛدٕ ژٹھٕ شمس و قمر
ذرہ چیس آے بہ انوارِ رسولِ عربیؐ (حقانی)

یمتن سارنی شعرن ہُند بافت چھُ کُنےٚ تہٕ شاعر سُند کمال چھُ صرف تمی ہنز قادر الکلامی منز۔ نان نزِ سُہ کمہِ مہارتہٕ سان ہیکہِ زبانی تھوٗد تُلتھ، لفظن ہنزن آوازن ہندی کرشمہ وہ تلاوِتھ تہٕ باوژ ہُند اجمال پیاد کرِتھ۔ مگر کیاہ شاعر روزِ ناہ صرف یتےٚ کران؟ اَما اکھ پُرِ گو نعتیہ شاعر تہٕ کرِ شعر ہیکہِ اَمہٕ ترایہ ہندی تخلیق کرِتھ؟ اکھ، زِ ترےٚ کیہٕ ژورہ؟ تہٕ یا قےٚ نعتیہ شاعری متعلق کیاہ تنقیدی راے ہیکہِ دِنہٕ یتھ؟۔

سائی مقبوٗل ترین نعت چھِ جذبکہ تقدسہٕ کنہٕ عظیم نعت یمن ہُند تخلیقی

نوٗر بہٕ حسن ہیکہِ نہٕ زیرِ بحث یِتھے تہٕ تنقیدُک موضوٗع بٔنِتھ۔ یِم نعت چھ اکھ ساٗری ہوش سنبالہٕ بیٹھے خوبصوٗرت آوازو سٟتۍ وَنٕن یِوان منز بوزان آمٕتۍ۔ اگر شاعری ہنز پرٕنٛتھ اَکھ جذباتی شدت تہٕ اَکھ ڈہتھ پٔنٕنۍ صلاحیت چھےٚ، تیٚلہِ چھ یِم نعت لازمن اعلیٰ شاعری مانٛنۍ:

- ○ عربی شاہا، مدنی ماہا
  اَسہٕ گوٚژھ گٕژھنہٕ منز گاہا چون ـ (نادم)
- ○ ژٕ یے چھکھ ازلہٕ تہٕ ژٕ یے چھکھ آدن
  یا نبی یادن وندہوے سر (نادم)
- ○ حضرت نبیس لگہٕ وے ناوس
  واوس اَتھ دِتہٕ ناوس زار (نادم)
- ○ ہا واہ وا آنکھنا تونے بیٚنہٕ ڈاپھ تراوتھ مصطفیٰؐ
  احوال میانی تس ونکھ سُہ ہوکرِ یم دادن دوا (ثناءاللہ)
- ○ عربکہٕ سردارٕ پیمہٕ ہوے یادن
  عاشقن گوٚش زیادن تھاو (ناظم)

یہ چھُ نعتیٕ شاعرِ ہُند معراج یتھ منز جذبُک خلوص اَکھ شدت تہٕ صوتی آہنگ میٖلِتھ بوزن والیس وٕلسنس چھُ انان۔ مگر سۆ شاعری یتھ منز متضاد جذبہٕ میٖل کرنٕچ کوٗشش چھےٚ آسان تہٕ تمہٕ باپتھ حقیقژ ہنز تہہ بہ تہہ آگاہی چھےٚ آسان، سۆ شاعری چھےٚ نعتیٕ ترایہِ نِشہِ مختلف۔ نعتس منز چھ شاعرس زندگیہ ہندۍ اکثر پاس مُشرٕنۍ تہٕ صرف چھُس اَکی سے جذبس تابع روزُن۔ اَتھ منز چھُ تمۍ سُند شعوٗری انتخاب کام کران۔ اَتھ برعکس چھِنہٕ باقی شاعریہِ منز انتخابٕچ یہ بندِش۔ تتھ منز چھِنہٕ رُت تہٕ کرٕت جذبہٕ شاعرانہٕ تہٕ غاشاعرانہٕ معیارن ہنز بنیاد بنان۔ نعتیہ شاعری ہنز یہ بندِش چھےٚ تشبیہہ تہٕ استعارٕ ترٛھارنس پیٚٹھ تہٕ حاوی پیدان۔

پُرکمال شاعر چھُ سےٚ یُس بندشن منز روٗزِتھ تہٕ بٔنِتھ آزادی ہنز

سبیل کرٕ۔ سُہ چھُ مروجہٕ استعارٕ تراوِتھ غارٕ متوٗقع ہشر ژھارِتھ نوٚو استعارٕ گران۔ یہ چھُ نٕزٕلی ممکن ییٚلہِ شاعرٕ آنحضورنٛ ہندِس جمالس منز شاملِ تحیُّر محسوٗس کرِتھ ہیٚکہِ تہٕ تمہِ پتہٕ اٚندی نِیٚتھ ویوٗد معروضی دنیا تراوِتھ ماوراہس تہٕ ژھارٕ ہیٚکہِ دِتھ۔ یہ کمال چھُ سِرٕ ی شاعری منز بے ممکن۔

○ الفس تہٕ میمس آس ملونے
آنس مل پیوٚو گوحا ران
دذ رز ص اوس ینے
ونے درد نیستان (محمود گامی)

پوچھرُک پردٕ ژھٕٹھ اژ منز حجابس
پادشاہ ڈیشہِ ہن نوابس ستی
برونٹھ یچھ کھوژ مہٕ قہر و عتابس
رندٕ چھُکھ زندٕ کتھ آبس ستی
آب منز ناو تہٕ ناو منز آبس
یُتھ چھُے حق آنجنابس ستی
آنجناب میلتھ پرسچھٕ اصحابس
رندٕ چھُکھ زندٕ کتھ آبس ستی
صوٗرتس معنی تعبیر خوابس
مشک زن میلتھ گلابس ستی
واصلس نٕنہٕ ژھاے چھنہٕ کانہہٕ نقابس
رندٕ چھُکھ زندٕ کتھ آبس ستی (محمود گامی)

رحمت بخشنٕ چشمو پرزناو لوان کو نہٕ چھُے ونیے
احاطہٕ کرِتھ چھُ حیات النبیؐ تس زانن عارفان

اَنِتھ روٗسی وچھے تمہٕ وَتہٕ لاران سے زانہٕ ییس حال بنے
کرکھے زیارتِ سرکارؐ ہر دم ثابت روز شانکنے
چشمو کھور کڈ تمہٕ وَتہٕ بروہنہ پچھ پُتھ اَسی زنہٕ پھیران

(رحمان ڈار)

لا بۄنہٕ میم گژھ پراوُنے
دل گژھ کلمہ پرناونے
شاہ چھےُ بُٹھہِ پننے گرے

(حورے منے نیوٗنم ژوٗرِ دل) (لنعہ صاب)

نعت نگارن کیُت چھُ بیاکھ اہم حد یہ زِ آنحضورنؐ ہنز ذاتِ مُبارک ہیکہٕ نہٕ اساطیرن ستیٚ وابستہ سپدتھے تہٕ نہٕ ہیکہِ اتھ متعلق نوٚو کانہہ اسطور بنتھ۔ حیات النبیؐ چھُ عقل تہٕ استدلال تہٕ عقل تہٕ استدلال چھُنہٕ اصل صوٗرژ منز شاعری منز انُ ممکن۔ یم ساریے دشوار یہ نظر تل تھوٚتھ چھُ باسان زِ یا تہٕ چھُ نعت نگارن آنحضورنؐ ہندِس جمالس تہٕ جلالس متعلق صرف قرآنی ارشادس نوین نوین لیٚن تہٕ آہنگن منز تشریح کرنی نتہٕ چھکھ سراجاً منیراً اکُ حسُن بیتہٕ بیتہٕ انفرادی اندازٕ سرُن تہٕ باوُن۔

حسنُک کمال چھُ تحیُر پادٕ کرنُک صلاحیت۔ یعنی یہ گژھہِ وُچھن والِس پانہٕ منز منتقل کرِتھ اَندیشہِ ہاے دوٗر درازن منز آوراوُن۔ مگر حسنِ نبیؐ چھُ یہ صلاحیت تھاوتہٕ علاوٕ اَمہِ کھوتہٕ اہم صلاحیت تھاوان یعنی تغیر پادٕ کرنُک صلاحیت۔ مسلمانس چھ اَمہِ لاثانی جمالُک تصوٗر ذہنس منز انُن تہٕ تمُی ہند نفسہٕ کین سنرن منز گژھہِ انقلاب وُزُن۔ یوٚہے یوٚسہ روتہٕ لیومُت انقلاب گژھہِ کُنہٕ جبروراۓی خارجی دنیاہس پیٹھ پانی پانے حاوی تہٕ یوٚہے انقلاب چھُ لوٗشہِ وُن انقلاب اِنَّ اللّٰهَ لَا یُغَیِّرُ مَا بِقَوْمٍ حَتّٰی یُغَیِّرُوْا مَا بِاَنْفُسِهِمْ۔

# "آیہ نولاکۍ تاج سرٕ پٮ۪ٹھ"

ڈاکٹر شاد رمضان

خضر ملک صفائی ہٕند نعتکٕ یہ طرح چھُ اکھ نوٚو تہٕ منفرد لہجہٕ یتھ کاشرِس نعتیہ ادبکس نوآرٕ نخس منز اکہِ نوِ تہٕ توجہ طلب بابٕکٕ اضافہٕ کران۔ ہرگاہ پروفیسر رشید نازکی صابن "کلیات نادم" ترتیب دِنہٕ وزِ صفائی سُند نعت بروٚنہہ کنہٕ آسہِ ہے سُہ ہیٚیہ ہے نہٕ فقط کلیاتکِس تنقیدی تبصرس منز صفائی سُند ناو عزتہٕ سان بلکہ مابدلاوِہے ضرور کینژن کاشرِن نعت گوشاعرن متعلق پننۍ رائے تہٕ کلچرل اکادمی کرِ ہے ینِس ترتیب دِژ منتخب نعت نمبرس "نورٕ آگر" منز صفائی یِس کاشرِ زبانی ہٕندین صفِ اول کین نعت گو شاعرن منز شمار۔ بہرحال وونۍ ییلہٕ صفائی سُند نعت عوامس بروٚنہہ کنُن واتہٕ، نقاد تہٕ محقق کرن صفائی سُند مقام مشخص ییمیک دس یتھ موختصر مقالس منز صفائی ہٕندِ نعتکُ کم کاسہٕ جایزہٕ ہینہٕ یِنہٕ دوہ کتھ۔

نعت چھُ بُنیادی اکھ موضوعی شعر ذات ییمیک بجر اَمہِ کِس عظیم نہٕ لاثانی موضوعس منز ژھینیتھ چھُ۔ یعنی آنحضورؐن ہٕند سیرت پاک تہٕ شکل وشمایل تہٕ بعضے تہٕند جمال تہٕ جلال۔ بوڈ فنکار چھُ دوشونی صورژن منز موضوعی عظمت رٹھراونس سٟتۍ فنی تقاضہٕ تہٕ رچھان۔ نعتکُ اکھ حصہ چھُ یتھ منز پیغمبرِ خدا حضرت محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وسلمن ہٕند خولہٕ خط بیان چھُ

سپدان ۔ صفائی چھُ پرٛژھن جاین لفظن اکہِ آولہِ موٗقلیعٔ کامؑ ہیتھ نبی کریمؐ سٕندِ نوٗرانی شیٚبہٕک دیدار کرناوان ۔ سُہ چھُ نعت ونان لول، عقیدت تہٕ احترام رٕژھران رٕژھران آنحضورؐن ہند پیغمبرانہٕ مرتبُک تہٕ شیٚبہٕک مٲری موٗند اظہار ہاوِنہٕ موکھ لطیف تہٕ فنکارانہٕ اندازس منز قرآن مجیدکی حوالہٕ پیش کران ۔ یتھپہ شعرو تلہٕ چھُ صفائی ہنزِ شخصیژ ہُند اکھ قابلِ توجہ پاس نظرِ تل یوان زِ سُہ اوس نہٕ فقط قرآن مجیدُک حافظے یوت بلکہٕ قرآنی نوکتن وانن وول تہٕ ۔

آیہ لولاک تاج سرٕ وُچھے
آیہ فاستقم کمر وُچھے
طاءِ طٰہٰ زٕنے طرح دستارس
میم حامیم طوقِ زر وُچھے
زلف واللیل چھےُ المنشرح
سینہٕ بے کینہٕ سیمبر وُچھے

مدح حامیم زٕنے زلف چھی جیم
سوٗنبلکُ زار یا رسول اللہؐ
مدا ابرو چھ سورۂ نون
مثل نزوار یا رسول اللہؐ

نیٚبہٕ چھُ عام فنکار تہٕ وٕہ تلاوان اما پوٗز تمن مُناسب تہٕ موافق ماحول دِین چھُ آنڈٕ پن فنکارن ہُند کمال ۔ خضر ملک صفائی چھُ بعضے آنحضورؐن ہنز نوٗرانی شخصیتچ پرٛزنتھ قایم کرنہٕ باپتھ تہندین یارِ غارن ہندین صفاتن تہٕ القابن ہُند تذکرٕ کران تہٕ بعضے اصحابن تہٕ تابعینن ہنز سیرت تہٕ عظمت بیان کرِتھ حضوٗرن ہندِ عظیم وجوٗدکی بیار پاسل اظہار گاشراوان ۔ یتھ کنہٕ چھُ صفائی اکھ ندپوٗکھ گاشرٕ اِتھ منز یُم مقام پرٛزناوِنچ فنکارانہٕ کوشش

کران ۔ یاوَ تو یِتھ کُنہٕ زِ دایرکہٕ مرکزٕ بیٹھ یم زٕ ژ کلہم محیطس پرٛزلاوان چھے، تِھے کُنہٕ چھُ محیطکو مختلف نُکتہٕ بنہٕ وجوٗدکہٕ اظہار سِتہٕ مرکزٕچ اہمیتھ ٹاکارٕ بناوان ۔

چاَنہٕ اصحاب دینہٕ کس باغس — ژور دیوار یارسول اللہؐ
ثانی اثنین درشبِ ہجرت — چھےٗ جلوٕ دار یارسول اللہؐ
شاہِ فاروق دینہٕ کس باغس — چرخ سیار یارسول اللہؐ
سُبرہن گوو زِ جامعِ القرآن — گنج اسرار یارسول اللہؐ
اسداللہ حیدرؓ یزدان — شیرِ جبار یارسول اللہؐ

شاہ عثمانؓ جامع القرآن — خاص کاتب بفتح وجروٗ چھے
شیرِ جبار حیدرؓ کرار — شہرِ علمس دریچہ ودرٕ وٗ چھے
آلِ اصحاب ہمقدم چاَنی — سیرتس صوٗرتس ہشرٕ وٗ چھے
نخلِ پربار دینکس باغس — ہیٚ تہٕ گلزار تازٕ وترٕ وٗ چھے

صفاَیُ سُند لسانی ورتاو چھُ خاص پاٹھۍ قابلِ توجہ ۔ سُہ چھُ بعضے تخلیقی تقاضہٕ نظرِ تَل تھوٗتھ لفظن ہند لغوی معنے برقرار تھوٗتھ نوٚین معنین ہند تلاش کران ۔ نعت چھُ عقیدتی ادب تہٕ اَتھ منز چھُ جذباتن ہند آدریراَکبھے، اماپوٚز ظاہرکہٕ سوٚد برنٛز باطنک موٗخنہٕ کھالُن تہٕ پرن واَلِس سُہ موٗخنہٕ پرزناونُک تہٕ موٗلہ ناونُک قووتھ عطا کرُن چھُ کمال رفنکاری گیٚہ بےٚ زوٕ چیز جاندار ہندی پاٹھۍ بولہٕ ناوِنۍ ۔ اکاَیِل کتھن تھوٗس کاےٚ بخشُن ۔ صفاَیُ چھُ اَمہٕ اعتبارٕ تہٕ ہونرمندی ہُند ثبوت دِوان ۔ صفاَیُ سُند لفظ ورتاو چھُ بنہٕ موضوٗعی بجرعلاوٕ ہیتی ولقارٕ کنہٕ تہٕ اہم ۔ یمہٕ حسابہٕ سُہ لفظن ترتیب دِوان چھُ موضوٗعک جلال چھُ ہُران تہٕ جلال پرٛبنان ۔ سُہ جمال یُس نعتیہ صنفہٕ ہندِس مزازس تہٕ اَمہٕ کِس شانس شایان چھُ تہٕ سُہ جلال

یُس عقیدٕ زَ پٔتہ عاجزی ہُند وصف چھُ خاصکر تھ چھُ عقیدتی ادبس منز لفظ ورتاوُک احتیاط لازمی، اما پوز بوڈ فنکار چھُ اَتھ دوران تہٕ لفظس موضوعک زینتھ تہٕ معنیک سمندر بناوان۔

| | |
|---|---|
| ہاو دستار یارسول اللہؐ | تھاو برسر عمامہٕ کوفور |
| مثلِ سوفار یارسول اللہؐ | کوٚنڈ فراکھ دِوان چھُ زخمن نیش |
| درج طومار یارسول اللہؐ | لوح محفوظ چھُ چون دفترِ کُل |
| گُل تہٕ گلزار یارسول اللہؐ | چشم مازاغ کر نظر پھولہ باغ |
| ژاد خمار یارسول اللہؐ | کوٚت کالا یُمبرزلن چھُ خاب |

کاشرس منز چھُ نعت تیتھے کنہٕ زنہٕ ہیتھ ییتھ پأٹھی فارسیس منز چھُ۔ اکِہ پاسہ تھاوِ توٚکھ فارسی زبأنی ہندی خاقانی تہٕ جامی تہٕ بیٚیہ پاسہ تھاوِ توٚکھ کأشر زبأنی ہندی صفائی تہٕ نادم۔ ییٚتھ کنٕ خاقانی ہندین نعتن منز باوژ ہند اوبرگوبر بیانک شان تہٕ اشارن ہند مانہٕ سوو ابہام نظر گژھان چھُ تیتھے کنہٕ چھُ صفائی ہندین نعتن منز لبنہٕ یوان۔ صفائی چھُ آنحضورؐن ہندی معجزٕ تمہٕ شاندار انداز بیان کران زِ فارسیک خاقانی چھُ ژٕ تس پیوان، ییٚتھ پأٹھی چھُ کأشرِ نعتک باوقار وجود بروہہ کُن ییتھ کأشر زبأنی ہنز پرژنتھ تہٕ عظمتہٕ ہیٚنز ٹاکار سپدان۔

| | |
|---|---|
| حال باوان ژےٚ جانور وُ چھے | استغاثس چرند وحشی آے |
| سجدٕ دِوان شجر و حجر وُ چھے | دین دنیا ژےٚ جُملہ زیر نگین |
| سر کرِتھ خم ژےٚ کُن شجر وُ چھے | ساروے کوٚر ژےٚ نش سلام وکلام |
| نجم انوار جلوٕ گر وُ چھے | خیل عشاق یم ژےٚ کُن مشتاق |
| مقتدی پأنہٕ بوالبشر وُ چھے | نوحؑ موسیٰؑ خلیلؑ بیٚیہ عیسیٰؑ |

| | |
|---|---|
| ژےٚ کران چھی طواف لیل النہار | ماہِ خورشید کواکب سیار |

ژھکھ ولی نعمت عرب تا عجم — غم تہٕ وسواس کاستم یکدم
آسہکھ نے تہٕ آسہی نہٕ وجوٗد — جملہٕ چانے طفیل گوٚو موجوٗد
ژٕ بے سوا اوس درحجاب عدم — غم نہٕ وسواس کاستم یکدم

یوٚہے مٲری موٚند اظہار چھُ اُہندِن منقبتن منز تہٕ درینٹھ یِوان کینہہ مثالہٕ پھتے پیش۔

ذاتولا بو حنیفہ نعمان — بُلوفا بو حنیفہ نعمان
چھُس سراج الامم لقب کھارن — مصطفیٰ بو حنیفہ نعمان
در شریعت طریقت و عرفان — پیشوا بو حنیفہ نعمان
مقتدی ہوی چھِ عالمکی عُلماء — مقتدا بو حنیفہ نعمان

ژھکھ ژٕ گردوں جناب یار ریشی — ژھکھ برزن آفتاب یار ریشی[1]
کوٚت کالا بستہٕ حرفن منز — اَسہٕ پھرِ ووٚنی کتاب یار ریشی
چانٛی اطوار عادتہٕ آثار — سُنتہٕ آنجنابؐ یار ریشی
سلسلہ چون سہروردی اوس — پھَے کمند و طناب یار ریشی

---

[1] بابا ہردے ریشی یمس کاشرٕ "ریشہ مول" ونان چھِ تہٕ یہُند آستانہ عالیہ چھُ اسلام آبادٕ۔

# رُسُل میر تہٕ ناظم

# بحیثیت نعت گو شاعر

ڈاکٹر مجروح رشید

ہم کال آسٕنۍ ستۍ تِہ آسۍ رُسُل میر تہٕ ناظم بنیادی طور رومانی مزاجٕکۍ شاعر۔ دوشوے چھِ بنیٚر پانٕژ انسانٕۍ لوٚکۍ نغمہٕ خوان تہٕ اَتھۍ چھِ پننہٕ شاعری ہُند وُرُن وٕتھرُن بناوان۔ ناظم چھُ نعت، غزل، مرثیہ، ہزل تہٕ مثنوی لیکھان ییلہٕ زَن رُسُل میرَن اتھ مقابلہٕ صرف غزل (وژُن) لیکھنس پیٹھ اکتفا چھِ کران۔ ناظم چھُ رُسُل میرس مقابلہٕ زنگارنگ مگر رُسُل میر چھُ یک رنگی لنٛبرے سُہ مقام حاصل کران یُس نہٕ ناظمس نصیب سپُد۔

ناظم تہٕ رُسُل میر دوشوے آسۍ مذہبس واقف۔ مگر ناظمس مقابلہٕ اوس نہٕ میر مذہبی تہٕ شرعی معاملاتَن پابند۔ ناظم اوس وعظ خوان تہٕ وعظ خوٲنی ہندِس منصبس پیٹھ آسنہٕ کِنۍ آسہٕ ہے تٔمِس سیرتِ پاکس پیٹھ تہٕ جان نظر۔ تٔمِس اوس نہٕ صرف حضورؐ ہندِس ذاتِ اقدسس ستۍ یوت والہانہٕ عشق بلکہ اوس اولیاءِ کرامن ہُند احترام تہٕ عقیدت تہٕ ۔اَمیُک ثبوت چھِ تٔمۍ سٕندۍ نعت کیو منقبت۔ رُسُل میر چھُ مذہبس واقف آسنہٕ تہٕ زِ کہٕ مجازی رشتن ہندۍ نغمہٕ گیوان ییلہٕ زن ناظم مجازی رشتن آے کانٛھان روحانی حقیقژن ہُند احترام تہٕ زٕژھران چھُ۔ مگر اَمیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز زِ رُسُل میرن کیاہ چھُنہٕ اَمہٕ قسمکۍ تجربہٕ سٕرۍ متۍ بلکہ چھُ پزر یہٕ زِ تٔمۍ سٕندن کینژن وژنن منز چھِ نعتیہ شعر تہٕ نظرِ گژھان۔ اَمہٕ علاوٕ چھُ رُسُل میرن اکھ نعت تما غزل تہٕ

وفات نامہ آنس ورٕتھ لیکھمٕت۔ تمی سندین مختلف وزنن منز چھ ییمہٕ آیہٕ نعتیہ شعر نظرِ گژھان۔

کھوٚت حضرت سوٗنے معراجس
تس وُنہ وان سور گچھِ حوٗرٕ لولو

ذاتس تعشوق سالہٕ نیوٚن معشوق
وُنہ وان حوٗرٕ غلمانے تہٕ لولو
ژھونجہ اکہ یکھنا درشن دِکھنا
عشکُ چھُکھ وعظ خوانے تہٕ لولو

یمو شعو ستۍ چھُ پانے واضح سپدان زِ یتھو ہوی شعر چھ چھراعقیدت مندی تہٕ اسلامی تواریخٕچ واقعات۔ رُسل میرنس کلیاتس منز چھُ اکھ بانتھ" "از آم دلبر الحمدللہ" یہٕ نعتیہ لیچ نظم پرٕتھ چھُ ماننٕ پیوان زِ رُسل میر ہیکہ ہے جان نعت لیکھتھ اگر تمی سُند شعور پرٕتھ ساعتہ اُمہ باپتھ آمادٕ روزِ ہے۔ زیرِ بحث نظم چھےٚ یژھ شعوری آمادگی ہند باس دِوان تہٕ رُسل میرنی یہٕ نظم چھےٚ نعت آننس ستۍ ستۍ اکھ فن پارٕ بنان۔ اَتھ نظمہِ چھُ اکھ لاہوتی آہنگ دوٚ تلان ییمہٕ کہ ذریعہ حضورنٕ ہُند مکمل پیکر نظرن بروٚنہہ کُن چھُ یوان۔

مہروے موٚلے نوٗرٕ تجلے۔ اللہ اکبر الحمد للہ
از آم دلبر الحمدللہ
چھےٚ تیتھ قدٕ تس نی شوبہ سور گس، طوبےٚ تہٕ کوثر الحمدللہ
از آم دلبر الحمدللہ

محمد یوسف ٹینگ چھُ اَتھ بابتھ متعلق لیکھان۔

" رسول میرنین کینژن گارن والین ہُند ونُن چھُ زِ یہٕ اُس میرنین مجازی خیالن پیٹھ تہٕندین صوفیانہ تجربن ہنز فتح۔ دَے زانہٕ یزٕ مگر رُسل

میرنہ کلامہ ستیٚ چھُنہٕ تَمہِند صوٗفیانہٕ لیہٕ ہُند گُمرِک انداز گژھان۔ اوٚ یہٕ چھُ
پوٚز زِتمیٚ چھ کینہہ جان نعت لیکھیٚ متیٚ۔[1]

ٹینگ صابُن وَنُن چھُ پوٚزُے باسان۔ یہٕ نظم چھِنہٕ کُنہِ صوٗفیانہٕ
تجربچ بازیافت بلکہ اکھ غزل نما نعت۔ اَتھ منز چھ اکثر شعر تِتھۍ تَمَن منز
حضورن ہُند جمال تہٕ روحٲنی رتبہٕ نوٚن چھُ نیران۔ یہٕ جلال تہٕ رتبہٕ چھُ شاعر
ہِندِس دِلس منز حارَتھ تہٕ خوشی ہُند یکہ وٹہٕ جذبہٕ وۄتلاوِتھ اکھ تخلیقی تہٕ تخیلی صورت
لبان۔ اَمہِ نظمہِ ہُند آہنگ تہٕ لفظِیات تہِ چھُ یِمہِ کتھِ ہِنز شہادت فراہم کران
زِ یہٕ چھِنہٕ کانہہ صوٗفیانہٕ تجربہٕ۔ یہٕ آہنگ تہٕ لفظِیات چھُ گاشرِ صوٗفی شاعری ہِندِ
آہنگہٕ تہٕ لفظیاتہٕ نِشہٕ مختلف۔ اَتھ نظمہِ منز چھ عقیدت تہِ تہٕ فن تہِ تہٕ یم زٕ ہیکوکھ
نہٕ الگ الگ کٔرِتھ۔ کینژن شعرن منز چھ تغزل حاوی مگر نعتچ رِوایت وُچھتھ
چھُ مانُن پیوان زِ اَمہِ قسمکۍ نعتیہ شعر چھ عربی تہٕ فارسی زبانٕ ہِندۍ نامایِد نعت
گو شاعرو تہِ تخلیق کٔرۍ متۍ تہٕ اَکِس روحٲنی ہستی تہٕ محبوبس متعلق یِتھۍ ہِوۍ شعر
لیکھنہٕ ستیٚ چھُ لاشعوٗری تہٕ (ARCHETYPAL) حقیقتن ہِنز اہمیتھ کھٔر سپدان۔

وُچھتن سہٕ قٲبل کرُس بسمل تس آلوے سرا الحمد للہ

از آم دلبرا الحمد للہ

وُچھتن سہٕ پُرنور چھَس چشمہٕ مخمور ہم چشمہٕ خاور الحمد للہ

از آم دلبرا الحمد للہ

وفات نامہٕ آنسرون نظمن چھِیہٕ "از آم دلبر" نظمہِ مقابلہٕ واریاہ کمزور۔
اَتھ منز چھِنہٕ کانہہ پُرتاثیر شعر تہٕ نہٕ چھ کلہم پأٹھۍ اَتھ منز جذبچ کانہہ
شدت تہٕ نہٕ کانہہ حرارتھ محسوس سپدان۔ بے زِ شعرن ہِنز یہٕ سوٚمبرن
چھِنہٕ کُنہِ تہٕ طریقہٕ کُنہِ قسمک جمالیاتی تسکین فراہم کران۔ مگر عقیدت چھُ یِنہِ
جایہٕ مسلم تہٕ اَتھ ہیکو نہٕ سوال کٔرِتھ۔

---

[1] محمد یوسف ٹینگ کلیات رُسُل میر۔ صفہ ۳۱

دۆن عالمن چھُ سایبانے　　سون محمدؐ نوٗرٕ نوٗرانے
نوٗرٕ برٛتس حوٗرٕ وَنہٕ وانے　　سون محمدؐ نوٗرٕ نوٗرانے

ناظم چھُ یہ زن گوڈے ونہٕ آو رُسُل سیرس مقابلہٕ ژوٗر مذہبی تہٕ شرعی معاملاتن ہُند واقف آسنس سٟتۍ سٟتۍ تمن ہُند قایل تہٕ پابند تہٕ اوسمُت۔ تمۍ سٕندِس کلیاتس منٛز چھِ شہ نعت نظر گژھان۔ یِم نعت پرٛتھ چھُ باسان زِ سہ چھُ نعتہٕ کیٛن تقاضن، رلوایژ تہٕ لہجس واقف اوسمُت۔ تمۍ سٕندین نعتن منٛز چھِ حضوٗرنؐ ہُند جلال تہٕ جمال علاوٕ تمۍ سٕندۍ ذاتی دوٗکھ، دادی تہٕ محرومیہ تہٕ باوتھ لبان۔ دارِیاہ لوٗکھ چھِ یہ سوال تہٕ تُلان زِ کاشرِس نعتس منٛز چھِ حضوٗرنؐ ہُند مرتبہ گاشراوُنہٕ بجایہ اکثر و بیشتر شاعر پننۍ ذاتی گدرُن باوان تہٕ یہ چھُ پزر تہٕ۔ مگر یہ کتھ ہیٚکہٕ نا پننہٕ جایہ صحیح اٮ۪تھ زِ اگر اکس عظیم تہٕ مثالی (IDEAL) محبوبس سٟتۍ مخاطب سپدان یا تس متعلق کُنہٕ جذبٕچ باوتھ کران کران شاعر پننین ذاتی دوٗکھن تہٕ دادین اکھ آفاقی ہیٚتھ دِتھ ہیٚکہٕ اتھ منٛز کیاز ہیٚکہٕ کانہٕ اعتراض اٮ۪تھ۔ میانہٕ ونُک مطلب چھُ یہ زِ نعت ہیٚکہٕ نا شاعر سٕندین جذبن ہنٛز باوژ خاطرٕ بطورِ اکھ ٹیکنِک ورتاونہٕ یِتھ۔ مےٚ چھُ باسان زِ اگر شاعر حضوٗرنؐ متعلق ذہنس منٛز کانہہ تصور تھاوتھ انسانی معاملاتن (چاہے تِم نفسیاتی فلسفیانہٕ یا کُنہٕ تہٕ قسمکۍ آسن) متعلق تہٕ اشارٕ کرِ (TANGENT) یہ ہیٚکہٕ تخلیقی طورٕ نعتہٕ خاطرٕ کارآمد ثابت سپدِتھ۔ یِتھ رٔنگۍ سوال حضوٗرنؐ ہُند مرتبہٕ گاشراوُن تھ متعلق چھُ جامی ین صحیح اشارٕ کوٚرمُت۔

بعد از خدا بزرگ توئی قصہ مختصر

مگر یہ کرُتھ تہٕ گژھہ شاعرس ہمیشہ یِمہ کتھہ ہُند خیال روزُن زِ تمہ جذبہٕ گژھن تہٕ حضوٗرنؐ سٕندِس جمالس تہٕ جلالس پیٚٹھ اثرانداز سپدنۍ۔ خارٕ یہ وژھایہ منٛزۍ کتھ۔ کتھ اٮ۪س ناظمس متعلق چلان تہٕ مدعا

اوس یہ زِ ناظم ہندِین نعتن منز چھِ کینہہ شعر شاعر سندِین ذاتی دوکھن تہٕ غمن ہندی غمازی تہٕ یہ دوکھ تہٕ غم چھُنہٕ شعرکس منز وُستھ ذاتی گدرُن روزان بلکہ چھُ اجتماعی رنگ رٹان ۔

ناظمنہٕ نعت پرِتھ چھُ ماننُ پیوان زِ تس چھِ فارسی تہٕ عربی زبانی ہنز جان پارٕ زان آسمٕژ ۔ تس چھُ یمہِ کتھہ ہُند تہٕ احساس اوسمُت زِ نعتکہ اشعار کمہِ (NATURE) خاصیژ ہُند گرژھِ آسُن ۔ اُمی سندِین نعتن منز چھِ عربی تہٕ فارسی لفظ جایہِ جایہِ نظرِ گژھان مگر یمہِ ہند ورتاو چھُ کاشرِس مزاجس عین مطابق تہٕ پرن والس یا بوزن والس چھُنہٕ یہ ورتاو غارفطری باسان ۔ کینژن لوکن ہُند چھُ یہ ونُن تہٕ زِ فارسی تہٕ عربی لفظو ورای چھُ نعتک تصورُے نامکمل ۔

ناظمَن چھُ قرآنی آیاتن تہٕ ترکیبن ہندِ ورتاوِ سٍتؠ نعتن پُرٲثر تہٕ پُرتأثیر بناوان ۔ اَمہِ قسمکین شعرن منز چھُ ناظم حضورنٛ ہند حسن و جمال خُبنجہِ ابدی کہوچہِ کھالِتھ تہند سراپا پیش کران ۔ یہ سراپا نگاری چھےٚ علامتی رنگ رٹِتھ با ایمان تہٕ باذوق پرن والین چشمن طراوتھ تہٕ بخشان تہٕ ذوقِ جمالس تہٕ مطمٔن کران ۔

وَاللّیل مویکہ بوے ستین مست زِ عالم
وَالشمس تہندُے جلوے روئہ خسار مدینس
مازاغ چشمن چھکھ نہٕ نیندر از غمِ اُمت
یہ تہٕ سوز گژھتھ روز ہا بیدار مدینس

| | |
|---|---|
| روے پاک تو والضحےٰ | موے واللّیل اذا سجےٰ |
| وصف چشمے تو ما طغےٰ | انّ علیک صلوات اللّٰہ |

لولاکک بر سر چھےٚ تاج
دین دنیا تِنہےٚ کُن محتاج

## قاب قوسین چونے معراج
## اِنَّ علیکَ صلوات الله

ناظم سِندی کینہہ نعتیہ شعر چھِ بصری پیکرن ہِندس صوٗرتس منز پَرن وٲلِس محظوٗظ کران تہٕ کینہہ چھِ موٗسیقی ہِندِس اثرس تحت انبساط فراہم کران۔ یِم شعر پرنچ چیز باسان چھِ تِمن منز چھُ تِمُ سُند بلند آہنگ وول لہجہٕ تہٕ مختلف تخلیقی ول ہِنہٕ اہمیتھ سُند پانے اعلان کران۔ کینہہ شعر چھِ تِتھۍ تہٕ یِم شاعر سِندِ غمہٕ ہتہٕ لہجہٕ تہٕ سوز گداز سِتۍ تخلیقی وجوٗد پراوِتھ چھِ ہیکان۔ تِمۍ سِندِن نعتن منز یوسہٕ نغمگی وۄتلان چھےٚ سو چھےٚ موٗسیقی، غمہٕ ہتس لہجس تہٕ تہِندس سوز گدازس تابع۔

آمہٕ تاوِ عشقنہٕ دۄد میے جگر باوِکمُس حال
مُژرِتھ بہٕ گژھ ہا سینہٕ یے افگار مدینس

عشقہٕ تیر جگرس یِس چون سۄنے
ہوشہٕ زاہنہٕ ییہٕ پتھ تَس سینہٕ افگار
روشہٕ ییتہٕ کرِہے پوشہٕ وتھرُنے
لول آم چونے ہاو دیدار

بادام چشمو حال وُچھ میونے
داد چانہٕ راتھ دوہ چھُس بیمار
بلہٕ کیتھ امہٕ دادِ کیا چھُم لونے
لول آم چونے ہاو دیدار

ناظم سِندِن نعتن منز تہٕ چھِ تِتھۍ شعر نظر گژھان یِمَو شاعرِ ہنز ولاشعوری مجبوٗری کِنۍ مجازی رنگ ہیوٚ چھُ روٚٹمُت مگر کیتھ چھےٚ بنیادی طور حقیقتس کُن اشارہٕ۔

زلف خمن کٲتیاہ مٲری
لولہٕ تب بچھِ اُمی شہمٲری
پٲری لگے چھم بے قرٲری
ان علیکَ صلوات الله

ناظمؔ چھُ اکھ توت عاشقِ رسولؐ اوسمُت ہنٛہ امیکُ ثبوت چھُ یمہِ قسمکی

شعر۔

سوے جاے بہتر پیشِ حق از کعبہ و از عرش
یتھ جایہ بہتھ پانہٕ سُہ سردار مدینس

یا رسولؐ عشقہٕ نار ژٔز میانٮ۪ن تن تے
کنہٕ بوز للہ وَنہٕ ہے زار
سنہٕ منٛے کوٚرنم چانٮ۪ن عشقن تے
کنہٕ بوز للہ وَنہٕ ہے زار

ناظمنہٕ نعت پرٕتھ چھُ انسان یہ کتھ تہٕ محسوس کران زِ سُہ اوس حضورنؐ اکھ کمل نظامِ حیات چھ علامت تہٕ علمی پیکر زآنتھ فدا تہٕ یتھ کتھہٕ پیٹھ اوسُس محکم یقین زِ تمام دادن تہٕ مسلن ہُند دوا تہٕ حل چھِ فقط رسولِ اکرمؐ۔

چھہٕ عشقہٕ تیج زان کیہنہ نادان طبیبس
تیٚلہِ بلہِ یہ تب یٚلہِ واتہٕ سُہ تبدار مدینس

